

ہردے کول بھارتی چھُ افسانہٕ نِگاری ہُنٛز وکھر، بدون تہٕ
ماڈرن مثال، یہِ چھُ پرٕن وٲلِس وُچھان وُچھان ہیرِ
بون ڈٲتھ نوان، اَمہِ کھوتہٕ بہتر قلم کٲری ہُنٛز جوٗدٕ گری
کیا ہیکہِ سپدِتھ (امین کامل)

H.K. Bharati's writing career plans about more than half a century, which among other things has made him a sort of "experimentalist". This quality has made his art of story telling like"insignia" of Bharati------a distinguished stylist indeed, Bharati served as a news caster in All India Radio for about 12 year, but then he resigned, becoming first and the only freelance writer (and that way a professional) in J&K State. His number of plays, short stories, features, skits, talks and commentaries put together run in hundreds bearing the insignia of his style.

(Late) Umesh Koul

# طلسمِ خانہ بدوش

(افسانہ سوٗمبرَن)

TILASM-E-KHANABADOSH
A collection of short stories
By H.Koul Bharti

ہردے کول بھارتی

کِتابہ ہُند ناو — طلسمِ خانہٕ بدوش

مُصنِف — ہردے کول بھارتی

چھاپَن ؤری — ۲۰۱۵

پَبلِشر — اِسٹیوڈیو اِن ایکزائِل (STUDIO IN EXILE)

سَر ورق — بھوشن کول

کمپیوٗٹر کمپوزِنگ — Mulsoo Computer Printers
9419615261(R),9596846574(P)

پرنٹر

کِتاب میلنگ پتہ —
E-18 RUDRAKSH
BANK OFFICERS COMPLEX
MAHA DEV NAGAR
JAGAT PURA - JAIPUR -302017

کِتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر

کِتاب گھر کنال روڈ جموں

مول — Rs 350/-

# اِنتِساب

سوپورکہِ بابا یوسف سکولکہِ ناوٕ

یٚیتہِ مےٚ زندگی ہٕنٛزِ گوڈنیٖچ کِتاب پٲرٕ

(ہردے کول بھارؔتی)

# ترتیب


| | | |
|---|---|---|
| 1 | اِنتِساب | 3 |
| 2 | گوڑٕ گَتھ | 6 |
| 3 | أخری خانہٕ بدوش | 10 |
| 4 | جۆٹھ گو پادشاہ | 11 |
| 5 | مرِچ الکیمی | 19 |
| 6 | أخری ویتال گَتھا | 27 |
| 7 | شاٹہٕ ہۆن | 39 |
| 8 | طِلسمات | 45 |
| 9 | گیس بال | 51 |

| | | |
|---|---|---|
| 10 | دۄن اَتھَن ہٕنٛز داستان | 63 |
| 11 | پتہٕ سَپُد یہِ | 73 |
| 12 | شَب گرُد | 77 |
| 13 | اَشرف اُلمخلوٗقات | 85 |
| 14 | تحریٖر | 95 |
| 15 | پلیٹ فارمہٕ یَپارِ پیٹھٕ | 102 |
| 16 | شاہ سوارٕ سٕنٛز دلیٖل | 109 |
| 17 | شٔرز | 133 |
| 18 | کیٚنٛہہ آنہٕ کھَنٛجہِ | 139 |
| 19 | نَحہٕ تَلُک ووپَر | 146 |
| 20 | شِیٖم تَنٕتر | 155 |
| 21 | پَرتیٖتھ | 163 |

# گوڈ کتھ

وار یاہ زیٛوٗٹھ تھک کڈنہٕ پتہٕ چھُ ووٚنی افسانَن ہُنٛد مجموعہ پیشِ خدمت

،یُوتاہ بوٚڈ تھک کڈنُک اوس نہٕ منشا، دَپھ حالاتو تھووُنہٕ 'منشا' تیوٚت خودمختار زِ

اَمہِ حسابہٕ سپدِ ہے کُنہِ کامہِ پٮ۪ٹھ عمل نتہٕ زَن گژھیہِ کتاب حسأبی وار یاہ بڑ وٚنہہ

چھپنہٕ مگر ییٚلہِ نہٕ حالاتنہٕ کانٛہہ حساب روٗدتہٕ کتاب چھاپ سپدنُک حساب

کتھٕ پیہِ ہے برابر!

--------اَتھ مَسلَس پٮ۪ٹھ اَتہِ اور کتھ کرٕنی چھُ فضوٗل اِسلئے چھےٚ دانأیی

زِ اَتہِ یور کروٚ کتھ۔

گھرِ بَدٕ رسپدنہٕ پتہٕ آیہِ وار یاہہِ رنٛگی تبدیلی تہٕ اَمیُک اَثر پیوٚو لیکھنس

پٮ۪ٹھ تہِ، ویسے تہِ ہر گاہ کٔترأیہِ ہمیشہِ سوچوٗزانُن گژھِ سوچنُک حقیقی توانگر چھُ ختم

نٔےتہٕ کمزور ضروٗر گوٚمُت۔

پیشِ خدمت افسانہٕ سوٚمبرٕنی متعلق کیٛنٛہہ وننہٕ بڑ وٚنہہ چھُ یہِ بیان

کرُن ضروری زِ اَتھ منز چھِ کیٚنہہ افسانہٕ تِتھۍ تہٕ یِم اَز برٛونٹھ لگ بھگ ترٛ ہہ پانٛژ

ترٛ ہہ (۳۰-۳۵) ؤ رِ ے برٛ ونٛہہ چھِ لیکھنہٕ آمٕتۍ ،مِثالے

'نَخہٕ تلُک ووپرٛ' ۔ 'شَب گرٛد' تہٕ 'اشرف المخلوقات' ---یِمہٕ افسانہٕ

پرٛنہٕ وِزِ تہٕ یِمن متعلق رائے کرنہٕ وِزِ چھےٚ یہِ کتھ نظرِ تل تھاوٕنۍ ضروری زِ یِمہٕ

چھِنہٕ اَز کیٚو سماجی ،سیاسی یا اِقتصادی حالاتو مُتأثر سپدتھ لیکھنہٕ آمٕتۍ ،یہِ چھےٚ

وکھرِ کتھ زِ یِم پرٛتھ چھُ یہَے احساس گژھان زِ اَز کین حالاتن زیرِ اثر چھےٚ دلیل

تھَنہٕ پیمژ مگر پزٕ ر چھُ نہٕ تہٕ :پرٛن وول ہیٚکہِ اَتھ محض اِتفاق وٕنِتھ مگر ہرگاسہٕ اَتھ

میٛانہِ آگہی ہِنٛز تعبیر کرِ یہِ گژھِ خوش ،انا (Ego) گژھِ ہسم مُطمعین !

میٛانین افسانن منز چھُ ہنا طلسمی عنصر آسان تہٕ کیٛاز میٛانۍ کٔنۍ چھُ اَکھ

فرد بیک وقت دۄن متوازی عالمن منز زُوان ،اَکھ سُہ یتھ منز تَسند آسُن (وجوٗد

)سوکھ دۄکھ ،عیش آرام ،ردوقبولُک سِلسِلہٕ تَس أندی پٔکی عالمس ہِنٛز طابع آسنہٕ

کِس حدس تام جُڑتھ چھُ آسان تہٕ دۄیِم سُہ یُس سُہ صرف تہٕ صِرف پننہٕ

حسیتہٕ Sensibility ہِنٛزِ بالغی تہٕ توانگری پٹھ زُوان چھُ یتھ منز تَسند بن جبلی

عناصری ہُنٛد عمل دخل تہٕ شامِل روزان چھُ ،اَمہِ عالمُک باڈوکیھو بُندِش

دوشوٕے چھِ حیسِچ Sensibility بالغی ،توانگری تہٕ جبلی عناصرن ہِنٛز شِدت

متعین کران ۔ سوٕرے کینٛہہ مُچھِ ترٛاوتھ ہرگاسٔنتھ وُچھو، قرار، بےٚ قرأری، سکوٗن، پریشانی، لذت ۔ یِتھی ہیوٚی چیز چھِ اَتھی عالمس طابع آسان، باضے چھُ یہِ تہِ سپدان زِ سہو اَیا گُنہِ نفسیأتی حادثہٕ موکھٕ چھِ یم اَکھاَکس مُتوأزی آسنہٕ باوجوٗد اَکھاَکی ہنٛدِس بٔنس منٛز داخل سپدان، یہِ ژیوٗہہ چھُ اکثر عذاب دیہہ آسان۔

میٲنین دلیلَن ہُنٛد ماداںِ عمل یا کینٛواس وٕنی توس چھُ اِنسانہٕ ہنٛدین یمہٕ نےٚ دون عالمَن ہُنٛد عکس پیش کران، یُس سرسری وُچھو تہِ گرا آسیبی تہٕ باضے طِلسمأتی باسان چھُ، توے چھےٚ یم دلیلہٕ بظأہر مجرد آسنٛگ بڑم پأدٕ کران۔ کوشِش چھےٚ بہرحال یی روزان زِ جمالیأتی اعتبارٕ سنہٕ وٕنہٕ تہٕ ساختہٕ حسابہٕ صِنفہٕ کنْن کلاسکی میزانَن پیٹھ گژھہہ یم دلیلہٕ پاسہٕ نیرنہِ، تہِ چھا سپدان کِنہٕ نہٕ یہِ فأصلہٕ کرنٛک حق چھُ صِرف پرَن والِس۔

میٲنی یہِ گتھ روزِ توت تام نامُکمل یوٚت تام نہٕ سنیتا رینہ پنڈت تہٕ مکھن لال کنوٗل صأبُن سو دِلہٕ شُکریہ ادا کرٕ یمو وِزِ وِزِ یہِ کِتاب مُکمل کرنس منٛز مےٚ مدد کوٚر۔ آبھار

ہردے کول بھارتی

## ------أخری خانہٕ بدوش!------

اِتھ تتھِ ووت نیم مورِدٕ خانہٕ بدوش بُستی نخہِ، قدم تُجان تیز تیز مگر کھور ڈُولُس تہٕ آو وُکراونہٕ، 'منظر' وُچھِتھ گیٔہ شہر باش أنٛدی أنٛدی جمع، أکی دأنِشمنٛدن پرٛ وژھنَس ''ژٕ کتہِ پیٹھٕ آکھ؟'' ---خانہٕ بدوشَس أس خبَر زِسہُ کتہِ پیٹھٕ آو، تمی کرٕ ونہٕ نَس کوٗشِش تہِ، أس مُژ رووُن وُٹھ تہِ ہلاٗ وِن مگر کتھ فوٗرِس نہٕ، أچھوٕ ستی کرٕن کیٛاہتام باونٛچ کوٗشِش پوٚ زشہر باشن اوس ووٗنی نظرَن ہُنٛد سیرٕ پرُن مُشِتھ گومُت۔ خانہٕ بدوشن کرٕ واریاہ کوٗشِش یہِ ظاہر کرٕنٛچ زِسہُ کتہِ پیٹھٕ آو، مگر أچھ روزٕ وٕ ژھےٚ تہٕ شہر باش رٕوٗ دی لاعلمٕے!----

تَس پھہلیٔہِ أچھَن ہنٛدی لال تہٕ زٕمرجان دانہٕ ہیٚوی أشی پھیٚری دژایہِ دوٕیوَ أچھو۔ اَکھ گوٗ ڈُلوان سٔدرَس تہٕ سأری ہےٕ سٔدرَس گونٛوٕنہٕ آب۔ دوٚیم آو شیلَن چھاونہٕ تہٕ تم سپٕز ریزٕ ریزٕ بالکل ریگِستان۔ ووٗنی چھُ اکہِ طرفہٕ ریگِستان تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ نوٗنہٕ آبہٕ دارسٔدرٕ، درمیأنَس چھےٚ تَس أخری خانہٕ بدشہِ سٕنٛز لاش تیٚمِس پتاہ اوس زِسہُ کتہِ پیٹھٕ آو!

ووٗنی چھُ نہٕ خانہٕ بدوشَس کانٛہہ پرٛژھان زِ آکھ کتہِ پیٹھٕ؟

---

# جۆٹھ گو پادشاہ

اکہِ دوہہٕ آو دَیس ہنگہٕ منگہٕ خیال زِ اَسنَس گو واریاہ کال، دَیس چھُ پانَس اَسُن خوش کران ، اَدِ کَنہٕ گوس ہنا تشویش ہِیُو ۔ ہنا کۆرُن سونٛچ تہٕ بنوُون اِنسان ۔ اَدِ سُہ دۆہہ تہٕ یہِ دۆہہ تَنہٕ وۆتُس برابر اَسان ۔ یێلہِ تہِ ہنا تھکھ چھُس گژھان، ہێرِ پێٹھَے چھُ بون زمینہِ پێٹھٕ نظر تڑاوان، کێنٛہہ نتہٕ کێنٛہ چھُ اَسُن لایکھ ضرۆر چلان آسان ۔ نیلہٕ چھَس گژھان اَسی اَسی ۔۔۔۔ پانَس چھُ پانَے مَٹھ مَٹھِ دِوان زِ اِنسان ڈٕپِتھ کیاہ چیز چھُم تخلیق کۆرمُت ۔

یِمنٕے تخلیقاتَن منٛز دژ اواَکھا، یَس دپان اکبرٕ ۔ اکبرٕ ڈٕپِتھ گو موغل یہِ ڈٕپِ زِ تہِ موغلہِ اعظم ۔ دَپان چھِ نا موغُل ڈێنٛشِتھ گژھِ فارسی پھورُن ، یہِ اوس تِموِ منٛزٕ اکھ یَس ڈێنٛشِتھ فارسی پھوران اوس نہٕ ۔ ڈٕں گو آسان کانٛہہ بیربلا یَس پھوران چھُ تہٕ یہَے چھُ حقیقتاً راج تہِ کران، مگر سو دلیل چھے وَکھرٕ !

یتھ پأٹھۍ دِیَس اکہِ دوہہ ہنگہِ منگہِ خیال آو، بلکُل تِتھے پأٹھۍ آوا کہِ دوہہ موغلہِ اعظمس تہِ اچانک خیال تہٕ پرٛژھُن بیربلس

"بیربل دپان جوٗٹھ گو پادشاہ!"

بیربلن بوٗزتہٕ دُیٹھن گنہٕ ڈول، جواب اوسُس پَے پوٗز معاملہٕ اوس ہنا نوٗزُک پہن، اِوٕ کنٕ زوٗنن کُلس ڈیوٗل لاگنۍ جان۔ گتھ ڈاٗلتھ ووتھُس "جہاں پناہ، مےٚ زٕن باسان یہِ تان سین چھُ ووٚنی بیٛسوٗرِ گوان، کرِہوس ناوٕ ظیفہٕ بنٛد؟"

گتھ بوٗزِتھ آو ستمہِ (۷) اسمانہٕ دِیَس ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن، پوٗز دیہِ سُند اُسن، صرِف بوٗزدِتا ہوتہٕ موغلہِ اعظمن نہٕ کیٛنژھ۔۔۔!

موموٗلی راجواڑٕ تہِ چھِ ترُکی آسان تہٕ موغلہِ اعظمہٕ سٕنز چھےٚ نہٕ گتھے تس تورفکرِ زِ بیربلٕ چھُ گتھ ڈالان، تَس رۄٗدکانہِ تَل تہٕ ہنابتھ ترٕ گُرگرِتھ ووتھُس۔

"بیربلٕ ژھُکھ گتھ ڈالان تہٕ یہِ چھُ نہٕ شاہی آداب" بیربلن ژھُن موغلہٕ سُند موٗڈوٗ چھِتھ کلہٕ بون مگر موغلہِ اعظمن پھیٛوٗرِ پٕتن سوال دُبارٕ۔۔۔"بیر بلٕ، دپان جوٗٹھ گو پادشاہ"

"جِناب گواَے تہٕ تتھ چھا کیٛنژھ شک زِ" بیربلس ژول ہکہٕ نیرِتھ۔ کیٛنژھا زوٗلرٕ تہِ کیٛنژھا نوکری ہنٛدِ امارٕ!

''اچھا !'' اکبرنؔ کر بیر بلہٕ ہِندِس جوابَس پیٹھ حٲرٲنی ظاہر۔

''یِیلہِ جوٗٹھ پادشاہ گوٗتیٚلہِ کَم چھِ اَسی ؟موغلہِ اعظم کُس تہٕ کیاپچھُ تیٚلہِ ؟''

''حضوٗر توٗہی تہِ چھِوٕ پادشاہ -- تاجدارِ ہِند'' بیر بلَن کر نار

ژھیٚوراوٕنچ کوٗشِش۔

''تہِ رکتھٕ پاٹھی بنہِ ؟'' اکبرنؔ کوٗر ریٚیہِ سوال تہِ ہیٚرِ آوسُتمہِ اسمانہٕ

دَیَس بیٚیہِ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن ---سہ اوسا بیر بلہٕ ہِنٛزِ بےٚ بُسی پیٹھ اسان رکنہٕ

اکبرہِنٛزِ بیوقوٗفی پیٹھ رکنہٕ دوٗشوٕنی پیٹھ ،اَتھ مُتعلق سکہٕ وُنی چھُ ناممکِن ،دَیہ سُنٛد

اُسن ! دَیی ہکہِ جواب دِتھ ! ---امہِ پتہٕ کر بیر بلَن پنٕنہِ گردن تہٕ نوکری بچاوٕی

بچاوٕی تہٕ شاہی آدابَن ہِندِس دٲیرَس اَنٛد ر اَنٛد ر روٗزِتھ وُلتھ مُلتھ تَس یہِ

سمجھاوٕنچ پوٗرٕ پوٗر کوٗشِش زِ جوٗٹھ رکتھٕ پاٹھی گو پادشاہ تہٕ بیٚیہِ یہِ زِ جوٗٹھس تہٕ

موغلس چھُنہٕ پانہٕ وٲنی کانٛہہ تعلُق ---پوٗز موغلہِ اعظم ،شکھ گژھنہٕ گُنجٲیش

روزٕنی ۔تَس یوٗت تام نہٕ سکہٕ ثبوٗت آسہِ ہےٚتہٕ تام مانہِ ہےٚ سہ۔ کٲفی خوشکبتھ

کھسنہٕ پتہٕ کر بیر بلَن ہارِتھ ہیٚوٕ ژھوپہٕ تہٕ موغلہِ اعظم ووٗتھس ہنا سختی سان --

''بیر بل ہفتچ چھےٚ موٗحلت ۔ہفتس اَنٛد ر اَنٛد ر ریہِ زِ ژٕ یِیمہِ سوالُک ٹھوٗس جواب

ہیتھ دربارَس منٛز زِ اگر جوٗٹھ پادشاہ گوٗتیٚلہِ کَم چھِ اَسی ؟''

موغلہِ اعظم سُنٛد حکُم بوزِتھ آوسُتمہِ اَسمانہٕ دَیَس ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن ، نیلہٕ گٔیَس اَسان اَسان ۔۔۔مگر بونہٕ گیہِ بیر بلس فرمان بوٗزِتھ گلہِ زبوتہِ نٹان نٹان دڑاوکورنش بجاأوِتھ گرٕگُن ۔

تڑأوی تون یہِ سوچُس ہتِ ۔یپأرِ آوسُتمہِ اَسمانہٕ دَیَس بیٚیہِ اچانک خیال ۔۔۔دَے گودَیلی مُشِتھ چھُس نہٕ کیٚنٛہ گڑھان ۔سوٗنٛچا کوٚرُن ”ہتایہِ اِنسان بچارٕ یوٗت چھُم اَسہٕ ناوان ،سورُے تھکُن تہٕ سأرٕے تلخی تہٕ کڑٕ تچھر چھُم مُشراوان ۔اَسٕزِ یہِ صلاحیت پزِ تسلیم کرٕنی ، کیٚنٛہ حوصلہٕ افزأیی پزِ أمِس کرٕنی“ دَیہِ سٕنٛز دَیہِ گتھ ،تَسُنٛد خیال یُنے یوت زِ زبردست جلسُک اہتمام سپُد ۔أتھی مَنٛز سپُد اِنسانَس فرمان جأری زِ اشرفالمخلوٗکات چھُکھ !پوٚز ژٕ کہِ اِنسان دَیَن پننہِ اَسنہٕ خاطرٕ بنووُمت

ہیہِ ہے تنان تہِ زیری تہٕ تران تہِ زیری ۔۔۔؛میٚوٗ نڈ کھَنٛڈ گوس زیادٕ تہٕ پھٹنٛس یوان ۔اشرف اُلمخلوٗقات آسنٛچ سَند وُچھتھے زَن آس مَڑر ،موٗنٛہن تھوٗن نہٕ میٚڑ گُنہِ ،گرادوٚپُن پٔژری سُند اولاد چھُس تہٕ گرادوٚپُن دَے کیاہ تہٕ بہٕ کیاہ سُہ گوس بہٕ تہٕ بے گوس سُہ !۔۔زندہ بادتہِ کوٚرُن پانَے تہٕ مورد بادتہِ پانَے ۔زِنٛدٕ روزنچہِ یٔیژھ شٔبیلہٕ گژن تِمہِ کھوتہ زیادٕ گژن مرنچہِ ۔یتھُے تڑیم عالمی جنگ لگہِ مرَن والین

ہُند تعداد روزِ فی منٹ اَکھ کرور۔ یِی یِیلہِ دَیَن بۄزتہٕ أسی أسی گَیس نیلہٕ، پأنٛ پانَس کوٗرُن مرحبازِ "نمونا" بنوٗوم!

یِمہٕ وِی نموٗنو منٛزٕ اَکھ نمونا موغلہِ اعظم، یِہ موغلہِ اعظم تہِ کتھٕ پأٹھی سپُد رحمتِ حق تہِ چھُ سارنٕے پتاہ مگر بیربَل کتھٕ پأٹھی سپُد سورگہٕ واس تہٕ چھےٚ خالٕے کأنٛسہٕ تۆرکس خبر، سپُد یِہ زِ بیربَل یُتھےٚ کلہٕ نومرأوِتھ گرٕ کُن دژاو یِہ فکرِ لجِس أتھرِ ہنٛدی پأٹھی أندرٕے کوٗرنہٕ زِ ہفتہٕ ختم گرٕھتھ کیٚا دِمہٕ سُتمہٕ دوہہٕ پادشاہَس جواب۔ نہٕ اوسُس ژلنَس وار تہٕ نہٕ گلنَس وار۔ اَمی فکرٕ کوٗرنَس سکوٗت، نہٕ روٗدُس کھینَس رغبتھ تہٕ نہٕ چنَس، اصلی زان آب دانہٕ موٗمتی گلیمتی کھیٚہ کیٚنٛدِ مالہٕ پٮ۪ٹھ۔ بیربلَس موژأویہ ذُپٕ زِ تہٕ کوٗنڈٕے یوت۔ رسہٕ رسہٕ گیہِ دوہہٕ نِکھ یوان تہٕ سِتی گوٚرَسہٕ رَسہٕ بیربَل تہِ زوٗرٕنگی پتھ پتھ گرٕھان۔۔۔۔ أخرَس آو سُہ دوہہ تہِ یِمہِ دوہہٕ بیربلَس جواب ہیتھ دربارَس منٛزٕ پیش اوسُ سپدُن۔ سأری دربأری کیہو اُمرا گیہِ سُلہِ صُبحائے یِمہِ چاۂ دربارَس منٛزٕ حاضر زِ ازٕ ہانیرٕ بیربلَس سأرٕے کأرکُل تہٕ بیربلَن تہِ کوٗر پننہِ جایہِ فأصلہٕ زِ ژلنہٕ کھوتہٕ چھُ گلہٕ نےٚ بہتر۔ سیٚدِ سیٚوٗ ددِمہٕ پادشاہَس جواب، اَدِپتہٕ اَکہ گرٕھن یاوانگن۔ اَمی اِرادٕ کوٗرُن پلنگہٕ پٮ۪ٹھٕ ووٚدٕ تھنٛج کوٗشِش، مگر فاقو أسُس نہٕ سامرتھ تھاوِ مژٕ گنی گتہٕ آس

ژیۆتھ زِ درٛس گرِتھ آو پتھر لاینہٕ تہٕ اُتھی ستی دُیتُن امانت، پادشاہَس یہِ وَنُن اوسُس تہِ روٗدُس اَندرَے۔

اَتھ مُقامَس پیٹھ چھےٚ سوچُن کتھ یہِ زِ اَتھ واقعس پیٹھ آسیا سُتمہِ اَسمانہٕ دَیس اُسن آمُت کِنہٕ نہ؟ عام خلقن کیاہ رائے چھےٚ اَتھ مُتعلِق تتھ چھُنہٕ کانٛہہ مانی، دَپھ تُرکبن ہُند خیال چھُ زِ تَس آو ژیۆت اُسن زِ ہلی کانٛہن گوس گرُس !تَس کیاہ زِ آو اُسن، تی گوسیرِ مولے! تَتھ ماووت کانٛہہ؟

یپٲرِ یِیلہِ بیربل ُیمہٕ داتو' زِ ترگیپت ہِندِس دربارس منٛز پیش کوٚر، اَمہِ بۄ وُنہہ زِ زِترگیپت کھولہِ ہے تِسنٛز کرمہٕ بہی، بیربلن کوٚرس گلی زِ گنٛڈِتھ عرض زِ ''رازن، موغلہِ اعظمہٕ سُند چھُس نمک خوار روٗدمُت، تِہندِس اَکس سوالس روٗدُم جواب دِنَے اَو. موکھٕ گوٚژھ توٚت تام مے مُتعلق پرٛتھ کانٛہہ فأصلہٕ مُلتوی کرنہٕ یِن یوٚت تام نہ بہٕ تِہندِ سوالُک جواب دِتھ نمک حلأ لی ہُند ثبوٗت دِمہٕ'' عرض بوٗ زِتھ رُکوو زِترگپتن اَتھ، بیربلَس گرٛن ہیرِ بون نظرا، تِہنٛز حالتھ ڈیشِتھ آس آرِ ے تہٕ بہی واپس تھوان وَونہٕ نَس ''تتھاستو، تی سپدِ''۔

یپٲرِ گو موغلہِ اعظم تہِ بیربلہٕ ہِندِ ہیہہٕ کینٛژ کأ لی رحمتِ حق! شایانِ شان طریقس منٛز آو ماتم کرنہٕ تہٕ شاہی اعزازٕ سان آو موغلن وُڈراونہٕ۔نکیر

مُنکر سَپدی موغلہِ اعظمہِ سِنز شاہی قبرِ منز ظاہر ۔ ملأ یک ڈیشتھ گوموغلَس بڑ ژٕس
کھنڈس پانَس تہِ فارسی بولُن مُشتھ ۔ پوٚ ز اٰخرس موغلہِ اعظم ، موردے زَن اوس
شاہی تیٖہہ کوٚت گژھھس ، جُرتَس کاٗم ہیٚتھ بوزناوِن بیر بلَن سوٗرے قصہ وبستار
سان ۔ گتھ بوٗ زِتھ سوٗنچ ملأ یکوٗ تہِ زِ پوٚ زے چھُ یوٚت تام نہ موغلَس سوالَس
جواب میلہِ توٚت تام روزِ بس روح درعذاب ، پوٚ ز بیر بلہ سُند معاملہ اوس ژِ تر
گُپتَس نِش ، اوٚ مو کھ لوٚگ کاروٲیی ہناز تچھر پہن ۔ چھیکرس آیہ دوٚشوے اکھ
اکس سمکھاونہ یتھ سینہ صفأیی تہِ سپدِ تہ نمک حلأ لی ہُند ثبوٗت تہِ میلہِ موغلس
ستی یہ مُلاقات وُچھتھ آو دیس ٹھاٹھا کران اُسن !

رسمی خاٗر پاٹھ پتہ وٚوتھ موغل بیر بلس "بیر بل ، اَسہِ اوس نہ ژے نِش
یہ توقع ، سوالس جواب دنہ بغاٗرِ ے تھٲوتھ لوٚ تہِ پاٹھی لٹ ...... یہ تہِ سوٗنچتھ نہ زِ
أسی مارو زوٚ پیاران"

بیر بلن وُونس ہنا پشیمان ہیٚو سپدِتھ "تہِ چھےٚ نہ دلیل عالم پناہ ، پزٕر
بوٗ زِ وٚینہ یور آس تنہ ووٚتم توٚ ہی پژاران ، تُہنٛد سوال چھُم وُچھس پیٹھ زن پہاڑ
---"

" تیلہِ دِ جواب" موغلن وُونس تنگ ہیٚو یتھ "وَن ہرگاہ جوٚ ٹھ گو

پادشاہ تیلہِ گم چھِ أسی ؟''

دپان روح چھُ زمانہٕ، مکانچہ بٔنڈِشہٕ نِشہٕ آزاد آسان یوٚت ییمہِ ساتہٕ مرضی گژھکھ توٚت تمہِ ساتہٕ ہیکَن گژھِتھ، تہٕ واتنَس چھُکھ نہٕ بڑُز تہٕ لگان۔

''عالم پناہ، وٗلو مےٚ ستی'' ونان ونان گٔر بیربلن وُمبرِ منٛز گوڈ ٹِکہِ پھِرِ شأہی آدابہٕ نبر نیرِتھ موغلہٕ اعظمس نِرتھِچھ تہٕ پکہٕ نوٗون پانَس ستی۔ موغلن تہٕ کوٚرُس نہٕ واد، زَن اُس تَس خبر زِ کوٚت نیم ۔۔۔ بیربلن کوٚر جایہِ ہُنٛد خیالے یوت زِ اُچھ ٹھوارس منٛز وأتی اوٚبرِ لنگو پیٹھی دوٚشوٚے فلسطین، موغل زِ ہے ۔۔۔ اَکی نظرِ توٚرُس نقشہِ فکرِ، بیربلن کوٚر بیا کھٹوار زِ عراق ____ موغلس ہیوٗتُن نہٕ وُنہِ تہٕ منشا سمجھس ین،،، بیا کھٹوارِ ے تہٕ کشیرِ ___ قدم ٹھہرأوِتھ ہرُ دو بیربلن کیا ہتام وَنُن زِ موغلن وُنُس ژٕ ٹوٗنی گرِتھ ''بس سوالس میوٗلُم جواب

____ دزایہِ پھُٹھ گتھِ''

ونان ونان آیہِ موغلس مَرنہٕ پتہٕ أشی ٹارِ ۔۔۔ مرنہٕ پتہٕ! یہِ وُچھِتھ آو دِیس تیوٚت زورٕ اُسن زِ آواز بوٚ زموغلَن تہٕ۔

--------

# مرِچ ال کیمی

سہٕ کتہِ کالہٕ پیٹھٕ اوس مےٚ ستہٕ روزان ، تہِ چھُم نہٕ ٹھیک پأٹھۍ یاد، شاید تنہٕ پیٹھٕ ینہٕ بہٕ حسبہٕ پیٚوس ، یاشاید تمہِ تہِ برونٛہہٕ ،شاید زہنہٕ پیٹھٕ ، وثوقہٕ سان ہکہٕ نہٕ کینٛہہ وٕنِتھ ، پوٚز سہٕ وُچھ میٚے ہمیشہِ میانِن سوچَن ہنٛد دوٕیمہِ بٔتھِ ، حالانکہِ سہٕ تہٕ بہٕ أسۍ اِکہٕ وٹہٕ لسان بسان بٔلکہِ اگر یہٕ تہِ وَنوٕ زِأ کِ ہیے مُرِس منٛز أسۍ آباد تہٕ کینٛہہ زیادٕ غلط تہِ آسہِ نہٕ : اِکہٕ وٹہٕ کھوٚن چوٚن ، اِکہٕ وٹہٕ ووتھُن بہُن ۔۔۔ بَس تضاداگراوس تہٕ سہٕ اوس صرِف سوچَن منٛز ، بہٕ ونہٕ ہا پہاڑ تہٕ سہٕ اوس سمندر ونان ، بہٕ ونہٕ ہا دوٚہل تہٕ سہٕ راتھ ، بہٕ سوچہِ ہا بہار تہٕ سہٕ اوس ہردَس تأریف کران ۔ بہٕ ہرگاہ ونہٕ ہا پوش چھُ سوٗندر آسان سہٕ اوس کنڈٕ بن قصیدٕ پرٕنۍ شروع کران ، بحث اوس لاگان تہٕ میٚے پسپا کرنہٕ خأطرٕ اوس

نۂ سہ ُعاٸلمانۂ دلیلَو پڄھِ ناسزاتۂ بدرد ونۂ نَس تام تِہ گُریز کران۔ تِتھںٜ موقعن پڄھ سہ ُژھوپہ کرنا ونۂ خاٸطرِ اوس میٚ تَس اَکھ ژھوٚٹ گنٛڈ روٗٹمت، بہ اوُسس عاٸجز یِتھ تَس تھپھ ٹُلنۂ خاٸطرِ ونان '' ٹھیک چھُ ژِ ترٛاو میٚ پِنٛنی حالہِ!'' اَتھ ژِ ترٛاو میٚ پِنٛنی حالہِ، جُملَس منٛز زَن جاذِ یُک ہیٚو تاٸثیر اوس، سہ ُ اوس یکدم ژھوٚپہ کران، زِن بولنٛگ طاقت اوُسس یکدم ختم گژھان، بُتِھس اٸسس لبدرِ ژھٹھ پھیران تہٕ میٚ اوس یہِ وُچھِتھ پنٕہ نِس ذٕپس پڄھ افسوٗس گژھان۔ سہ ُ اوس زَن أندری ژٕمِتھ ہیٚو خبر کَمن غوطن گژھان تہٕ بہ اوُسس اِتھںٜ موقعن پڄھ بےٚ مطلب نظرِ ہٹاٸوِتھ لبہِ پڄھ چھپکلی مُدَ ے گنٛڈِتھ وُچھنہِ روزان، یہِ چھپکلی اُس بَجلی بتہِ أنٛدی أنٛدی گَتھ کرن واجتںٜ مچھَن تہٕ مَہںٜ بالکل بےٚ حرکت زاگہِ آسان، تِتھںٜ موقعن پڄھ اُسی اُسی دوٚشوٚے عموماً بتہٕ کھیٚنَے شوٗنگان۔ مگر یہِ سوُرے سپدنۂ پتہٕ تہِ اوس سہ ُ میٚانںٜ سوچن ہنٛدِ دوٚیمہِ بُٹھی روزان۔

''میٚ ترٛاو تہٕ ژٕ پِنٛنی حالہِ'' اَتھ مختصر جُملَس کیٛا سنا اوس یُتھ زِ اٸمس اوس یہِ یوٗت سٔنِتھ گژھان، تہِ توٚرنۂ مےٚ توٚت تام فِکرِ یوٚت تام نۂ اَکہِ دوہہٕ سہ ُ پَزی میٚاٸنِس حالَس پڄھ مےٚ ترٛاٸوِتھ گَو، تَمہِ دوہہٕ تہِ اوس سہ ُ میٚانںٜ سوچَن ہنٛدِس دوٚیمس بُٹھِس پڄھ! تہٕ پرٛتھ دوٗہکی پاٸٹھی گوٚ مےٚ تماہ زِیہِ تہِ گوٚژھ یٛمہِ

بٹھِ یُن تہٕ پڑتھ دۄہکی پاُٹھی گرٕتمی تہٕ کوٚشِش زِ بہٕ گوژھس تٔسنٛدِ بٹھِ ترُن، پڑتھ دۄہکی پاُٹھی کوٚرٕتمی بہٕ قاُیل کرنہٕ خاطرٕ عاُلمانہٕ دلیلو پیٹھٕ بد ردوٕنٛس تام پڑتھ ہتھیار اِستعمال تہٕ دوہہٕ دِشہٕ ہندی پاُٹھی وۄنُس مےٚ پتھ بڑوٚنہٕ وُچھنہٕ بغاٗر "ُبس ژٕ تژ اومیےٚ پننہٕ حالہٕ!" پڑتھ دوہکی پاُٹھ گرٕتمی یکدم ژھوپہٕ مگر پڑتھ دُوہکی پاُٹھی نہٕ پھیرتَس لبدِ رِژھٹھ تہٕ نہٕ گوغوطن ہیوٚ بلکہٕ وۄتھلوٚ تہٕ پاُٹھی تہٕ دژاوکیٚنہہ ونہٕ بغاٗرے کمہٕ منٛزٕ نبر

سہٕ دوہہ تہٕ اُزُیک دوہہ، سہٕ پھیوٚرنہٕ واپس تہٕ مےٚ گوگوڈنچہ لٹہِ احساس زِ یٚیلہِ کانٛہہ پَننی حالہٕ تژ اوون تَس کوسہٕ پرٕوٕنی ناوچھےٚ گرٕھان، شاید ما آسہِ ہے اَمی احساسہٕ تَس لبدِ رِژھٹھ پھیران۔ زانہِ دَرے کیٛاہ کیٛاہ معنی تہٕ مطلب اوس سہٕ اَتھ مختصر جُملَس ستی وابستہٕ کران، شایدیہِ زِ بہٕ گوژھسَن نہٕ سہٕ بیوٚن کرُن یا بے گرٕھِ الگ تہٕ پرٕوٕنی ناوگرٕھسم۔ مگر اَکھ کتھ ترٕنہٕ مےٚ زانٛہہ فِکری زِ تٔسنٛدِ خاطرٕ کیٛا اوس اَہم، میٛاُنی ذات کِنہٕ پَنُن وجوٗد؟

تٔسنٛدِ گرٕھنُک دوکھ اوس مےٚ بےٚشک مگر تٔسنٛزِ غاٗر موجوٗدگی منٛز باسوٚنہٕ مےٚ پَنُن پان زانٛہہ کُن یا تنہا تکیٛا زِ بستی اَس لوٚکٹ تہٕ پڑتھ اَکھ اوس زاُنی کاٗرے باسان، بہٕ اوسُس قریب قریب مُطمعین۔

مگر أتھی منز سپد اچانک کیاہتام زن بُستی یکدم کاڈ کوڈتہٕ باڈوگوس

بوڈ، پھٔہلان پھٔہلان بنیہٕ بُستی شہرتہٕ شہر بنیا وماہانگر۔ مِلن تہٕ فیکٹرین ہنز چمنہٕ

آسہٕ ژوٲپاری دہی لمبکھ تراوان نظرِ گژھان ، گاڈ بن ، موٹرن رۄدنہٕ

شُمارٕ ے ______ سڑکہٕ گیہ کھجہٕ تہٕ مکانن بنیہٕ مندورٕ ، فُٹ پاتھ أسی وونی

ڈوہلہٕ کھوتہٕ زیادہٕ روتلس آباد روزان تہٕ وُچھان وُچھان گیہ بُتھن ہنز پہچانٕ

لاپتاہ، پڑزٕ نتھے گیہ ختم ۔ خبر کوت گیہ تم بُتھی یم وُچھتھ پانہٕ نیارُک گُنمیارُوٹھن

پیٹھ اوس پھولان ۔ خلقن ہنز ہیٕر پر ے بیلہٕ جنگلک احساس دِیہ تیلہٕ چھُ نکھ

تلگ تہٕ وو پر باسان ۔ تہٕ وو پر بُتھن ہندِس أتھ جنگلس منز باسیو ومے زن

وتہٕ رووُمت چھس ۔ وو پر أزی ہندی أمی احساسن پوُوم شِدتہٕ سان سہ یاد

یُس ہر ہمیشہٕ میانن سوچن ہندِ دُویمہٕ بُتھِ روزان اوس تہٕ مے کوٕر پننہٕ گنزرِ

خاطرِ ۔۔۔ صرف پننہٕ گنزرِ کہٕ احساسہٕ تُسند تلاش دوبارٕ شروع ، مگر بہٕ اوٕسن سہ

صرف بُتھِ تلہٕ پڑزٕ ناوان ، میانہٕ خاطرِ أسی تسنز شناخت سرف تُسند بُتھ تہٕ أتھ

شِناختس اوس نہٕ وونی کانہہ معنی مطلب رۄدمُت ۔

مے اوس پوٗختہٕ یقین زِ سہ چھُ زِندٕ ، یتھی شہرس منز چھُ ، مے نخہٕ چھُ مگر

توتہٕ اوس سَن نہٕ بہٕ سہ پڑزٕ ناوِتھ ہکان تِکیازِ تمی سنز پہچان أس میانہٕ

خاطرٕ صرف تٔسنٛد بتھ، تہٕ یِیلہِ بُتھن ہٕنٛز حقیقت بجلی کوٚتِس پٔتھ مرنہٕ (چِکاونہٕ) آمتہِ پوسٹرٕ چ (Poster) ہٕش آسہِ، یَتھ پٔتھ پٔرتھ دوٚہہٕ نوٚو پوسٹر (Poster) مرنہٕ چھُ یِوان، بتھِ پٔرٕ زِناوُن چھُ ناممکِن گژھان، مےٚ گو نہٕ یَتھ کتھِ کُن زِنٛہے ظوُن زِسہُ ماچھُ بتھِ علاوٕ، شکلہِ علاوِ تہٕ بیٚیہِ کینٛہہ!

لبہِ پٔرٕچ یہِ چھکلیٚ یوسہٕ دوہے بجلی دزٕوُنے، لمپس اَنٛدی اَنٛدی گَتھ کرَن واجینٛ مچھَن کھینہٕ خاطرٕ زَن لبہِ منٛزٕ ے اچانک پھٹان چھےٚ اَس اَزمےٚ شِدٕ تہٕ سان باس دِوان ز، شناختہٕ خاطرٕ چھُ نہٕ صرِف بُتھیُک آکارتہٕ ناک نقشہِ یاد تھوَنُے یوت کأفی: لبہِ پٔٹھچہِ اَمِس چھکلیٚ ہنٛز جایہِ ہرگاہ بدَل کانٛہہ چھکلیٚ اَتہِ نَس بیٚہہِ بہٕ پٔرٕ زِناوَن یکدم زِ وٕ پرَ چھکلیٚ چھےٚ، حالانکہِ مےٚ چھےٚ نہٕ اَمی سٕنٛز شکل زٕہنٛہے سٕنٛتھ وارٕ پأٹھی وُچھمٕژ تہٕ ہرگاہ وُچھِ تہٕ تہٕ یاد گٔتہِ روزِہم؟ مگر تہٕ اَستھ تہٕ چھُسَن بہٕ یہِ پٔرٕزناوان تِکیا زِبہٕ زانَن یہِ ٹھیک پأٹھی، اَمِس چھُ کیاہتامتھ یُس اَمِس باقیو نِشہِ بیٚوٚن چھُ کران، کُس تام مُنفرِد، کُس تام ذأتی وصف، اِدٕ خراب یا جان مگر بالکل ذأتی!۔۔۔خبر یہِ بالکل ذأتی ''کیاہتام'' کیازِ آونہٕ مےٚ تٔسنٛد بوزنہٕ۔ مےٚ کیازِ زوٚن تٔسنٛد بُتھ تٔسنٛز شکل یاد تھوٕنی کأفی؟ شاید اوٕ موکھ زِسہُ اوس ہمیشہِ میٔانٛین سوچن ہٕنٛد دیمہِ بٕتھ روزان۔ اَز اوس میانٛین سوچَن ہُنٛد

دۄیِم بۄڈٕ بالکُل خٲلی، صِرف شُنیاہ تہٕ وٲران ۔ شایداوس دۄیِم بۄڈٕ تسٕندی

دمہٕ آباد۔

پرٕ ژھیۆن گژھتھ ترٕ اوٚے آشی زِبہٕ کیالَبن سہٕ دُبارٕ ۔۔ ہٲرِتھ سَپدُس بہٕ تہٕ لۄکَن ہنٛزٕ بیرِ ہیرِ منٛز شٲمِل ____ کُنرک احساس کَم کرنہٕ خٲطرٕ اوُسس بہٕ ووٚنی پرٕتھ لۄکہٕ کھٕلِس منٛز شٲمِل گژھان، عجیب تہٕ خطرناک ووٚتل بُجہ کران ۔ اَدٕ سہٕ فسادآسہِ ہے یابلۄ گری، پتھراوآسہِ ہے یالۄٹھ مار، بہٕ اوُسس اَتھ کھٕلِس منٛز پیش پیش روزان تہٕ ییٚمہِ دوٚہہٕ میٲنی گنہِ ستی بجہِ مندورِ ہُنٛد بۄڈ شیشہِ "دچھَن"، گرِتھ ہیرِ پٮ۪ٹھ وُکراونہٕ آو تہٕ بونہٕ گرِن سارٕے زمین زخمی، مے باسوٚ زِپرٕتھ، پرٕتھ سوٗرت چھےٚ مے پرٕزِناوان۔ آوازَن ہنٛدِ سَنہٕ کرٕ ژیرِ منٛزٕ گیہِ میٲنٛی آواز بازگشت، یوسہٕ سارٕوے بوٗز، 'فلکھ چھُ مے پرٕزِناوان'، اَمہِ احساسہٕ کہِ لذتہٕ گوس بہٕ کُنی ووٚتہِ کھٕلِس منٛز سارنے برٕ ونہہ نیرِتھ۔ ووٚنی نَہ اَسی کُنی لاینہٕ وِزِ مے اَتھہٕ نٹان تہٕ نَہ اوُسس بہٕ بلۄکرنہٕ وِزِ اَندرٕ کانٛہہ پَس وپیش ژینان!۔۔۔ کُنہِ ہرگاہ مے چوٹ لگہِ ہے، کانٛہہ اَنگ رَتہٕ داٲوی گژھِ ہے یا کُنہِ اَڈی جہٕ تاس یہِیہ ہے، دَگہٕ ستی اوس مے یہِ احساس زیادٕ گنان زِ بُتھِن شکلَن ہنٛدِس یتھ اَنتہٕ رِستِس سمندرَس منٛز چھُ صرف میون بُتھ، میٲنی شکل

یَس وأحِد پہچان چھےٚ !_______ بہٕ چھُس مُنفرِد !

مےٚ اوس ووٚنی سہٕ تقریباً موٚٹھمُت ، یُس میٲنِس سوچَن ہٕنٛد دوٚیمہِ بَتھِ روزان اوس ، ہمیشہِ ، ہر وقتہٕ ! ووٚنی اوس نہٕ مےٚ شوق تہِ زِ سہٕ گوٚژھ مےٚ سمکھُن تِکیازِ میانہِ سوچہِ موجوٗب اوسُس نہٕ بہٕ ووٚنی تنہا تہٕ نہَ اوسُس مُحض اَکھ شکل ، اَکھ صوٗرت

_______

مگر یتھِ پأٹھی سہٕ اچانک میانہِ زندگی منٛز دژامُت اوس ، بالکل تِتھے پأٹھی آو سہٕ اچانک واپَس ، اَمہِ دوٚہہٕ تہِ اوسُس بہٕ کھلِس پیش پیش خبر کیٛا معموٗلی کرنِس دَرپےٚ ، بُتھِ سپُد لاٹھی چارج ، اَمہِ پتہٕ چلیٚیہِ ٹیر گیس تَمہِ پتہٕ شاید گولہِ تہِ _______ خبر سہٕ اوسا لاٹھی چارج دَب کِنہٕ گولہِ ہُنٛد چوٹ ، مےٚ باسیٚو کنہٕ گوٗگلَن تلی زَن نارٕ وُزان ، توٚت توٚت خون ووٚتھ ڈبکہٕ پیٛٹھی بُتھِس لکیرِ کھینچان تہٕ بوٚنہٕ گوٚ سڑکہِ ہٕنٛزِ لَرِ ژھِ منٛز جذب ۔ زنگہٕ زَن ڈیٚلیٚیہِ جوڈن نِش تہٕ اَمہِ بروٚنہہ زِ بہٕ یمہٕ ہازمینہِ پیٹھ وُکراونہٕ سہٕ سپُد اچانک خبر کیٛا آری نموٗدار تہٕ مےٚ کھونہِ منٛز ئٹھ بیٛوٹھ پانہٕ تہِ نخےَ ۔۔ سہٕ یُس ہمیشہِ میٲنِن سوچَن ہٕنٛدِ دوٚیمہِ بَتھِ روٗد _______ کھوٚل اوس کرتام ژوٚلمُت ۔ ووٚنی أسی صرِف أسی زِ ، سہٕ تہٕ بہٕ _ _ _ _ _ سڑک أس دوٗر تام سُنسان ۔

''ژے اوسُے شِکوٕ زِ بہٕ چھُس ہمیشہٕ چانٕہن سوچَن ہٕنٛدِ دٔویمہٕ بٔتھہٕ روزان'' تمہٕ وٕون میانِس زخمس پیٹھ وارٕ وارٕ اتھہٕ دبأوِتھ ــــــــــ

''بٔتھی ہرگاہ مِسمار گرِشھَن تیلہٕ چھےٚ روأنی بےٚ ترتیب سپدان، تباہ گژھن بنان، بُستین ہنٛز بُستیہٕ چھےٚ وُ جارٕ سپدان!''

تمہٕ روٗٹس بہٕ پانَس ستیٚ بیٚیہٕ ہناچیرٕ۔ ''اوے اوسستھ نہٕ بہٕ ژٕ چانِس حالَس پیٹھ ترٛاوان!''

امہٕ پتہٕ گرٕ تمہٕ ژھو پہٕ تہٕ بہٕ ہیُوتُس رَسہٕ رَسہٕ وُنلہٕ ــــــــــ سٔبٹھا گنہٕ وُنلہٕ منٛز ہیٚنہٕ یِن ۔ مےٚ اوس أخری احساس یہٕ زِ سہٕ چھُ، سہٕ چھُ، رسہٕ رسہٕ میانِس مُرِس اندر ژمان تہٕ مےٚ ستیٚ گنہٕ وُنلہٕ منٛز شرٛ پان!

---

# آخری ویتال کتھا

یمہِ شبہٕ تہٕ وأنجہ راز وِکرمادتیٖن کاٗلکی پاٗٹھی پوٚنچتہٕ عزمہٕ سان لاش تہٕ سو پھیکِس پیٹھ ترٛاٗوِتھ دزٛاو شمشان گُن ، تہٕ پزٛتھ شکلی پاٗٹھی ووٚنُس لاشہِ منٛز بہتھ ویتالن ٹسنہٕ ہوٚگرِتھ ــــــ ''رازٕ کاٗتزٛیاہہِ پھرِ واٗجتھ ژےیہِ لاش گلہِ پیٹھہٕ تہٕ اِتھے پاٗٹھی دزٛاکھ یہِ پھکِس پیٹھ ترٛاٗوِتھ پنٕنہِ مُہم انجامَس واتناونہٕ خاطرٕ مگر پرٛتھ وِزِ گوکھ ژٕ ناکام۔ پتہ چھیٚیہ کیٛازِہ؟'' ویتالن کوٚر رازٕ وِکرمادتیٖس سوال، تَس اوس برٛم زِ رازٕ دِیہِ تسنٛزِ گتھِ بےٚ خبری منٛز جواب تہٕ أتھی ستی گژھِ رازٕ سنٛز ژھوپہ ختم تہٕ شرطہِ مُطابق گژھِ ویتال لاشہِ سان تٕسندِ پھکہِ پیٹھہٕ غاٗب تہٕ وُڈَو گٔرِتھ واتہِ بیٚیہِ تتھی کُلِس پیٹھ ، مگر تہِ سپُد نہٕ رازٕ روٗد پنٕنہِ ژھوپہِ پیٹھ قاٗیم ـــ بزٛزِس کھنڈَس روٗز خاموشی تہٕ پتہٕ گٔر ویتالن بیٚیہِ داستان شروع:

''راژَن، ژٕ گوکھ ناکام تِکیٛازِ دلیر تہٕ بہوٗدُر آسنہٕ علاوٕ چھُکھ ژٕ بےٚ پناہ ذہین تہٕ عقلمَند ، ژٕ چھُکھ پرٛتھ سوالُک جواب زانان ، پرٛتھ کاٗنہہ مسلہٕ چھُے ویژھناوُن تگان۔ ژٕ چھُکھ ژھوپہ پھُٹرِتھ میٛانہِ گتھِ دُرست جواب دِنَس پیٹھ مجبوٗر گژھان تہٕ پانَے چھےٚ چاٗنۍ خاموشی تہِ پھُٹان ــــ ژٕ کرِہکھ جواب پتاہ

أسِتھ ژھوپہ مگر تہٕ ہیکہٕ نہٕ بَنتھ ۔ تِکیاز ِتیلہِ گژھِ چون وجوٗدٕ ے ختم ،سوگتھ تہٕ چھےٚ یقیٖنی ، جواب پتاأسِتھ ہرگاہ ژٕ خاموشی برقرار تھوٚ کھ ژےٚ پھُٹی پٔنی ژھوپہ سٕتی کلہٕ کھوپر ، یہِ گژھِ ریزٕ ریزٕ تِتہٕ چھُ شرطس منٛز شأمل تہٕ تِتہٕ چھکھ ژٕ زأنتھ !'' اَمہِ پتہٕ روٗ زبیٚیہٕ بڑ نزِس کھنڈ ٕس خاموشی ۔۔۔ مُکمل خاموشی ۔صِرف اوس وِکرمادتیہٕ سٕند بوٗقدموٗسٕتی حرکژ ہُند احساس گژھان ۔۔۔'' مےٚ چھُ باسان

راژن'' ویتالَن تُج بیٚیہٕ دلیٖل ______ ''کُنہِ کُنہِ چھُ اِنسان پننہِ عقلمندی تہٕ ذہانتہٕ کنٛز تہٕ دارِس کھسان''

ویتالَ اوس بلاشک کمہِ تام نوِ داستانہٕ خأطرٕ تمہید گنڈان ، یہِ گتھ چھُس پہ اوٚ کنٛز وثوقہٕ سان ونان تِکیاز ِیتھ لاشہِ منٛز ویتالٕ ہیتھ چھُ سو چھےٚ میأنی لاش! ______

ویتالَ لوٗگ لنٛڈی زیٛٹھراونہِ ______ '' راژن پزی چھےٚ باضے اِنسانس پٔنی دأنشمندی تہٕ ذہانت بھانسہِ کھالان ، مےٚ چھےٚ خبر میانہِ اَتھ کتھِ کرَکھ نہٕ ژٕ پژھ ، منطق دِیی نہٕ اَمیک اِجازت ______ پوٚز بہٕ بوزناوتھ دلیٖل پتہٕ گرٕ پانےٚ فأصلہٕ'' ______ گتھ وٕنتھ گرٕ ویتالَن پُر اسرار اندازٕ بڑ نزِس کھنڈ ٕس ژھوپہٕ تہٕ پتہٕ وَوتھ ہناسرٕ یٚہلہِ اندازٕ ۔۔۔ ''راژن یہِ دلیٖل چھُستھ نہ

صرِف اَمہِ کنی بوزناوان زِ گتھ گتھ کران گژھِ سفر کرُن آسان، بلکہ چھُ مے یقین زِ اَتھ دلیلہِ نیرِی نہٕ ژٕے جواب تہٕ ییلہِ نہٕ جوابے دِتھ ہکِکھ چون (مون) ژھوپہ روزِ برابر برقرار تہٕ بہٕ تہٕ ہکہٕ نہٕ لاش ہتھ واپس برگدس پیٹھ وُڈِتھ، اَتھی ستی واتہِ پانٕے چانٕی مُہم تہِ تکمیلس!"

ویتالن کتھ بوٗزِتھ آوٕ مے تہِ ہنا قرار ہیوٗ زِ شاید ما آسہِ نہٕ پزی وِکرمادتیس اَزی چہِ دلیلہِ ہُند جواب پتاہ تہٕ اَتھی ستی گژھِ یہ سِلسلہٕ ہمیشہِ خاطرٕ ختم۔ حقیقتاً اَسی ووٚنی اَسی ترشوٚے پٔرتھ شبہٕ کہِ اَمہِ عذابہٕ ستی تنگ آمتی: راژٕ وِکرمادتیہ تہٕ میانٕی لاش تہٕ تہٕ ویتال تہِ!

ویتالن کٔر دلیل شروع ______ "راژن سبٹھا پتھ کالچ دلیل چھےٚ، ویشالی نگرس منز اوس اَکھ کتھ گوٚر روزان، ناو اوس بھُدرجیو ______ بھدرجیو اوس بڈٕ اصل کتھ گوٚر، زانن وول اوس، دلیلہٕ تہِ اوس وزن دار بوزٕ ناوان، تمے بڈٕ میٹھِ انداز، ییہٕ نہٕ گُمنڈ نہٕ تکبُر ______ گاٹہٕ جارچہِ دلیلہٕ اوس بوز ناوان، اَمہِ وصفہٕ کنی اوسُس راژٕ دربارس منز تہٕ یُن گژھُن ______ راژٕ اوس کُنہِ کُنہِ دِل بہلٲیی خاطرٕ اُمس نادِتھ انان تہٕ تس تہِ اوس اَمی بہانہٕ اَوٕ زقہٕ چلان۔

ژےٚ دَے پایہِ بۆ ڈتھوُن، أتھی منز بنیٖیہِ اکہِ دوہہٕ دلیلا زِ رازس آیہِ ہنگہٕ منگہٕ زَن لٹھ ہش تہٕ کۆرنَس سوال۔ دۆپنَس ''بھدرجیو ہرگاہ وَتہِ پکہٕ وُن ،بیٚوٚچ تہٕ سورُف اچانک بُتھِ پیٚن گوڈٕ گُس گژھِ مارُن، بیٚوٚچ رِکنہٕ سورُف، مصلحت کیاہ چھےٚ ونان؟'' ____ بھدرجیوس آو رازٕ ہشِزِ بےٚ عقلی پیٹھ اُسن، مگر اَسہے رِکتھٕ پأٹھی توہہِ رازَن چھوٕ نادۆیمہِ ہشِدِس اَسنَس پیٹھ یکدم خشمہٕ کھسان!'' ____ گتھ وٕنتھ کُر ویتالَن یکدم ژھوپہٕ، شایدیہِ زأنتھ زِ رازٕ وِکرمادتیہ کرِ ہکہٕ وادتہٕ ستی گژھِ تسنٕز خاموشی تہِ ختم، تہٕ أزِچ گتھ تہِ گژھِ أتی ختم، مگر تہِ سپُد نہٕ کینٛہہ۔ وِکرمادتیہ رُود برابر خاموش تہٕ شرط رُود برابر قایم۔

ویتالَن بیٚوٚٹھ دلیل برونٛٹھ کُن وننہ، ____ ''رازن، گتھ گُری أسی تیٖلہِ تہِ واریاہ تہٕ اَز تہِ چھِ واریاہ، مگر بھدرجیوس اوس بۆڈ وَصف یہِ زِ دلیل اوس سنہٕ وِنہِ اند اَزٕ وَنان، تسنٕزن دلیلَن اوس مانہِ ژارنَس دِماغ تہِ لگان تہٕ لُطف تہِ یِوان، بوزَن وول اوس سحرزدٕ زَن گژھان۔ مگر تقدیر وچھ مرنٛک بہانہٕ تہِ گوس یہَے وصف ____ رازن تۆے وۆنئے نا دلیل شروع کرنہٕ وِزِی زِ باضے چھُ گاٹہٕ جارتہٕ زیادٕ زانُن تہِ مرنٛک سبَب بنان!

گتھ بوٗزِتھ آیوٚ تہِ غأرتھ زِبہٕ تہِ کرٕ واد، مگر لاش اوُسس تہٕ ویتال

اوٗسم منٛز، تَس پیٛٹھی نیرنَس بہرٛیا س نہٕ، نتہٕ زَن گُس زانہِ بھدر جیوس میانہِ کھوتہٕ زیادٕ !!

بڑٕ ژِس کھنڈَس روٗزِ بیٛیہِ خاموشی ، صرِف اوس منٛزی منٛزی دوٗ رِآورٕ ینی بلہٕ ہوٗنی ووٗنگُن گژھان۔

ویتالَن کُر بیٛیہِ دلیل شروع ــــــــ ''رازن چانٛی کٔنہ کیٛاہ آسہِ اُمی گَژھہٕ گرٛی بھدر جیون رازَس جواب دِیُت مُت ؟'' سوال پرٛژھنہٕ پتہٕ پرٛا ریاو ویتالَن رَژِ کھنٛجہِ زِوِکرمادتیہ مادِیہِ جواب مگر یِیلہِ نہٕ تٕمی کٔنہی وٚون، ویتالن وٚوتھ نیم خام پانسے ءتی ہیٛو لب خند کُرِتھ ــــــــ '' بہٕ تہٕ چھُس بوولے، ژٕ کتہٕ دِکھ جواب، تیٛلہِ گژھِ نا چون مون بھنگ، خاموشی پھُٹہِ نا ــــــــ خاڑ ہے چھُس دلیل بوزٕ ناوان تہٕ بے ونے زِ کتھ گرٛی کیٛاہ وُنُس جواباً۔ دوٚپنس رازن ہیٛوٗچ تہٕ سوٗرُف ہرگاہ بتھِ پین مارُن گژھِ صرِف ہیٛوچ ـــ عام اِنسان ہرگاہ آسہِ ہے سہٕ بوزِ ہے گَژھہٕ گرٛی سُنٛد جواب تہٕ کرِ ہے ژھوپہٕ مگر راز چھُنا اَزلی شکی آسان سہل چھُ نہ مُطمیعن سپدان۔ یہٕ کتھ گُس زانہِ چانہِ کھوتہٕ بہتر۔ ویتالَن وٚنس ہناٹسنہٕ کُرِتھ۔ رازٕ وِکرمادتیَس ہرگاہ نہ خاموش روزنُک شرط آسہِ ہے یقیناً دِیہِ ہَس شوٗبہٕ وُن جواب مگر ژھوپہٕ ہنٛدی شرطن کوٗر مجبوٗر۔

ہنا دَم دِتھ تُح ویتالن داستانہٕ ہنٛز دیم لَنٛڈ۔۔۔ ''تژ اَوِ تون یہِ کتھ

گۄر بھدر جیوتا مَتھ اُو رِ کُن یپاّرِ وُچھو رازس کیا حال سپُد۔ راز دژاو اَکہ

دۄہہ حسبِ عادت تیر ترکش ہتھ گُرِس پٮ۪ٹھ شِکارس۔۔۔ توہی پادشاہ لۄکھ چھِ نا

شِکار پاونہٕ وِزِ زیادٕے وۄ لسنس یوان تی سپُد اَمِس تہِ جنگلس منٛز دژاو سیٹھا

دۄر مگر شِکار گوس نہٕ کانٛہہ نظرِ، تھکتھ رُکوون گرزِ بزٕنہِس کھنڈس شیہلاو گُمہ مگر سو

فرصت ژھِس نہٕ، اَمی ساعتہِ دژاو خبر کمہِ کُلِ گوڈہ تلہٕ کرٕ ہُن کال ہیٛوٚ بیٚوٚ چ تہِ

نیرُونے دِژن رازہٕ ہنٛدِس گُرِس زنگہِ ٹوپھ۔ رازن دِژ یکدم گُرِ پٮ۪ٹھہٕ وۄٹھ تہٕ پننہٕ

شکاّرِ کھور بانہٕ ستی کرٕن بچس اَکی مُرنہِ چٹیٚنٛز۔ گُراوسس ٹوپہ ستی ژھرتہٕ

ژھرٹھ کران، شاہی حکیم آو فوراً طلب کرنہٕ۔ تَس آو گُر بچاونہٕ خاطرِ خراجک لالچ

دِنہٕ تہِ اَز جان گژھنُک خوف تہِ زہرگاہ گُر بچِو نہٕ ژتہِ بچِھ نہٕ! ــــــــــ یہِ حکم

اوس عجیبے خبر توہہِ سارِنے پادشٕہن کیاز پننہِ مطلبہٕ وِزِ سۄن وۄ گن بوزنہٕ یوان

! کانٛہہ منطق نہٕ، کانٛہہ دلیل نہٕ!''

دلیلہِ ہنٛدِس اَتھ موڑس پٮ۪ٹھ ٹھہریاو ویتال رژہِ کھنجہِ زِ خبر کرِ ما رازٕ

وِکرمادتیہ واد، مگر سہٕ روٚد بدستوٗر خاموش، سہٕ اوس ویتالہٕ ہنٛدِ بن پھندن پۄرٕ

پاٚٹھی واقف۔

''رازن پزٕی چھُکھ گاٹُل ____ پوٚختہٕ پاٚٹھی بیدار'' ویتالَن اوس زأنتھ مأنتھ ژأپِ ژأپِ ہیٚوٚ دلیل بوزٕ ناوان۔ کتھِ ہنٛدِس پزتھ موڑس پیٹھ تھکھ دِوان زِ خبر ژلہِ ماوِکرمادتیس اِشتیاقاً کانْہہ کتھ زیوٗنیرِ تھ تہٕ اَتھی ستی پھٹِہٕ تسٕنٛز خاموشی تہٕ۔ مگر ویتالَن گوو پزتھ وِزِ پنٕنہٕ اَتھ کوٗشِشہِ منٛز ناکام۔۔

''رازن ژٕ وَنتہٕ یامتہٕ وَنتہٕ، مگر بہٕ چھُس زأنتھ زِ ژٕ چھُکھ بےٚ تاب زانٕنہٕ خأطرٕ زِ چھکرس کیاہ سپُد۔ سپُد یہِ زِ شأہی حکیمہٕ ہنٛدِ موٗمُلی اعلاجہٕ ستی گو رازٕ سُند گُرصحت یاب تہٕ پادشاہَن دیوٚت تَس خوش سَپدِتھ تیوٚت خلعت زِ تَتھ یِہَن اِتھی زٕ گُری، خبر توٚہہِ پادشاہَن کیازِ چھُہٕ پنٕنی موٗمُلی شوق تہٕ بڈٕ موٗللی باسان۔ کینٛہہ خاص وجہ؟''

ویتالَن پزٕ وٗژھ تتھِ پاٚٹھی زِ باسان اوس وٗنی دِیہِ وِکرمادتیہ تسٕنٛزِ کتھِ جواب۔ مگر اَمہِ وِزِ تہِ گو ویتالَن ناکام تہٕ وِکرمادتیہ سٕنٛز خاموشی روٗز برابر قأیم

''خلعت وٗچھتھ زن گیہِ حکیمَس مغزن یِہے وٗزٕملہٕ ہش، بوزنے آس نہٕ زِ وٗنن کیاہ پزٕبم، ہکہٕ ژٕ وٗلس نیرِتھ ''پادشاہم ٹوٗپھ اَس موٗمُلی، بچ سٕنٛز اَس نا، دِپھ اگر اَتھ جایہِ سورفہٕ ٹوٗپھ آسہِ ہے تیلہِ اوس گُری سُند بچُن مُشکِل!'' ____

حکیم صأبنٕ کتھ بوٗزِتھ پیٚیہِ رازَس بھدر جیوٚ سٕنٛز کتھ یاد تہٕ ستی گوس تَسٕندِس

گاٹہٕ جارَس پٔتھ تہِ شک _____ رازٕ اُسی تَن خبر کیٛا افلاطونی ونان مگر شکہٕ بمأری چھس ضروٗر آسان ۔ غلط ما وُنم ؟'' ویتالن کوٗر اَسوٕنہِ ہونجہِ بیٚیہِ وِکرمادتیَس اچانک سوال مگر سہٕ روٗد برابر خاموش ۔

''چھنا دپان شکہٕ بمارِ چھُ نہٕ کانٛہہ یلاج ، برابر گوٗ تی ۔۔ ویتالن تھوٗ دلیل جأری ۔۔۔'' برابر سپُد یی ، پادشاہَس گوٗ بُخارٕ کی پأٹھی شک سٟنتھ ، تَس گوٗ یہِ ڈٕلِ زِ تہِ کھٔمن تہٕ چیٚن مُشتھ ، اٰخرَس آو بھدر جیو طلب کرنہٕ ، سہٕ سپُد حُکمہٕ مُطأبق دربارَس منٛز حأضر تہٕ رازن پرٛ ژھس بیٚیہِ سے سوال زِ بُتھ پیٚیہِ بیٚوچ تہِ سوٗرف گوٗ ڈٕکس گرٛ ٹھہِ مأرن ؟ تہٕ بھدر جیون تہِ دِیُتُنَس سے جواب ''رازنِ صرِف بیٚوچ !'' جواب بوٗزِتھ دیُت رازن حُکم زِ گرٕ تہِ سوٗرف کریون دربارَس منٛز پیش ۔ حُکمس سپُز فوراً تعمیل ۔ گرِس بُتھِ آو سوٗرف تراونہٕ ۔ سوٗرف روٗ برٛ وٗچھوٗنے گرٕ گری کھرٛکھ کھٔبتھ سوٗرف پڈرَس تل دباونٕچ کوٗشش مگر سوٗرفن دِژ تیزی سان دوٚیمس طرفس کُن ژھال ، گری کوٚر بیٚیہِ حملہٕ ، سوٗرفن بچوو بیٚیہِ پھرٛتی سان پان تہٕ ستی ٹُلن لچہِ پٔتھ کھرٛ اسپُدتھ کلہٕ تھوٚدتہٕ گرِس دِژن ڈٕبکس ٹوٗپھ ! گری گرٕ کیٚنژس کالس ویہہ دادِ ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ ، کھرٛ کہٕ اکھ زِ تجُن تہٕ اٰخرَس آد دژس گرِتھ پٔتھرِس پٔتھ وُ کراونہٕ تہٕ اَتھی ستی دیُتُن امانت !شاہی حکیمن گرٕ وار یاہ

کوٗشِش ، جڑی بوٗٹی ، ذماد ، ماٗلِش ، کینٛہہ سپُد نہٕ کارگر!

راذٕ گوگُری سنٛز یہِ حالت وُچھِتھ نارونار ، اُچھ گیٖس رتہٕ ژاٗنگی ہشہِ خشمہٕ سان کٔرِن بھدرجیوس گگراے "وُنہِ تہِ وَنکھٕ ژٕیلی زِ گوڈٕ گژھِ بیٚوٚچ مارُن؟"

بھدرجیوس تہِ اوس زَن کال کھیلان ، پادشاہ سُند خشمہٕ نظرانداز کٔرِتھ وُوٗتھس ـ تمی متانتہٕ سان "رازن گوڈٕ نہٕ ، دویمٕنز گژھِ سرِف بیٚوٚچ مارُن" جواب بوٗزِتھ زَن لوٗگ راذس تلہٕ پدٕن نارتہِ کھکر دژ الیس تالہِ ـ کنٛی "ژٕ چھُکھ نہٕ صرِف بیٚعقلٕے یوت بٔلکہ ضِدی تہٕ مغروٗر تہِ توٗ ے چھے نہٕ خام فہمیدگی ہُند غروٗر پنٕن تسلیم کرنہٕ دِوان ـــــ ژٕ اگر وُنہِ تہِ پننٛہ غلطی تسلیم کرَکھ یہٕ کرَ ے جان بخشی!"

درجواب وُوٗتھس بھدرجیو "پادشاہم یہِ نہٕ پوٚز آسہِ تہِ ـ کتھٕ پاٗٹھی کرٕ تسلیم" بھدرجیوٗنی اُمی جوابن زَن ترٛوو نارس شوٗرٕ ـ رازن دیٗت اُتی نٔس کھڑا کھڑا تسنٛزِ پھانسہِ ہُند حکم ـ

دلیل اَتھ نوٗزُک موڈس پیٹھ واتناوِتھ کٔرٕ ویتالن بٕزٕنٛزس کھنڈس ژھوٚپہٕ ـ پتہٕ پرٛژھُن بہِ یکبار وِکرمادتیس "اچھا رازن وُنی کرٕ ژٕے فاصلہٕ یِمو دویو

مَنز کُس اوس بیوقوٗف تہٕ نافہم ؟ پُنٕن دوٚپ غلط ثابت سَپدنہٕ پتہٕ تہٕ کیاہ زِ روٗد بھدر جیوٗ پننِس فائصلَس پیٹھ بھِد قائیم تہٕ پھانسہِ ہُند سزا کوٗرُن قبوٗل۔ دوِیو مَنزٕ کُس اوس غلط؟"

راز وِکرمادتیَن کرو ویتالہٕ سُند سوال بوٗزِتھ گوڈنکہِ پھِرِ پھیکہٕ پیٹھچہ لاشہِ یَتھ مَنز ویتال گِیتھ اوس ہیرٕ بون نظراتہٕ پتہٕ دیُتُن گوٗش دِتھ بروٗنہہ کُن قدم۔

"رازن" ویتالن وُنُس پرٕتھ لفظس پیٹھ زور دِتھ "رازن، ژےٚ چھیہِ یاد زِ ہرگاہ ژٕ صحیح جواب زانِتھ تہٕ خاموش روزَکھ ژےٚ گژھی کلہٕ کھوٗپرٕ پھٹِتھ ریزٕ ریزٕ الگ۔ یاد چھیہِ؟"

ویتالہٕ سُند آخری جُملہٕ بوٗزِتھ گو وِکرمادتیہ زَن وٕٹسی ہیوٗ تہٕ مےٚ توٗر پانےٚ فِکرِ زِ وِکرمادتیَس چھُ سارنےٚ کتھن ہُند جواب پتاہ۔ مےٚ لوٗگ نہٕ یہِ سوچنَس برٕ وُنز تہٕ زِ بُتھِ کیاہ سَپدن وول چھُ ـــــ یی زِ راز وِکرمادتیہ دِیہِ تسند ہٕن سارنےٚ سوالن ہُند جواب ـــــ جواب آسَن دُرست تہٕ پانےٚ گژھِ وِکرمادتیہ سٕنز خاموشی تہٕ ختم، اَتھی سٕتی گژھِ میانہِ لاشہِ مَنز بِہِتھ ویتال تسندِ پھکہِ پیٹھ غائب تہٕ وُپھِتھ واتہِ بیہِ واپس تتھی برگدکِلس پیٹھ تہٕ پگاہ راتھ ژٕ پھیرس گژھِ یہِ عذاب دیہہ سِلسلہٕ بیہِ شروع۔ بالکل اِتھےٚ پاٹھی، صِرف آسہِ دلیل بدَل۔

"راز وِکرمادتیہ صائب کتھٕ دِیِو جواب" ویتالن وۄن ہناطنز سان تہٕ
اَمہِ بڑوٚنہہ زِ وِکرمادتیہ وَنہِ ہے کینٛہہ مے وۄنس منٛز ے : ____ "بوز سأ
ویتالؔ یہ دِمے راز ہنٛدِ بدلہٕ جواب ، بھدرجیواوس نہٕ بیوقوف ، راز اوس کم عقل
یُس نہٕ کتھِ ہنٛدِس سنٛزرس ووت تہٕ یُس نہٕ سنٛزرن سنان چھُ تَس چھِ نہٕ مرجان
حاصِل سپدان ۔ بھدرجیوُن منطق اوس نہٕ غلط ، ابدی حقیقتہٕ علاوٕ چھُ پوٚز اپزٕ
ہمیشہِ ذأتی آگہی ہُنٛد زٕینٛن آسان ۔ بھدرجیون وٕنی مشاہدٕچ کتھ زِ بچس چھے
فِطرت ٹوپھ دِنی تہٕ سورُپھ چھُ صرف پننہِ بچاوٕ خاطرٕ ٹوپھ دِوان ____ راز
ہنٛدی گُری کوٚرسورپھ وُچھتھے فأصلہٕ زِیہ کرن بہٕ ختم ، یہِ چھے وَکھرٕ کتھ زِ اتھ
جنگس منٛز گوسہٕ پانہٕ مارٕ ۔ جنگ چھُ بہرحال جنگ آسان ، یتھ منٛز اکثر أکی ہنٛز
فتح یقینی آسان چھے ، سہٕ ہیکہِ گُرتہِ اأستھ تہٕ سورُپھ تہِ ۔ بھدرجیون گُرصرِف
فِطرت بیان ۔ جنگس منٛز کُس زینہِ کُس ہارِیہ اوس نہٕ تسُنٛد موضوع ۔ پتھ روٗد
چون أخری سوال بھدرجیو کیاز روٗد پننِس ضِدس پیٹھ شٹھ پأٹھی قایم ۔ تتھ چھُ
وجہ ویتالؔ زِ تس أس مُشاہدٕ تلیٚ منطقی حقیقت زُوکھوتہٕ زیادٕ عزیز ۔ ووٚنی بوز أخری
کتھ ویتالؔ یہِ سورٕ ے چھُسے بہٕ ژےٚ یوٚتاہ یقینہٕ تہٕ دعوے لسان اَمہِ کنٛی ونان
تکیاز سہٕ کتھِ گوٚر چھُس ہے ۔ سہٕ بھدرجیو یمہِ ہنٛزِ لاشہِ منٛز ژوٚنی کنِن ہتھ

چھکھ سو چھےٚ میأنی لاش! یہے، یہ لاش چھےٚ میأنی! کتھ گری ہنز لاش!"

میانہ جوابکہ برکتہ روٗز زراز وکرمادتیہٕ ہنز ژھوپہ برابر برقرار تہٕ سُہ گو آزاد مگر ویتال گو نارونار، غضبناک سپدتھ گرٲئمی گگراے ____ "منز گتھ گرِتھ کوٚر رُتھ ژےٚ وکرمادتیس تہٕ مےٚ درمیان ییمہ رِشتُک سلسلہ ہمیشہ ہمیشہ خٲطرٕ ختم۔ بہٕ کوٚرتھس پرژھوٚن ____ گژھ ژےٚ ژےٚ چھُسے بہٕ شاپھ دِوان اشاپھ چھُے میوٚن ژےٚ! گژھ کلہٕ یوگس منز روزژ ویتالہٕ ہندی پأٹھی پرژتھ وکرمادتیس اتھے پأٹھی دلیلہٕ بوزٕ ناوان تہٕ چون پرژتھ وکرمادتیہ اُسن کوٚل تہٕ زوٚر"

تہٕ تنہٕ پتہٕ از ییتھ کلہٕ یوگس تام آیہ خبرٕ کتی وکرمادتیہ بہٕ روٗدُس پرژتھ وکرمادتیس دلیلہ تہٕ داستان بوزٕ ناوان، مگر میوٚن پرژتھ کانٛہہ وکرمادتیہ دژاو کوٚل تہٕ زوٚر، کانٛسہ نہٕ بوٗز کینٛہہ تہٕ نہٕ ووٚنُن کینٛہہ تہٕ نہٕ سپز کانٛسہِ ہنز خاموشی ختم تہٕ اتھ پأٹھی بنیو پرژتھ کانٛہہ وکرمادتیہ گوڈنچی کوٗششہِ منز تأریخ ساز --- خبر کتِس کالس روزن میأنی وکرمادتیہ گلی تہٕ زری؟، گرژھینہِ مےٚ یہ شاپھ؟

---------

# شاٹہٕ ہوٗن

وُچھنہٕ تلہٕ اوس نہٕ اَتھ بوٗنہِ تیٚوٗتھ خاص کیٛنٛہہ ، یَتھ تھکُن لایق وَنُو ، گُلشن مَنٛز یِہ تہٕ اَکھ کُلا ، ووٗنی گو باڈواوُسس بوٚڈتہٕ شہجار سبٹھا گوٚن تہٕ شرٛ یہُل اَتھ تَل اوس باسان زَن ماجہِ ہٕنٛزِ کوچھِ مَنٛز بہتھ چھُس ، خبَر توَے ماأسی بُستی ہٕنٛدی حاجتھ مَنٛد اَتھ دَشہِ گنٛڈان تہٕ سنٛدھیا وقتس ژوٗ ٹگ زاألتھ تھوان ، کِنہٕ اَمیٚوٗک اوس بٔیہِ کانٛہہ وجہ ، تہِ ہیٚوٗک نہٕ کانٛسہِ سیٛکہٕ کرِتھ ۔ مےٚ تہٕ مےٚ ستی واریاہَو شُربوچھُ أتھی بوٗنہِ تَل سورُے لوکچار چھووُمُت ؛ گرائلی ڈاپھ دِتھ تہٕ گرا أتائٕی گِندان ، گرالوکہٕ ہٕنٛز خربُزی وارِ پھٕرِتھ پھٕرٛ کھ شہلاونہٕ باپتھ تہٕ گرا ژھیلہِ گِندان گِندان ژھیپہٕ دِنہٕ خاطرٕ ! بَس لوکچار چھووُمُت ۔

گۆن شہجار آسنہٕ موکھ اُس اَتھ تلہٕ گنہٕ گنہٕ جایہِ موموٗلی گھاسہٕ کرٛ ٹا تہٕ نظرِ گژھان تہٕ باقی لاوتہٕ سرٛ یہہ لدزمین اُس ہرٕم تہٕ پٔنژ لو کچار بو ونس لایق، کوچھِ ہندی پاٹھی محفوظ ____ یہٕ چھےٚ تیلچ گتھ یٚیلہِ دریاو آگرٕ ے

گرٛ بزان اوس، یٚیلہِ سوٗنتہٕ وُنلہِ ہنٛزِ ململہِ منٛز نیم وٕلتھ تہٕ نیم ہٕنتھ نوٗن یہٕ دٕ ریاودٕیہٕ ہنٛزٕ ہنٛزٕ کرامات اوس باسان۔ یٚیلہِ دوٗ رہِ بڈٕ ہچہ کٕ ئد لکہِ منٛز مہِ ٹھٕٹھِ تلی کھوٗ رہتھ بوٗ ڈ کھوٗچ زٕن ہنگہٕ منگہٕ وُنلہٕ تلی پادِ گژھتھ برابر وقتس پٔٹھ گھاٹھس اوس لگان تہٕ وُچھان وُچھان اُس گھاٹس پٔٹھ زٕن دِوٕ ے لگان ____

اَمہِ پتہٕ سٕپد خبر کیاہ، پوٗزیہٕ سٕپد تہِ سٕپد آگرٕ ے، بٔستی آیہِ نہٕ وُچھنہٕ تلہٕ کانہہ فرق، تتھی بٔٹھی ترٛ ھے بیرٕ، تمے بٔسکین سٕے بازر، وچھنہٕ تلہٕ سوداگر تمے تہٕ ہٕہنہٕ تلہٕ سوداتہٕ سٕے، صرف لج بوٗنہِ گُلس اُندی اُندی کنٛڈی تارتہٕ ڈاپھ دِتھ لوکچار گو کٔنڈی تارِ اَپارِ بنٛد، باقی یہٕ سٕپد تہِ سٕپد آگرٕ ے۔ آگرٕ ے زٕن ژمٹیاو دریاوُک آب تہٕ بٔٹھی گیہ بوٗن تام ننگہٕ۔ جایہِ جایہِ ہُریاوسیٛو مب تہٕ گُرٕن گیہِ لبمبہِ منٛز بنٛد، ونہٕ کٔنہٕ آوسنتھ تہِ مگر سوٗنتہٕ وُنلہِ ہنٛز ململ اُس آگرٕ ے کتہِ تام کنٛڈ بن لٔجمرٛ۔ ووٗنی اوس نہٕ دری یاودٕیہٕ ہنٛزٕ کرامات باسان بلکہِ اوس تَس تہِ تٔہنٛزٕن کراماتن پٔٹھ شک ہیوٗ گژھان۔ امیوٗک کرٛ ٹیوٗمت آکاروُ چھتھ اوس

مےٚ اَمیُک پَتھ کال یِہے پٔریِہ داستان ہِش باسان ،یِتھ نہ پزٕ رَس ءَستی کأنٛہہ واٹھ چھُ آسان ، کُنہِ کُنہِ اوُسُس بہٕ أنٛدرِ أنٛدری پنٕنہٕ ٕنس یاداشتَس پپٹھ تہٕ شگ کران زِمےٚ مااوس نہٕ تہٕ وُچھمُت یِہ مےٚ خیال چھُ زِمےٚ اوس وُچھمُت ،تہٕ باضے اوُسُس سوچان زِیِہ بہٕ ووٕنی وُچھان چھُس تہٕ ماچھُ مےٚ پنٕنہٕ نٔے برٛم ،ئلی ؤہمہِ ،سورُے ماچھُ بالکل تیٚوٚتھُے یُتھ سہٕ اوس ؛ بونہِ مأس گوڈٕے گٔنٛڈی تار دِتھ ،لوکچار ما اوس گوڈے گٔنٛڈی تارِ اَپارِ پھسیامُت ؟ دری یاو ما اوس گوڈَے کرٛ ٹیامُت ؟ سوٚنتہٕ وُنلہِ ہنٛز ململ مأس گوڈَے گتہِ تام کنٛڈ ہن لٔجمٕژ ،سہٕ مااوس مےٚ صرِف تماہ کوٚرمُت زِ آسُن کیاہ گوٚژھ ، کِنہٕ تہِ اوس تہٕ مےٚ گوؤہمہٕ زِ ہرگا یُتھ سپدِ ؟ کِنہٕ یِہ اوس تِتہِ اوس پوٚز تہٕ یِہ چھُ تِتہِ چھُ پوٚز ! کأژ یاہہِ پھِرِ آم خیال زِ کأنٛسہِ پزٕ ژھ ،مگر ییٚلہِ تہِ کُنہِ بُتھِس کُن نظر تُجم سہٕ باسیوٚم پانہٕ تہِ رووُمت ہیٚوٚ زَن، أنٛدرٕ ے پزٕ ھِ تہٕ بےٚ پزٕ ھی ہنٛدِ س دُوٕ تس پپٹھ آچھِ گومُت ۔

______ ووٕنی اوس دری یا وڑٕ متھ گراٛیمہِ بَٹھِ تہٕ گراہُمہِ بَٹھِ کھوٚژی کھوٚژی ہیٚوٚ پکان ،تہٕ یَتھ یِتھ جایہِ یِہ دوٕشونی بَٹھن تام پھہلتھ اوس تتھ تتھ جایہِ اوس ووٚنتھ تیٚوٚت گم زِزمین أس لیٚمبہِ آبہٕ پپٹھی بوزنہٕ یِوان، یِژھَن جایَن

أسی شاٹھ ووٚنٹہٕ قبر ہیٚوی تھدی تہٕ اَمہِ ءَستی اوس یِہ زیادے آسیب زدٕ تہٕ شاپہٕ لد

یِہ عالم رۄد واریاہَس کالس تہٕ اَمہِ پتہٕ یِہ سپُد تِتہِ سپُد آگرَ ے ،دری یاوس منٛز ہیٚتِن موردہِ جاناوار تہٕ چاروٲے ییٚر وٕسنہٕ ، شاٹھَن پیٹھ گو یرٕھَن لاشَن ڈھیر ، کیٚنٛہہ گیہِ شاٹو نِشہِ بچتھ سیٚودے ییٚرہٕ تہٕ بوٚنہِ کیا سپدُ کھ تہِ زانَن بوٚنم بُستی وٲلی ۔۔۔۔ بُسکین درٕ ودِژ بوٚنہِ نظرا ، بوٚنہِ أندی أندی کٔنڈی تارِ نظرا ، ژیٚمِتَس دری یاوس نظرا ، دری یاوکنِ شاٹَن نظرا ، شاٹَن لِجمژَن گیٚن لاشَن نظرا ، پتہٕ پھیری پوٚت زَن نہٕ کیٚنٛہہ گومُت اوس تہٕ نہٕ تِمو کیٚنٛہہ وُچھمُت اوس ۔

مےٚ گوٚبیٚہ شک زِ یِہ بہٕ وُچھان چھُس تہٕ ماچھُ نہٕ تہِ یِہ مےٚ باسان چھُ زِچھُ ۔ کِنہٕ یِہ چھُ پتھ وتھ ییٚتھی اوسمُت ۔اکہِ پھِرِ آم خیال زِ کٲنسہِ پرٕژھہ مگر ییٚتھی بُتھِس کُن نظر تُجم سُے باسیام زَن پرٕژھ تہٕ بےٚ پرٕژھی ہندِس دُۄتَس پیٹھ پانہٕ لوٚب بہتھ خلکن مشورِ دِنَس منٛز آوُر! ______ یِہ عالم تہِ رۄد خبَر کٲتَس کالَس ، صرِف آیہِ بوٚنہِ ساریےٚ دشہِ مژراونہٕ ، ژوٚنگ آو تارہٕ سان ٹُلنہٕ تہٕ کٔنڈی تارِ آوٲ کھاکھ وارِ دِتھ مزید دربر کرنہٕ تہٕ تارِ اپارِ گو بوٚنہِ تلیٚہ نرم تہٕ لاوٕ زمینہِ منٛز ڈاپھ دِتھ لوکچار بےٚ فِکری منٛز پوٚرِ پأٹھی قأد ______

بَس ییٚتہِ سپُد یُویُوتُے باقی یِہ سپُد تہِ سپُد آگرَ ے ، تہٕ سپُد یِہ زِ کرٕ ٹیمتہِ

ڈری یاوکھو دوشوٚ ے بٹھو وڑٕھ ہوٚنی چھو کہٕ، نظرٕ آسکھ صرف شاٹھن گن ، یٚیتہٕ نَس تہٕ شاٹھس موٚ کُرلوٗ گمت اوس ، اَدٕ سہ کاواوس یا گاٗنٹھ ، وٚوڑھ اوس یا گاویا یٚیہٕ کاتھہ گُپن ، ہوٚنی اَسی دری یاوٕ ناوی آبہٕ رکھٕ ژھانٹھ تران تہٕ لاشن کرٕ ثرٕ ے اوت باقی تھوان ۔ دپان ہوٚن یٚیلہٕ موٚ کُر کھیٚیہٕ تَس چھُ ژوٗرس تہٕ ساٗدس ، پٔنٛس تہٕ پرٛدِس درمیان فرق کرٕنی بالکل مَشان ۔ وارٕ وارٕ گیہٕ شاٹھن پٹھ اُڈی جہٕ امبار جمع تہٕ اَمہٕ اَمبارٕ منٛزٕ دوٗ رِپٹھٕ گاٗنٹھ ، کاویا گُپن لاش وَنہٕ کڈٕنی اوس شاید ووٚنی شاٹھٕ ہوٚنین مُشکل گژھان ، اَوَے اَسی تم ووٚنی شاٹھس نخہ روزنہٕ موکھٕ کھسان تہٕ آب مندان مندان تہٕ وسان تہٕ آب مندان مندان ۔ رسہٕ رسہٕ چھُ ووٚنی یتھ موٗژیمتس دری یاوَس لیمب بٔنیمٕژ ، ووٚنی چھُ یہٕ یہَے ربہٕ نالہٕ ہوٚ باسان تہٕ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ زَن چھُ شاٹھٕ ہوٚنین ہنٛدِس تعدادَس منٛزٕ تہٕ ہُر برسپدان ۔ آگرٕ ے چھُ ہوٚنی تہٕ یوان تہٕ آگرٕ ے چھےٚ لاشہٕ تہٕ وسان !

ووٚنی چھُ نہٕ مےٚ کانٛہہ کھرٛدو ۔ مےٚ چھُ پوٗرٕ یقین زِ اکہٕ دوہہٕ سَپدِ کیاہتام وُلٹہٕ ، پوٗز یہٕ سَپد تہٕ سَپدِ آگرٕ ے ، وٗریہٕ وادن ہُند کتہٕ تام رُکیامُت ، کتہٕ تام راٗسی گومُت آب یہٕ یِکِی پاٗٹھی یکدم وٗستھ ، سیٚمبہٕ تہٕ شاٹھٕ پٹھی کڈٕ بُستی ژھٹھ ، بُستی سان نیہٕ سورٕ ے پاٗنس ستی ہیرٕ ڈوٗتھ ـــــــــ دپان چھس

بُستی تۂ اُوِتھ ژلہٕ ، کرتام آسِہا ژٕولمُت تہٕ مگر لوکچار چھُم تِتھی باڈوِدار بونہِ تَل بے

فِکری سان ڈاپھ تۂ اُوِتھ یَتھ وونی أندی أندی کُنڈی تار دِتھ چھِ ۔ دپان ووِنی

چھِ شاٹھ ہوٗنی موٗکُر کھبتھ اُتھی بونہِ شیہجارَس تَل ڈاپھ دِتھ

بہان ______ کُنڈی تار ژٕٹہٕ ہا مگر یِمَن نِکہِ گرٕ ہنَس چھُس نہ بہران تہٕ کیاز

شاٹھ ہوٗنس چھِے ژوٗرَس تہٕ ساُدَس درمیان فرق کرٕنی مُشکِتھ آسان گاٗمُژ !!

آ گرٕ ے چھِ ہوٗنی تہِ یوان تہٕ آ گرٕ ے چھِے لاشہِ تہِ وَسان ۔

------------

# طلِسمات

پڑتھ کانٛہہ چھا اَمہِ خاطرٕ جکھان کِنہٕ نہٕ تہِ چھُ الگ بحث مگر یہِ گتھ چھےٚ سکہٕ زِ پڑتھ کانٛسہ ہندِس منٛس منٛز چھُ یہِ اَکھ تماہ کھئٹِتھ زِ دٔمِس گوٚژھُم باز (پأز) بہُن تہٕ گہلین جنٛگلَن منٛز گوژھُم ہوٚس کرہٕ تھوٚدٕ تُلِتھ سلام کرُن زِ جنٛگل چھوٚو طابع خاہِش کریہِ گژھی تہِ'۔۔۔اَمی خاہِشہِ تمبلوٚوُس بہٕ تہِ، فقیرَن پھشیوٚرُس پتہٕ پتہٕ، متمن ژاس بیٚبہٕ، افلاطونَن ہنٛز گرٕم چاکری تہٕ زانَن والین ہنٛز شاگِردی، اَتھ سارِی ہسے یہِ جمع سپُد تتھ شیرہٕ ژأری گرِتھ تہٕ ژھٹھ گرِتھ دڑاو لُبہِ لُباب یہِ زِ۔۔۔سرہٕ اپارِ بالوٗ ترِتھ ییہِ مرگ، مرگہِ ڈٲلِتھ ہالہِ مأدان تیٚوٚتھ زِ دوٚیمِس اَندَس تام پلہِ نہٕ نظرٕ ے۔۔۔أتھی سیہ مَنٛزَس گُل تہٕ گُلی انہارٕ کیکٹس (Cactus) باڈوہٕ بوٗنی، طبعیتہٕ برگدتہٕ موٗل ییٚتیاہ زمینہٕ ٹلی تیتی زمینہِ پیٹھ تہِ: پتھ کالہٕ پیٹھٕ اَز کال تام، کُنہِ ژھبنہٕ بگأرٕ ے، تہٕ لَچھِ بزَن لنٛگ لنجن پیٹھ صرِف اَکھ۔۔۔بَس اَکھ باز (پأز) پنہٕ وٕتھرَن درمیان کھئٹِتھ، توٚت تام نہٕ نظرِ گژھان یوٚت تام نہٕ خوش بختن نمس پیٹھ بیہہِ!!۔۔۔

یہِ پأز چھا کُلِس پٮ۪ٹھ آسان کِنہٕ شیلن مَنٛز کھٔٹِتھ ، اَتھ پٮ۪ٹھ چھُ پَتھ کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ اَز تام واریاہ بحث سپُد مُت ؛ تُہٕ کیوٚ مون تی یہِ وڑ ینٹھان اوس تہٕ بُلھوسوکۆر بحث تہٕ گیہِ پننہِ پننہِ وَتہِ ۔ یِی سپُد پَتھ کالہٕ تہِ یِی چھُ اَز تہِ سپدان ، مگر زانَن والین ہُنٛد دۆپ چھُ زِیہِ گُل ؛ انہارٕ کیکٹس ، باڈوہٕ بوٗنۍ تہٕ طبیعتہٕ بَرگد چھُ صرِف نِشان مٔنزلہِ لَبنُگ ۔ یُتھ نہٕ بختہٕ والین دۆژیوٚت گرٛشھِ ، تہٕ دَر حقیقت چھُ کُلِس گُپِتھ بیاکھ اَکھ عالماہ ، اِنسانہٕ ہٕندِ تصوٗرٕ کھوتہٕ سبٹھا بوٚڈ ، تَتۍ چھَ دودہٕ رٔنٛگۍ آبہٕ ژادرٕ وَسان ، یِمنٕے آبہٕ ژادرَن دۆپاسے چھُ مَرمَرچہِ شیلہٕ تہٕ یِموٕے مَنٛزٕ أکِس بَجہِ شیلہِ پٮ۪ٹھ چھُ باز (پأز) بیہان ، یُیمیک تماہ پرٛتھ کأنسہٕ ہٕندِس مَنَس سرَس چھُ زِ گوٚژھُم نمَس بہُن !

سورٕے مُشرِتھ توٚرُس بہٕ سرہٕ ۔۔۔ بالَس کھوٚتُس تہٕ ووٚتُس مرگہِ ۔ گوڈٕ سوٚچُم زِ بیہمہٕ یِیتی ، ترٛاوِ ڈاپھ ، زورٕ کھالہٕ اَشُد پانَس تہٕ أتھی ہٕتۍ ژٕنہٕ کانٛہہ تہٕ بہٕ نہٕ کانٛہہ ، پتہٕ اَدِ باز (پأز) نمَس بیہِہ یا گرٛ دتِکہٕ تِکہٕ کھٔمن ، ہشی کتھا ! ۔۔ مگر مَتین اوسُس بیہِ ژامُت ، افلاطوٗنَن ہنٛز أہم چاکری گری مٔژ تہٕ زانَن والین ہنٛز شأگردی ۔ یہِ سأرٕے کھأری ٹلنہٕ پتہٕ کِتھ دِیہَم أندرِم مرگہِ مَنٛز سوکھ سان مرنَس اَتھ وَتھ ۔

مرگہٕ دژاس تہٕ ووتُس ہالہِ ماُدان، پزٕی اُس نہٕ دوٚیمس اَندٕس تام نظرٕ ے پلان تہٕ پزٕی اوس اَتھ سیٚہ منٛزس سہٕ عجیب گُل : انہارٕ کیکٹس ، باڈوہٕ بوٗنی ،طبیعتہٕ برگد ،موٗل یٖتیاہ زمینہٕ تل تیتی زمینہٕ پیٹھ تہٕ پتھ کالہٕ پیٹھٕ ازکال تام گُنہٕ ژھبنہٕ بغاٗرٕ ے۔

بہٕ چھُس طبیعتاً یہٕ ڈٕلٕی زِتہٕ آوارٕ ،گمٕ گۄہلی جنگل چھم ژھنڈٕ ہتی ،بےٚ شُمار گلو زاٗ ژھچھم وَنہٕ ،اماپوٚ زیٚہ گُل اوسُم گوڈنچہ لٹہٕ وُچھُن ،گُل آسنہٕ علاوٕ اوس اَتھ خبر کیٚاہ اسرار، رِکنہٕ آسیب اوسُس تہٕ نہ ہوٚک مےٚ تمہِ ساعتہٕ فاٗصلہٕ کٔرِتھ تہٕ نہ ہکہٕ ازکینٛہہ سکہٕ پاٗ ٹھی ؤنتھ مگر کیاہتام اسرار، کیاہتام طِلسِم اوس دوٗری اَتھ گُلس باسان ۔اَتھ گِیتھ آسہِ بیٚیہ کانٛہہ عالم تہٕ اوس نہٕ خاٗلی ازمعنی باسان ۔بہٕ روٗدُس ہالہِ ماٗدانہٕ رِکس اٗتھی ڈٔہس پیٹھ واریاہس وقتس کھڑا، سِریہٕ لوٗس، بیٚیہٕ کھوٚت بیٚیہٕ لوٗس، بیٚیہٕ کھوٚت پوٚ زمےٚ پیٚیہ نہٕ ہمتھ زِاَتہٕ پیٹھ پکہٕ بڑ وُنٹھ گُن گُلس تام ۔کاٗژہہ پھِرِ کوٗرُم خیال زِہمہٕ دَیہٕ سُند ناوتہٕ دِمہٕ بڑ وُنٹھ گُن قدم پتہٕ ادِ یہٕ سَپدِ تہٕ تِہ مگر جائے اُس ووپرٕ تہٕ کیاخبر دَے تہٕ آسہِ ووپرٕ ے!۔پرٛتھ ژکلہٕ پتہٕ چھُ دَے بدلان تہٕ اوس مےٚ افلاطوٗنن ہنٛزٕ شاٗ گردی منٛز بڑ وُنہی مولوم سپُد مُت ،پوٚت پھیرُنس اوس نہٕ وارتہٕ نہٕ اوس ویلہٕ ۔گوڈٕ اوس مرگہٕ ترٛن، پتہٕ

بالَس کھسُن ،سرمَندُن ،تہٕ اَدِ تَتھ جایہِ واتُن ییٚتہِ پٮ۪ٹھہٕ مےٚ شروع اوس کوٚرمُت

یہٕ اوسُس یہِ تہِ زأنتھ زِییٚتہِ پٮ۪ٹھہٕ مےٚ شروع کوٚرسو جائے آسہِ نہٕ

ووٗنۍ تہِ ، یہِ سوٗ تَمہِ وِزِ أس ییٚلہِ مےٚ سوٗ ژاوے یہِ ۔ سوٗرٕے آسہ

بِلا شک بدلیامُت ،تَم افلاطون آسَن دژاٮ۪متۍ ترکہِ وطَن گٔرِتھ ،فقیر آسَن واپَس

چِلَن ژاٮ۪متۍ تہٕ ملنگ آسَن خبَر کَمَن بازَرَن نارٕ ٹأکۍ زألِتھ لوٗگن اسرارٕ چہِ گتھ

وُٹھِتھ منٛٹھِتھ فِکرِ تاران ،مےٚ کُس پزٕ زناوِتَہِ؟ ہرگاہ کأنسہِ تھٔکۍ بٔکۍ پزٕ زنوٗوُس تہِ سہٕ

تُلمبہِ پھوٗتہِ زِلوٚگ نہ تہٕ جوٚگ آوپوٚت پھیرِتھ!

أمۍ أخری خیالَن دِژنَم نہٕ تیژ ہمَتھ یوٗت مجبوری ہُنٛد احساس شدید

کوٚرنَم ۔ تہٕ اَمی مجبوری ہنٛدِ احساسہٕ وَچھَم موچھہِ زٕ ہ چیرٕ تہٕ کُنی دَوتُجہٕ تَتھ گُلِس کُن

یُس زانَن والین ہنٛدِ وننہٕ موجُب منزلُک نِشانہٕ اوس: انہارٕ کیکٹس ،باڈٕ بوٗنۍ تہٕ

طبیعتہٕ بَرگد،موٗل ییتیاہ زمینہِ تَل تیتۍ زمینہِ پٮ۪ٹھ تہِ: پَتھ کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ اَز کال تام

کُنہِ ژھبنہٕ بغأرٕ ے ،ییٚمہِ کِس سایَس تَل وأتِتھ باز (پأز) خبَر کَمہِ عالمہٕ پٮ۪ٹھہٕ

وُڈٕو گٔرِتھ نَمس پٮ۪ٹھ بیہان چھُ ۔

گُلِس تہِ پانَس درمیان فأصلُک اَنٛد ازٕ گٔرِتھ اوس مےٚ خیال زِمےٚ لگہِ

دَو تُلنہٕ باوجودتہِ وأتِسا اَکھ اَتھ تام واتنَس ،مگر تیوٚتھ تھ سَپُد نہٕ کینٛہہ ۔ دَوتُلنَس

ءستی زَن شڑ ؤ کیاوءیہ فأصلہٕ تیٚؤت زِمہٕ باسوٗمہٕ تُج اَکِ لاپٔتھ تہٕ دۄیمہٕ لاپٔتھِ وۄتُس کُلِس نِش۔ پانٔسے ءستی سوچُم زِ یُہی کوٚرُم وسواسس پیٹھ یوٚت وقت ضایعہٕ۔افلاطوٗنن ہٕنز شاگردی کٔرِتھ تہٕ چھُس کوٚچی رودمُت۔ یہٕ گتھ سَنا اوٚسُس کھوژان: پٔنٕنِس توانگرٕس کِنہٕ کُلہِ کِس اسرارٕس؟ شاید پٔنٕنہِ ہے توانگرٕس۔

مےٚ ہیٚرِ اووشوہٕ ہوٚ کڈنہٕ باپتھ کُلِس ءستی ڈوٚکھ دیٛن مگراَمی وِزِ سپُد کیاہتام۔۔۔کیاہتام عجیب۔۔۔کُلِس گوٚ وارٕ وارٕ زَن ژوٚکھوٚنٹ تہٕ پتہٕ چوٚنکُھر ہوٚ۔ یہٕ ژوٚلُس گابرِتھ ہنا پَتھ پیٚہَن۔کُلہِ نِشہِ ہنادوٗر۔ءستی آیہِ پیٹھٕ تٕہرٕ پیٹھےٚ لنجہٕ نمان نمان بوٗن کُن،تٔلم گوٚ ڈہوتُن رسہٕ رسہٕ ویگلُن ہوٚ،ؤتھرٕ ن پٔیہِ بےٚ شُماررٕکھ، رٕکھ ژمٹھےیہِ لَنگ لنجن منز لاوٕ دوٚگلن ہٕندی پٔاٹھی تہٕ بٔرنٕس اَکِس منز گوٚ سأری ہے کُلِس ژھوٹہٕ ڈیر تیار۔ نہ آواز کانٛہہ نہ صدا!سُے کُل یُس اوٚت تام انہارٕ کیکٹس باڑٕ بوٗنی تہٕ طبیعتہٕ برگد اوس،یَتھ موٗل زمینہٕ تل تیتی اَسی ییتیاہ زمینہٕ پیٹھ،پَتھ کالہٕ پیٹھ اَز کال تام پھہلتھ کُنہٕ ژھبنہٕ بغأرٕ اوس ووٕنی اَکھ بوڈ ژھوٹہٕ ڈیر۔ أتھی منز ووٕتھ اَمہِ ژھوٹہٕ ڈیرٕ کہِ کُمہِ تام اَنٛدٕ پیٹھٕ اَکھ اَڈ ژوٚ گوٚمُت لبرٕ ژھِ منز لِتھناونہٕ آمُت کاوٕ ووٗڈان وُڈان تہٕ بیٚوٗٹھ میانہِ ڈٕچھنہِ اَتھکِس

ہٕنز واران جانہٕ علاو گتھو باقی گوڈے بہٕ سہٕس اوافلاطونَو _____ پٔٹھ نمٕس نیوٚن

ہیچھنو ومُت ''تژیشہِ دادِ چھُس مران ، کرَکھ نا دَرجا تھا _____

کاوَن کوٚر گُنہِ تمہید بغأرِ ے سوال ۔مےٚ وونُس ہناژ کھِ سانٕ''۔۔۔ ہتا بہٕ آس

یوٚت سفر ییٚمہِ بڑ اٚنٹش کٔڈِتھ زِپأز بیٚھم نمٕس تہٕ _____ ''تٔمی ژٕٹ میأنی گَتھ

مَنٛزٕ ے تہٕ ٹاو ٹاو گرِتھ کرنو وُنُس ژھوپہٕ _____ بڑٕ ژِس کھنڈَس روٗز

موٗنٛز ہِش خاموشی ، پتہٕ ووتھ سہٕ بالکل افلاطوٗنی لہجَس

مَنٛز _____ ۔''بُلہوسا ، یورگُن تہٕ یتھ وقتَس مَنٛز چھِ ووٗنی مےٚ باز

(پأز) ونان _____ ''

_____ پزرس چھُ پٔنُن وقار آسان تہٕ یہَے وَقار اوس اَتھ گتھ تہِ ۔مےٚ تھوو

سہٕ پٔنٕنس پھیکِس پٔٹھ تہٕ دژاس تژیشہِ ہٕنٛدِس تلاشَس ہالہِ مأدانہٕ

ڈوٚیمہِ اَنٛدٕ

_____

ووٗنی چھِ أسی دوشوَے سیمنٹ کنکریٹکِس جنگلس مَنٛز ہٹرِ ہٹرِ تژیش

ژھانڈان۔

دوشوَے تژیشہِ ہٕتی !!

# گیس بال

سنہٕ چھُم نہٕ اِتھٕ پأٹھی یاد، وٕں گوٚتیٚمس سنہٕ زیادٕ أہَم باسہِ سہٕ ہیکہِ یٚیمہِ نِشانہٕ ژھأنڈِتھ زِ تِمَن دوٚہن اوس تازٕ تازَے محمد علی جِناحؔ یٚیمہِ گَتھِ ہُنڈ تَسلا سَپدِتھ جِلمہِ ہٕنزِ وَتہِ (جہلم ویلی روڈ) واپَس کراچی گومُت زِ کأشرِس مُسلمانَس کتھَن ہٕنز جأدی مأنِتھر دِنۍ چھُ نہٕ فِلحال مُمکِن تہِ جوٲہرلال نٔہرِس اوس دُمیل' واتنَس پٮ۪ٹھ کأشرِ بن پٔنڈِتَن ( بٹَن ) ہُنڈ ''کوٚنگ'' تحفہٕ کِنہِ رٹُن باقٕے ---ووٗنۍ أسِن جِنہَس جِنتَس تہٕ نٔہرِس سور گَس جأے (دوٚشوٕنۍ ہٕندِ خأطرٕ ما بَنہِ اَکی جایہِ باپَتھ دُعا کرٕنۍ، تِمَن آسہِ نہٕ کانٛہہ حرجہِ دَپھ یٚیتہِ ووٚتھَن فساد!)

بہرحال تِہندِ خأطرٕ دُعا گرِتھ کوٗر اَسہِ صِرف یہِ ثابت زِ أسۍ تہِ چھِ

مُہذِب نتہٕ سانہِ گتھِ چھُ نہ تِمن ستی مُلے کانٛہہ تعلق ۔ تِہنٛد حوالہٕ پیٚو محض امہٕ خاطرٕ دیُن یتھ زن سنہٕ ہیکہِ مقرر سپدتھ ۔۔۔۔۔ وٕنٛتھی پاٹھی بوٗ زِ وزِ انگریز بہادُراوس وُنہٕ ییٚتی تہٕ پاکستان اوس وُنہِ تسنٛزِ یڈ منٛزٕ یعنی وُنہِ تھنہٕ پینے !

مے چھےٚ اصلی پھوکہٕ بالَن ہنٛز دلیل وَنٕنی مگر سنہٕ مقرر کرنہٕ خاطرٕ پیٚیہ یہِ فضوٗل ڈنٛڈرز تھٕراوٕن ۔۔۔۔ تِمن دوہن آسہٕ پھوکہٕ بالہٕ اِنگلِستانہٕ پیٹھٕ یِوان ، منٛزی منٛزی آسہٕ جاپانہٕ تہِ یِوان ۔۔۔۔ اصلی ربڑٕ چھِہ ، رنگ شوخ ، اَزی کہٕ کھوتہٕ واریاہ زیادٕ نرم تہٕ مُلائیم ۔ اَکھ پھوکہٕ دَم دِوان ژِ پھوکہٕ بال پوٗرٕ ہنان ، مگر یمہٕ آسہٕ پھٹان جلدٕ ے ، مومولی گاسہٕ تُل تہٕ ہرگاہ سنہِ ہے ۔۔۔ ''ٹاس'' ژِ پھوکہٕ بالہِ اَسی نہٕ بدُن یِوان اَتھِ ۔ اَزکل چھِنا پھوکہٕ بالہٕ پھٹِتھ تہِ بچے متِن ربڑ دلَن وُٹھن پیٹھ رٔٹتھ اَندر رگَن دام دِوان تہٕ لوٚکچہِ لوٚکچہِ بالہٕ بناوان ۔ بانٛتہٕ ہشہِ ! تیلہِ اوس نہٕ یہِ مُمکِن ۔ گیس بالَن تہِ چھُ ووٗنی سینتھٹِک (Synthetic ) ربڑ آسان توٚے چھےٚ ہنادَرِ پھَٹن تہِ آسان ! تیلہِ اوس امہِ قسمُک مصنوی ربڑ ، ایجاد سپدنِکس اَخری پڑاوس پیٹھ ، بَس صِرف اَکھ قدم دوٗر ! ۔۔۔۔ بہٕ اوسُس لوکُٹ ، یہِ ہے بوزو اَٹھ سٕتھ پاٹھی وُہر اَسِم پھوکہٕ بالَن گِندِنٕچ ۔ ترُک اوسُس ، توٚے چھُم سورُے یاد ! ویسے چھُس بہٕ اَز تہِ ترُک ، مگر مانہِ ما

کاتھہ ! کأشُر نہٕ بلگلے ۔۔۔تہٕ میانہٕ خأطرٕ چھُ أہَم تی، اِسلئے چھُ یہٕ وَنہٕ نٔے فضوٗل!۔۔۔

وُنہٕ وٕنی نہٕ مےٚ اَصل دلیل، گتھ چھےٚ مےٚ اَصلی پھوکہٕ بالہٕ ہنز وٕنی۔ سیکیولر اِزمُک نعرہ اوس توت تام ایجاد سَپد نےٚ مگر رہنُما أسی محنت سخت کران اَمہٕ باپت۔ سانہٕ بُستی منز اوس شامہٕ پنڈتَس ، ٹاون ایریا کمیٹی ہٕندِس دفترس، تہٕ نبہٕ تپلہٕ وأنس ریڈیو۔ کوکرژانہٕ ٹک وقت ہیٚو اوس واتان زِترٛیشوٕنی جاینَ أسی خلکن ٹھُٹھی لگان۔ شامہٕ پنڈتہٕ نہٕ بیٹھکہٕ منز أسی تہٕندی ہوٗری ڈٔری أشناو، مُنصفی ہٕندی مُلأزِم (پنڈت اوس تتہٕ پانہٕ مُحرِر) تہٕ کینٛہہ خاص ہمسایہٕ جمع سپدان ۔ٹاون ایریا کمیٹی ہٕندِس ریڈیوہَس پیٹھ أس ماشٹرن، کلرکن تہٕ ڈاکخانکین کیٛہو بَم چوکہٕ ہٕندِ بن مُلأزمَن ہنز بیٛرہ بیٛرٕ ےآسان مگر مےٚ أس لوکچارٕ پانہٕ سو خلکتھ خوش کران ، یوسہٕ نبہٕ تپلہٕ وأنی ہٕندِس لوکٹِس ریڈیوسیٹَس بروٗنہہ گنہٕ جمع أس آسان ،لوکٹہٕ بازرٕ کی دُکاندار، پھمبہٕ مِٹھأیی کٕیَن وول احمدٛ بأزی گرُن لڑکہٕ، یمس سہٕ گپر ژادرِتَل مأرِتھ دوٚہے دوٚبارٕ زِنٛدٕ اوس کران تہٕ لِنہٕ ڈنڈس پھوکہٕ بالہٕ تہٕ ٹِکہٕ واوجہٕ گنٛڈِتھ کوچہٕ کوچہٕ پھیری کرٕن وول صمدٛ چاچہٕ ۔۔۔ صمدٛ چاچَس اوٚسُس یہٕ اصل پأٹھی وَنہٕ ،اَسہٕ درمیان اوس پھوکہٕ بالہٕ ہُند رِشتہٕ۔ کالہٕ

پھٹان پگاہ نُو پھو کہ بال نِو ان۔

بیٔیہ وأ ژ گتھ خبرَ کوٗت ۔۔۔۔مُول بوز بُڈتھ چھنہٕ پتہٕ دلیل تہٕ تگان

پھٕرِ نی !مُدعا اوس اصٕل وننگ یہ زِ سیکیولر اِزم کِ نعرِ ایجاد کرنہٕ خاطرٕ أسی رہنُما

بڈٕ سخت محنت کران تہٕ اَمہٕ گتھٕ ہنٛز ثیٚنہٕ وَن أس ریڈیو خبرَ و پیٹھ میلان تہٕ

ترٗ کی أسی پتہٕ پرٛھن خبرَن پننہٕ پننہٕ جایہٕ کھو کھلان ،چھو کھ کڈان ، اِسترٛی کران

تہٕ دوٗر اندیش أسس اوبر مایہ گرِتھ چمکدار تہٕ بناوان ۔

نبہٕ تیلہٕ وانٛیُن ریڈیو بوزن وألی أسی بوزان بوزانے یہ سورٕے دٕستی

کران ،فِلفور !أتھی منٛز گومے اکہٕ دوہہ کنٛن زِ ووٗنی چھیٚ گیس بالہٕ یورِ تہٕ کٔنہٕ

آمٕژ -یہ أہم نیوز (News) وٕنی مے شاید پٔننی مألی ،سورگ أسی نس ، پرٛھ

نیوزاوس مے سُے ونان ۔اَکھ گتھ وَنوو ۔۔۔سورگس جایے آسنہٕ خاطرٕ چھیٚ نہٕ

تَس میانہٕ سُفأرِشہٕ ہنٛز ضروٗرت ،خو دادوست اوس تہٕ تُسنٛد دوست اوس اَکھ

دوٗب ،بَدلَے یارانا اوس یمن دوٗن پانہٕ وأنی ، دوٗب اوس حأجی ، دوشوٗے أسی

گھنٹہٕ وادَن ہتھ خبر کیٛاہ گتھ کران ۔یمہٕ دوہہ مے مول گُذریا وتمہٕ دوہہ پیٹھ

ترٛ أوی حأجی خلکن ہندی پلو چھلٕنی ،تمہٕ دوہہ پتہٕ ووٗتھ نہٕ سہ گاٹھس پیٹھ زانہہ۔

واسکٹس ( سَدرِ ) منٛز اوس پیٹھی مس چنٛدس ، چینہٕ ہتی بند چنٛدٕ گر

گرٚنچہِس وٕنتھ یہِ دِژن تہٕ مُژرأوِن اَمی دوہہٕ۔ تھوان (Poketwatch)

زِ ''وونی کیاہ چھُ وقتس کرُن'' ۔۔۔۔ ییٚہِ ووٗتُس بہٕ خبرَ کوٚت ! اَصلی چھُ پزی

بُجرَس منٛز دلیل بوزناونک ہونَر تہِ سوران ۔۔۔ گتھ اُس گیس بالہِ ہنٛز، یہِ خبرَ

بوزنوونَس بہٕ مالی ۔۔۔ '' بالہِ چھِ مشینہٕ سٟتی پھوکہٕ بدل گیس بڑان ، پَن

گنڈان، بال پتہٕ پانے ہیٚوٚر رکھسان ۔ گُٹھِس منٛز تراوِن تہٕ تالوَس سٟتی لگان،

نبرٕ تراوون تہٕ اَسمانَس منٛز غآب گژھان'' اَمہِ دوہہ پیٹھہٕ پژاریاسَ بہٕ گیس بال

بازرَس منٛز ینَس ۔ لِنہِ گنٛڈِتھ ٹِکہٕ واوجہِ تہٕ پھوکہٕ بالہٕ ہٮ۪تھ نفراوس دوہے کوچہٕ

منٛزی ہکھ دِتھ نیران تہٕ دوہے اوسُس بہٕ تَس کُنٛے سوال پژھان ۔ تہٕ پتہٕ اوس

سہُ مےٚ وُچھتھے اورٕ ے ونان ''جگر اوٗنہِ آیہِ نہٕ ۔ یمہِ دوہہ سو بال ییہِ بہٕ یمہ

گوڈنِچ بال ہٮ۪تھ ژیٚے ۔۔۔۔۔''

مُلک گو آزاد، وارٕ کارٕ زاو پاکِستان ۔ رٔہنُماہَن ہنٛز محنت لٔجی بُٹھِس

،سیکیولر اِزمُک نعرٕ سپُد ایجاد !۔۔۔ اُتھی منٛز گو سہُ ڈٔنڈٕ ڈَس گنٛڈِتھ ٹِکہٕ واوجہِ تہٕ

پھوکہٕ بالہٕ کٔنَن وول زَن خبرَ کوٚت غآب ! وقت ژوٚل زَن وادتہٕ اُتھی منٛز گیہِ

اکہِ دوہہٕ کژکھ زِگیس بالہٕ چھےٚ بازرَس منٛز آمٕژ ،مگر میٚون وقت اوس اوٚت تام

موکلیٚامُت ۔ بٹہٕ کِٹِس بنیہِ نوکری تہٕ خاندرَن چھِ گُھٹھی گژھان ،تمہِ زمانہٕ اوس یی

سَپدان، ویسے جین ( Jean )جیکٹہٕ علاوٕ چھےٚ نہٕ اَز تہِ اَتھ زیادٕ تبدیلی کینٛہہ آمٕژ

!۔۔۔۔ییمہِ دوٚہہ مےٚ لگٔن اوِس تمہِ کالہٕ ؤتھی سخت فساد۔ ریڈیو سٹیشن اَسی

ووٚنی بسیار گاٶمتی تہٕ ریڈیوتہِ اَسی مچھٔن ہندی پاٹھی، شُمارٕ رُوس، مگر شامہٕ پنڈِت

اوس اِسرار کران زِتَسُند ریڈیو چھُ ''PYE'' اَصلی جرمنی ہُنٛد، ہٹلرٕ سُندِ وقتک

، اَتھ پوشہِ نہٕ کانٛہہ، بی۔ بی۔ سی چھُس تُیوتھ یِوان زَن تَسُندِس کمرٕس منٛز بہتھ

نیوز ریڈر (News Reader) تَس خبرٕ بوزناوان چھُ۔ یہِ وَنہٕ نَس بہریٛاو

نہٕ تَسُندِس مَرنَس تام کانٛہہ زِ ژٕرےٚ نےٚ انگریزی پوٚرمُتےٚ چھےٚ تہٕ بی۔ بی۔ سی یس

کیٛاہ چھےٚ کرُن! نبہٕ تیلی اوس خوش زِ چھُھ ؤژھ، وَگوِس اوس نہٕ ربتھ تہِ نیران تہٕ

اَسی ریڈیو بوزَن وٲلی اَتھ بہہِ بہہِ گٔھرکران۔ ٹاوٕن ایریا کمیٹی ہُنٛد ریڈیو گو

اکہِ دوٚہہ ہنٛگہٕ منٛگہٕ پانے غاٮٔب، ہتو وَنہٕ ہَتھ گتھ مگر ریڈیو دٕ اونہٕ نوٚن کینٛہہ۔

ووٚنی چھےٚ اَکھ کمیٹی مُقرر کرنہٕ آمٕژ۔ یتھ پٕتی موٚ پنٛژہو (۲۵) ؤریو پیٹھ معاملس

سَنان وٕوت چونکہِ کمیٹی مُقرر کرنہٕ وِزِ چھُ اَمکہِ سیکیولرٕ کردارٕک خاص خیال

تھاونہٕ آمُت اَوٕ کنہِ چھےٚ کمیٹی ہنٛز کاٚم کُنہِ زحنہٕ بغٲر ہموار طریقہٕ بٕروٚنٛھ کُن پکان

۔ سیکیولرٕ کردار، مطلب کمیٹی منٛز چھِ زٕ مُسلمان زٕ بٹہٕ تہٕ اَکھ سِکھ شٲمل۔ اَمی

رکردارٕ کنہِ چھُ نہٕ Auditor تہِ اَتھ معاملس اَتھ لاگنس بہران۔

بلاے میأنس بجرس ، بیٚہ وأژ گتھ ڈلہٕ گژھتھ خبر کوٚت ، اَمی چھِ
بڈس پینشن دِوان ، انگریزن أسہِ مغزڈلیٖ متی زریٹایر لفظ کوٗ رُکھ ایجاد ، بہر حال
گتھ أس زِتمہِ دوہہٕ أسی سخت فساد چلان یمہِ دوہہٕ مے لگٕن اوس ، ریڈیوتہٕ
ریڈیو سٹیشن أسی بےٚ شُمار ، اَوٕ کنۍ أس فسادٕ وکھوتہٕ یہنزٕ شوٗرے زیادٕ۔ دوٚشوٗے
فسأدی ڈأری أسی پنہٕ نِس پنہٕ نِس عوامَس اپیل کران زِ یتھ نوٗ ژُک وقس منٛز
گژھن تہٕ تم سیکیولر اِزمُک نصب اُلعین نظرِ نشہِ ڈلنہٕ دِنٛی ۔ باقٕے پٔژن احتجاج
گژھِ جأری تھوٗن ، تہٕ سہٕ رٕوٗدجأری رنگرن اوٗن بیٚہِ منٛز ژوٗ رِژوٗ رِکیسری رنگہٕ
دستارتہٕ سہٕ گوٗنڈُکھ مے کلَس تہٕ فأصلہٕ گوٚ زِ مہارازٕ گژھِ کوچو کوچو بأسکلَس
پیٹھ ہوٗرلگن کرنہِ بڑ وٗنٹھ بڑ وٗنٹھہٕ روزِ بیاکھ نفر شینٛکھ ہتھ بیٚیس بأسکلَس
پیٹھ ۔۔۔ پروگرامہٕ مُطأبق دژا وأکھ نفر بأسکلَس پیٹھ مہارازٕ یعنی مے ہتھ تہٕ
بڑ وٗنہہ بڑ وٗنہہ دژاو ۔۔۔ شینکھ وول بیٚیس بأسکلَس ۔۔۔ کوچو کوچو۔ أتھی
منٛز پییہِ مے یعنی مہارازَس بٔتھِ پھوکہٕ بالہِ وأرِلس پیٹھ نظر ۔۔۔ گیس بال
أس پزی بُستی منٛز وأرِدسپز ہٕژ ۔ لِنہٕ لورِ گنٛڈِتھ بالو علاوٕ آسہٕ تس پٔنس گنٛڈِتھ
وارِیاہ پھوکہٕ بالہٕ ہیوٚ راسمانس کُن لمان ۔ مے زوٗن پانٔے زِ یہٕ آسہٕ ہےٚ اَوٗے
غأب گومُت ! گیس بالہٕ ژھانڈنہٕ ! (پھوکہٕ بالہٕ وول تہٕ اوس کوچو کوچو پکان)

--- مَتھ گوم یہِ مہاراز دستار دِمہٕ اوک طرف دأرِتھ تہٕ گیس بال ہتھ نیرِ پانٔس
کِنٛدنہٕ مگر مِنٛون وقت اوس موکلیامُت، دَستار لاینہٕ ستی نیرِ ہے نہٕ کینٛہہ، وقت ییہِ
ہے نہٕ واپَس۔

فساد ہیمے یہِ تہٕ فسأدی رہنماوَ وکۆر پننِس پننِس عوامَس شابَش تہٕ
مرحبا زِنو زُک دورَس منٛز "سیکیولر قدرِ تہٕ شیر وشکرک بأی چارٕ" برقرار تھاوِتھ کۆر
تمَو عظیم ریۆایتن ہندِس تأرٛخَس منٛز اکھِ سونہری بابُک اِضافہٕ!
دۆیمِہ دوہہٕ درٛایہِ خلکھ بێیہِ کوچہ تہٕ کرفیوٗ مٔشرِتھ سڑکن پیٹھ اکھٕ تہٕ موٗنٛجہِ ہێنہ گیس
بالہٕ آسہٕ جایہِ جایہِ کِنہٕ۔ مگر مےٚ رودیہِ شرٲندرِی، گیس بالہِ کِنٛد نُک۔
تتھ کالَس اُسی کٔشیرِ منٛز بٹہٕ تہٕ روزان۔ مےٚ زاو زنانہِ لڑکہٕ تہٕ تُسی ستی
زاومےٚ تہِ آیڈیا (Idea) سۄچُم زِ اَدِ موکلیاو مِنٛون وقت۔ مِنٛون نیٚچوٗ آسہِ گیس
بالَن کِنٛدان، منٛزی منٛزی آسہٕ بہٕ تہِ لوکچارُک تماہ پۆرٕ کران۔ دُنیا چھُ پتہٕ وتھ
اِتھے پأٹھی پکان آمُت۔ مےٚ دُیٹ پانَس تسلا۔ باقین ہنٛز چھےٚ نہ مےٚ خبَر مگر
پانہٕ چھُس بہٕ پأنی پانَس تسلا دِنَس منٛز یکتا تہٕ ماہر۔ یہِ وَصف اوس مےٚ زہنہٕ وِزی
بھگوانَن دُیتمُت، ہۆرِتھ ہیکَس نہٕ! اَصلی آسہِ ہےتَس تہِ یہِ اند از زِسأرٕ ے
زندگی بٔرمَس ابھاوٕ ستی یہِ وَصف ہرگاہ نہٕ دِمَس یہِ مرِ زہوان زہوانے!۔۔ئلی

چھس نہٕ بھگوان ونان ، پرٛتھ گتھِ چھُ گوڈے وأتتھ آسان ! اِتھ چھِ ساخلکھ پۆزا کران اَدٕ۔

اُف رأو گتھ بیٚیہِ وَتی ---خبرٕ مےٚ زَن چھےٚ ووٚنی یہِ بیمٲرِی لار پمٕژ۔ گتھ آسان خبر کیاہ چلان بہٕ واتان خبرٕ کوٚت ۔ ویسے پننہِ جایہِ چھےٚ گتھ بہٕ اوسُس دہ ہےٚ مغز وِتھُے ، دَف جوٲنی أس ، باس اوس نہٕ لگان ، بیٚیہِ اوسُس نا بہٕ خُرفہٕ آیے اَمہِ کنۍ اوسُم نہٕ کانٛہہ کینٛہہ وَنٛنُس تہِ بُہران ۔ خاٛر گتھ أس چلان زِ مےٚ سوٗچ زِ نیٚچوس ستی آسہٕ بہٕ تہِ مۄژی مۄژی گندنُک شوخ کڈان ---مگر تہِ ہیٚوک نہٕ مُمکِن سپدِتھ تکیاہ زِ یوٚت تام سہٕ گیس بالہِ گندنچہِ وُمرِ ووت تۄ تام اوس باقے چیزن ستی ستی اشراف شُربن ہُندلو کچار چھاوتُک میزان تہٕ بدلیامت ۔سیکیولر اِزمُس ستی ستی أسی رہنُماو بیٚیہِ تہِ بسیار نعرِ ایجاد کری متی ، اِصل ، خوش پۆنی ، وزَن دارتہِ اَکی تائیمہِ یادروزَن وألی ۔ ووٚنی أسی نہٕ سکوٗلن مۄژ پران "لب پہ آتی ہے دُعا بَن کے تمنا میری" میوٚن نیٚچوٗ گوگوڈ پرٛیس "Prep" دأخل ، اَمہِ وِزِ اوس سہٕ اڈ کولے ٹیٚلہِ سہٕ نرسری ، لوٚر کے ۔ جی ، اپر کے۔ جی دوٚن ژوٚن ؤری یَن ووت ، اِدٕ تۄرِ مےٚ فکرِ زِ یہِ چھُ ہمپٹی ڈمپٹی سیٹ آن اے وال پران ۔ اَوٚلس تام واتان اوس لو کچار ہمپٹی ڈمپٹی یَن پانٛس ستی دیوارِ

پیٹھ یون دیشمت دأرِتھ۔ گیس بالہِ سۄمب اوس توتہِ وقت واریاہ بچان مگر فیس، ٹیوٗشن، ٹرانسپورٹ، کِتابہٕ، وَردی تہٕ باقے أڈنی گڈنی ہہنہٕ پتہٕ اوس نہٕ گیس بالہِ خاطرٕ کینٛہہ بچان۔۔۔ "ہرگاہ لڑکہٕ کینٛہہ بناوُن چھُ تیلہِ گیہِ وُنی کنٛنس لاگت لاگنی!"

یہِ مۄل مَنٛترٕ أسی ساأرے ونان، تہٕ یہِ مَنٛترٕ پرٛکھٹاوُنَس لگی ساأری شوق تہٕ واریاہ ضروٗرتہٕ چھپہِ۔۔۔۔ مگر لڑکہٕ بنیاو پزٕے کینٛہہ۔۔ بلکہِ واریاہ کینٛہہ۔ اُمیٛک سارِوے کھوتہٕ زیادٕ احساس اوس لڑگس پانَس تہٕ تسٕندِ کھوتہٕ زیادٕ تسٕند بن ہوور بن! اَکھ عجیب کتھا۔۔۔ عجیب کیٛا بلکہٕ ناقأبلِ بوٗر گتھ أس یہِ زِ گیس بالہٕ تہٕ ٹِکہٕ واوجہِ کمَنَن وول اوس وُنہِ تہٕ سُے، تتھی لِنوِ لورِ گنٛڈِتھ بالہٕ تہٕ ٹِکہٕ واوجہٕ کنان، تتھے پأٹھی اوڈ سِگریٹ ژھٕبتہٕ گرِتھ بٹ (Bit) کنٛس پیٹھ گنہِ تھوان یتھٕ پأٹھی پتھ کالہٕ چٹھی رسان قلم تھوان أسی۔

ووٚنی أسی الیکشن واریاہ سپدان۔ جمہوٗریت أس ناکأفی "پھہلیمٕژ" اَز میونسپلٹی ہنٛدی پگاہ اسمبلی ہنٛدی کأتی کبتھ پارلیمنٛٹکی۔ گرا جنرَل تہٕ گرا بأیی۔ گرا کانٛہہ مَرنہٕ یَنٛزٕ تہٕ گرا مارنہٕ یَنٛز، سرکار گرنہٕ یَنٛز یا سرکار گراونہٕ یَنٛز۔

گیس بالہٕ وول اوس پرٛتھ الیکشنہٕ وِزِ مُختلِف سیأسی جمأژن ہنٛدی

انتخأبی نشان گرِتھ گیس بالہٕ اَنان۔ یِتھٕن دوہَن اوس تَس کنٕس پٔنٹھ گنہٕ فِلٹر دار کِنگ سایِز سِگریٹ بٔڑٕ آسان ۔۔۔ مےٚ چھُ باسان بہٕ ہیٚوتنٕس بیٚیہِ اَصلی گتھِ نِشہٕ ڈلُن، بہتر چھُ دلیل ژھوٚراوٕنی ۔۔۔! سپُد یہ زِ مےٚ زایہِ لڑٕکس گوٚنڈری ہش لڑکی، بہٕ گوس سیٚٹھاخوش سۄ چُھم زِ وۄنی چھےٚ نہٕ مےٚ کانٛہہ پابنٛدی، وۄنی گیہِ ساری پینشَن پوٚنسہٕ بالَن گیس بالَن پٔٹھ خرچہٕ گرٕنی۔ مگر نچ زبنٕس ستی آیہ مےٚ دوٚیمہِ پورٕچ کوٚٹھر دِنہٕ یتھ محض وۄب ہش اَکھ سیکہٕ دأرأس۔ وۄنی اوس بوٚ ڈکمرِ میٲنہِ نوشہِ، لڑٕکس تہٕ تہنٛدِس عیالس، زیادٕ ضرورت، میزان اَسی اوٚت تام واریاہ بدٕقیمتی تہٕ جمہوری قدرٕ وأس پھٔلتھ کوچَن تام ژھٔٹھ کٔڈٕمٕژ حأرأنی ہنز گتھ چھےٚ زِ پھوکہٕ بالہٕ کنَن وول اوس ازتہِ سےٚ، دوٚہے ۔۔۔! اوس میٲنہِ سیکہٕ دارِ نش رُکتھ نرکأنی قلمک بین "ٹاس" گرِتھ وایان تہٕ بہٕ اوٚسس سیکہٕ دارِ مٔنزی دجہِ گنٛڈِتھ پوٚنسہٕ ترٕ اوان تہٕ سہُ اوس اَتھی دجہِ اَکہِ طرفہٕ اَندٕس گیس بالہِ ہُنٛد پَن گنٛڈان۔ بہٕ اوٚسس بڑٕ کشالہٕ گرِتھ دویوسکوٚ مٔنزی بال اَندر رٹانان۔ پکہٕ اوٚسم بہتھ زِ اَکہِ دوہہٕ کھسہٕ نچ بڑی بٔبس ژھانڈان ہیٚورتہٕ بہٕ دِمَس یِمہٕ رنگابہٕ رنگی بالہٕ یِمَن پٔٹھ واریاہَن بالَن مختلف رہنماہَن ہنٛدی انتخأبی نشان تہٕ بنأوِتھ اَسی۔ بالہٕ گیہِ وارٕ میٲنہِ کوٚٹھرِ منٛز جمع گژھان، سارے آسہٕ

گیس بالہٕ اَو۔کنہٕ آسہٕ سارے یٖیلہٕ گوڈنُے وُپھ دِتھ تالوٗس ہیتی لگان۔ اکہِ وقتہٕ آو سورُے تالو بالو ہیتی برٕتھ۔۔۔وار یاہ وقت لوٗگ اَتھ شاید۔ نبرٕ اَسی وار یاہ میزان بدٕیمتی تہٕ اَندرٕ اوُسُس بہٕ خبر کیاہ زِ وارٕ وارٕ بالَن منز روٗزِتھ زَن پانہٕ تہِ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ہلکہٕ گژھان۔۔۔اکہِ دوہہٕ یٖیلہِ بہٕ صُبحن نٮ۪ندرِ ووتھُس اوُسُس پرٕزِ بالَن ہیتی تالوٗس لگِتھ بالَن منز ہنہٕ آمُت۔ بہٕ اوُسُس وُنہِ اَتھ پیٹھ سوچانے زِ یوٗنہٕ گیہِ ودَن کرٕکھ، گوڈٕ میٲنس لڑکہٕ ہیُنز تہٕ پتہٕ میانہِ نوٗشہِ ہنز، ہیتی تُج نچہِ تہِ ودَن گرٕ بز۔۔۔ بہٕ اوُسُس پیٹھہِ کنہِ سٹھا ہلکہٕ گژھتھ بالَن درمیان تالوٗس ہیتی لگِتھ خبر کیاہ زِ خوش ہیوٗ!

کیٚنژھ دوٚہی یٖیلہِ کوٗٹھرِ منز بالہٕ نبر آیہٕ کڈنہٕ بہٕ تہٕ درٕاس ییٚمنہٕ ہیتی۔ وونی چھُس بہٕ پنٛنن رنگ برنٛگی بالَن ہیتی کھُلہٕ آسمانس منز آزاد دی سان پھیران!

بِلکُل ہلکہٕ! سنہٕ تہٕ تارٕیخ چھُم نہٕ یاد اِتھ پاٹھی، وُں گوٚیمس سنہٕ زیادٕ اہم باسہِ سہٕ ہیٚکہِ یٖیمہِ نِشانہٕ ژھانٛڈِتھ زِ بٹن اوس کٔشیرِ پیٹھ ژٔلی مِتس وار یاہ کال گوٚمُت۔

-------

# دوٚن اَتھَن ہٕنٛز داستان

لِوان لِوان وأژسو برٕ داَسس تام تہٕ اَمہِ پتہٕ کوٚژُن بڑ ثرِس کھندس تھگھ ہیٚو۔ سو أس درواز کہِ ہیٚر مہِ داسہٕ پیٹھٕ تہٕ شاید لوٕن پھَش دیٚن یژھان ،پوٚز درواز پیٹھٕ گنٛج لَب أس تیٚنٛدِ قدٕ کھوتہٕ واریاہ تھٔز ،تیٚژ تھٔز زِ تسُنٛد اوت تام ترِ پلوِتھ لِوٕن پھَش دیٚن اوس ناممکِن۔ تمہِ دِژ خأ لی کمرَس اکہِ لَبہِ پیٹھٕ دوٚیمہِ لَبہِ تام نظرٕ ویٚستی دوٚنی ،سو أس لِوٕن ہرٕ ہبتھ برٕ پیٹھی لَبہِ تام واتنٛچ سبیل ژھاندان۔ تَس رُکیہِ مےٚ پیٹھ نظرٕ تہٕ کینٛژس کالَس گوس لِوُن مشتھ۔ بہٕ اوسُس وأنسہِ ہندِس تتھ پڑاوَس پیٹھ ییلہِ اِنسان کھوکھجہِ ہُند دور مکمَل کرِتھ صرِف دوٚن پدن پیٹھ کھڑا سپدنک ہل بَل چھُ کران۔ میانہِ اَمہِ کوٚشِشہِ ستی أسی تازٕ لِوٕنس کینٛژن جایَن ژھکھر وٕتھی ستی ---- ''بلایہِ لگےٚ ژھکھر ماتُل''۔ تمہِ وٚون

ئلۍ مےٚ گُن، تَس اُس نہٕ کانٛہہ شکایت ئلکہِ اُس خوش زِبہٕ چھُس کھوکھجہِ ہُنٛد اہم مٔنزلہٕ طے گٔرِتھ ووٚنی صرِف دوٚن پَدبن پتہٕ کھڑا اسپدنُک سَنٛز کران۔ تَسُنٛد سرٛ یٛہُل وُٹھ گُمنیار وُچھِتھ آس بہٕ ووٚلسنَس ہیٛوہ تہٕ تَس وُچھوٚن گٔرِم بیٛیہٕ کھڑا سپدنٕچ کوٚشِش۔ مےٚ دِتی گوڈٕ نٔمِتھ دوشوٚے اَتھِ پٔتھرِس، پٔتھرِ یٛک اَڈٕ ہوٚکھ لِوٚن لاریوو مےٚ دوشوٕنی ماوَن، میأنی یہِ جستہٕ خاطرٕ وُچھِتھ آو تَسنٛزِن اَچھَن مَنٛز اَہی ہُنٛد شیٛہجار وُتلِتھ تہٕ سورُے تھگُن گوٚس زَن موٕ ملکی پأٹھی وِیٛگلِتھ۔ مےٚ تُل وارٕ وارٕ زمینہِ پیٹھٕ اَکھ اَتھ تھوٚد تہٕ زَنگہِ ستی ماوِہ ہُنٛد لِوٚن مَتھان تھوٚوُم کوٚٹھِس پیٹھ اَتھ، ہبلہٕ کوٚرُم تھوٚد وتھنُک پوٚز اڈٕے باسیٛوم زِبہٕ یمہٕ اُک طرفہٕ لاینہٕ ---- "ہمَتھ کرُو سوٚرہٕ گوساٹیا" تمہِ وُوٚن تہٕ کمرَس پھہلے یہِ دودٕہ ہرِچ ہش مُشکھ۔ مےٚ کھور وارٕ وارٕ بیٛا کھ اَتھ تہٕ تھوٚوُم دوٚیمِس کوٚٹھِس پیٹھ، پتہٕ گٔرِم کوٚٹھَن ہیٹھ دباوترٛ اُوتھ رَسہٕ رَسہٕ پَدبن پیٹھ اِستادٕہ سَپدنٕچ کوٚشِش۔ گیٛران گوٚس بہٕ گوڈٕہ کوٚب کٔڈِتھ تہٕ پتہٕ پوٚرہٕ پأٹھی اِستادٕہ۔ یہِ وُچھِتھ پھوجہِ تَس زَن بوکہٕ، ٹاربن پیٹھ آس شبنم ہیٛوہ اُدریا رتہٕ سورُے گو سوٚنٛتھے سوٚنتھ۔ پوٚز صرِف دوٚن پدبن پیٹھ کھڑا اسپدنہٕ خاطرٕہ چھُ ڈٔنٛڈا اَکی ترٛ ایہِ تھاونُک ہونرزانُن ضروٗری تہٕ بہٕ اوسُس اَتھ ہونرِ مَنٛز وُنہِ آچھرُ ے، اَدٕہ موکھ

اوس مے پانٛس تہٕ باسان زِوُنی پہمہٕ ۔ مے گرہنجٲری پاٹھی ہوٚہس منٛز پولرہِ پشجہِ نرِ ژھرٹہٕ وِتھ ڈنجہِ کھڑاروزنچ کوٗشش تہٕ ژِہس اَکس روٗدس کامیاب تہِ ۔ تمہِ کوٚرخوش گرٕھتھ لوٗن اتھے تیٛتھ زورٕ ژرہِ پوٚپ زہٕ لوٗن چھکوٗستی دژاو کرٕہنس تمنٛی تالوٗس تارکھٕنب ، مے وَچہِ لوٗن چھکہ ہنٛدِ ہمہ ہکہٕ اَچھ، ستی ڈوٗل توازُن تہٕ بہٕ گوس دوٗپھ گرِتھ پتھر بہتھ ۔

"سوٗرہٕ گوساتیا اچھ ٹِتہٕ وارِیہ ستی گوکھا بہتھ ؟" تمہِ وٚون اَسان اَسان تہٕ پھیر پوٚت درواز کہِ ہیٛرمہ دَمہٕ پیٹھی لبہٕ ہنٛدِس تتھ جھس لوٗن پھش دِنچ سبیل ژھانڈنہٕ یوٚت تام تَس ژرپلان اَس نہٕ تہٕ بہٕ بیٛوٹھس بیٛیہ دوٗن پدبن پٹھ کھڑا سپدنہٕ باپتھ جستہٕ خاٗز کرنہٕ ۔

بہٕ اوٗسس اَتھ کوٗششہِ منٛز ژھیٛتھ پیٛوان ، گرا دوٗپھ گرِتھ بہتھ گرٕھان تہٕ گرا ڈلہٕ گرٕھتھ چھاونہٕ یوان ، پوٚز ژہس اَکس ووٚدِنی روزنہٕ ستی یُس نشہِ تہٕ یوسہٕ مستی ہش مے باسان اَس سوٗ اَس تھکنکہ احساسہٕ کھوتہٕ سبٹھا طاقتور، تلہٕ پدبن اَس عجیب سَر ہش باسان، یوسہٕ کُنی ژھالہِ رگن رگن پھٔہلان اَس ، دِلس اَندی اَندی اوس باسان خوش یوٗن ترٕ شیار رُہیوٚ تہٕ وچھاوس زَن بونہٕ ہنٛد باڑولبان ۔ تتھ پاٹھی صرف دوٗن پدبن پیٹھ کھڑا سپدنہٕ وِزیلہِ

تہٕ یوٗن گٕن وُچھان اوٗسس باسان اوٗسم کھورٕ تَلہٕ زمین چھےٚ سبٹھا سبٹھا بوٗن تہٕ
کلہٕ پیٹھٕ آسمان سبٹھا سبٹھا نزدیک، نرٕ ہرگاہ پلوٗس کومب گرِتھ رٕٹن سوٗرے
تاپھ ہیتھ نالہٕ مَتہٕ، اَمی کھرٕ اوِکہِ اَمارٕ اوٗسس دَب لگِتھ، ڈُلہٕ گژھتھ تہٕ دوٗن
پدٕ بن پیٹھ کھرٕ اسپدٕ نچ کوٗشش کران۔

تَس ییلہٕ نہٕ برٕ پیٹھی لبہٕ تام پلہٕ نچ کانٛہہ سبیل اَتھِ آیہٕ تَمہٕ تھاوی برچہٕ
تھزٕ دمدرِ پیٹھ کھوٚرزٕ، کھوہورِ اَتھٕ گرٕن پیٹھی مِس دَمس تھپھ تہٕ ژچھنہٕ اَتھٕ ہُر
پلوِتھ دُیٹن اَکھ پھَش، دویم پھَش، تریم اوٗسن وُنہٕ اَوڈے دِیُت مُت زِ
کیاہ تام گو، شاید گیہٕ تَس کھوہورِ اَتھ تھپھ ڈٚیچ۔ تَس آیہٕ ہکہٕ گژھاے، ہُر پیوٚ
پتھرٕ تہٕ بوٚنہٕ گو دَمدرِ لاٛرِتھ سوٚ آیے یہٕ وُکراونہٕ، پوٚز بامبرِ منٛز دُیت تَمہٕ تَمنٛی لد
کرٕ ہنس نٔری کوٚٹس اَتھٕ تہٕ لوٚن میٛژٕ برِتھ اَتھک مُکمل آکار گو نٔری کوٚٹس پیٹھ
وٕٹسی ۔۔۔ کرٕ ہنس تَمنٛی لد کوٚٹس پیٹھ اوس تیٚندِ اَتھک یہٕ آکار زیادے
پرٕزلوٚن تہٕ چمکدار باسان۔ سوٚ ژٕھ وارٕ وارٕ دَمدرِ پیٹھ بوٗن تہٕ ہیٚٹھ پتھر۔ تَس
اَس سٲری سے پانٛس نٹھ نٹھ تہٕ بُتھِس اَسس لیٚدرِ ژھٹھ پھیرہ مژ۔ سوٚ ژھٹہٕ
ہے وٕدن باکھ پوٚز کیاہ تام گو زِ پھوٚرس نہٕ۔ سو روٚزہے بنگہٕ ہش ژھیوے مَژ و
اَچھو واریاہ ہَس کالس تَمنٛی تالوس پیٹھ وٕٹسی گاٹِتس آکارس تِتھٕ پاٹھی وُچھان زِ

مےٚ باسیٚو ووٚنی ڈالِہٕ یہِ زانٛہہ اَمہِ پتھٕ نظر، مےٚ کوٚر فأصلہٕ زِ یتھٕ تتھٕ سپدِ دوٚن پدٕ بن پتھ کھڑاتہٕ نرِ پلوِتھ کرَن یہِ آکار آزاد، پوٚز ڈُلان گیرِ ان یٚیلہِ تھوٚد ؤتھِتھ نرِ زہٕ پلو بٕم اَسمان گُجاریمہٕ واژنہٕ تالوٗس تام تہِ تہٕ گوڈ نِکہِ پھرِ گوم احساس زِ اَسمان چھُ سبٕٹھا تھوٚد تہٕ نرِ سبٕٹھا ژھوچہِ۔ تمہِ دۄہہٕ گو اتھُک سہُ چھاپ خبر کیٛاز زِ مۄرِ ژنجہِ ہٕنٛدی پأٹھی أنٛد رِی گَتہِ تام لاہہٕ کھأرِتھ مگر پننہِ اَمہِ گُدر ٕنٛک دُیٛت نہٕ مےٚ تَس زانٛہہ باس تِکیازِ تَس اوس نہٕ تیٚلہِ پَرٛژھ کرنَس لایکھ کٕہنٛہ بچان۔

نیٛبرِ اوس آنٛگنُک بوٚڈ لِکرُ کُل تتھے پأٹھی کھڑاتہٕ تاپھ تہِ اوس تمِی اندازٕ کُلہِ مۄژی وُ ریبہٕ پیٚتھ زمیٖنہِ چھِٹھ کڈان۔ لِکر گوڈَس نخہٕ یٚیتہِ نَس شیٖہجار گوٚن اوس ،اوس اَزتہِ سہُ کاژُر ہۄن کھوٚنٛگھُن کارِ منٛز ژٕھنِتھ زِپہٕ کران۔ اَزتہِ آسہٕ دۄہہٕ دِشہِ ہٕنٛدی پأٹھی آنٛگنہٕ اَپارِ گُتجہِ وٕتھِ ستی ستی وُڈ وُگرِتھ آنٛپہٕ سوٚمبران۔ گُنہِ اَس نہٕ کانٛہہ فرِق آمُت۔ کمرٕ أنٛدرِ یہِ کینٛژھا سپُد تمیُک اوس نہٕ کمرٕ نیٛبرِ مس عالمس کانٛہہ اَثر پیوٚمُت۔ شاید أسی نہٕ نیٛبرِ مس عالمس اَمہِ وأری داتِچ خبرٕ ے۔

اَمہِ دۄہہٕ شامَن شوٚنٛگی أسی فاقہٕ پھرِ ی، شوٚنٛگی نہٕ سوٚنٛگنچ گر کوٗشِش، أچھ ؤٹِتھ رۄدی دوشوَ ے رأتی راتَس پننی پننی زال وونان۔ یٚیلہِ مےٚ تھٕکِتھ أچھ مُورٕ اوِ گاش اوس واریاہ پھوٚلمُت، سوتہِ زن أس میأنی ہےٚ أچھ مُژراونَس

پراران۔ تَمہِ تُلُس بہٕ کھوٗنہِ تہٕ دژایہِ برٕنیٚبر تہٕ کمرٕ گو ووجارٕ، زَن پڑاوتژ اُوِتھ یاتٕری اُسی گاٛمتی۔ صرِف اوس اَتھُک سُہ وَٹٕسی گوٗمت آ کاروٗنہِ تہٕ برابر زوتان۔

خبَر کمُوتژ بوٚمنژٕ آیہِ بےٚ شُمار زٕلری نیٖرِتھ تہٕ پیٹھی کمرَس اَرٕ ورٕ زال وونہِ۔

برٕ نیٖرِتھ وُژھ سو ہیرِ تہٕ دژایہِ آنگنَس منٛز، آنگن ڈیڈِ نیٖرِتھ وأژ سو کوچَس منٛز تہٕ کوچس ترِتھ ییٚلہِ سو سڑکہِ پیٹھ وأژ، سوٗرُ کےٚ یہِ بڑٕ ژٕنزِس کھنڈَس۔ اَکھ نظر دِژِن سڑکہِ تہٕ اَکھ مےٚ گُن، پتہٕ روٗٹُنَس بہٕ کھوٗہورِ طرفہٕ وارٕ پأٹھی کھوٗنہِ تہٕ کلہٕ تھوٗوُنم پنِنس پھیکِس ستی، دوتہِ لوٗنٹھ ترٲوُنم کلہٕ پیٹھی تہٕ ترٕ سڑکہِ

اَپور ________!

اَمہِ پتہٕ رٲوی اُسی وار یاہَس کالَس کوچن ہُنٛدِس جنگلَس منٛز۔ أتھ جنگلَس منٛز پھیران ہیٚوٚچھ مےٚ پکُن، صرِف دوٗن پدٕبن پیٹھ کھڑا روزُن۔ ووٗنی اُس سو مےٚ صرِف اَتھَس تھپھ کران تہٕ پکان اوُسُس بہٕ پانَے۔ حالانکہ پانَس اوس مےٚ بہِتھ زِبہٕ ہیکہٕ تھپہِ بغأرتہِ پکِتھ مگر تَس اُس نہٕ زَن وُنہِ میٲنِن قدمَن پیٹھ پژھ۔ اَتھ جنگلَس منٛز آسہٕ بدلےٚ بدلے زُوٗز آژ۔

اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ مےٚ اُکی جنگلی بچ ٹوپھ دِژ، مےٚ کوٚر چھورٕ چھورٕ، سوٗرُے پاس گوم نیلہٕ ئرِی۔ یہِ اُسی میٲنِس بدنَس پیٹھ کأنسہِ بچ ہنزٕ گوڈنچ

ٹو پھ۔ٹو پھ وُچھِتھ آو تس وُٹھن پیٹھ عجیب اُسن تہٕ مےٚ وونُس دٕگ للہٕ وان:

''یہ چھُس دٕگہِ ستی مران تہٕ ژٕ چھُہم اَسان''

''اَسان نا چھُس نہٕ اُلجہِ سیا بلایہِ''

''اَسان اَے چھکھ تہٕ''

''نا پَزٕ ھ چھُم نہٕ یِوان ژٕ چھُہم پزٕی پاٹھی بڈٕیا مُت''

''یہِ گوٚیہِ ژےٚ ووٚنی احساس''

''اِ ل بچ ہنٛزِ ٹوٚپہِ ستی۔۔۔بچ ہنٛزٕ ن نظرٕ ن منٛزٕ یُنے حبا گو بڈٕ ن''

تمہِ ووٚن زہر ژٕ ہان ژٕ ہان۔

دویمہِ دوہہٕ پیٹھٕ کرٕ نہٕ تمہِ پکنہٕ وِزِ مےٚ اَتھس تھپھ تہٕ ووٚنی اوٚسُس بہٕ تَسنٛزِ تھپہِ بغاٗرٕ ے پانَے پکان۔منٛزٕ منٛزٕ اوٚسُس بہٕ سبٹھا بزٕ وٕنٛتھ نیران تہٕ سو اُسی تیزٕ پَتھ روزان زِمےٚ اوس پرارُن پیوان، ہتہِ پاٹھی پرارُن اوس مے سبٹھا کھران۔اکہِ دوہہٕ ییلہِ مےٚ یہَے گتھ تَس وُنی سو ہیٹھی پتھرٕ تہٕ ژٕہس کھنڈٕس تھکھ کٹہٕ نہٕ پتہٕ ووٚنن بڈٕ ماٗصم انداز: ''مےٚ ہا ووٚنی پکنہِ ستی شانٛش ہش زٕن کھسان'' تسنٛزٕ گتھ بوٚ زِتھ باسیوٚ مےٚ زٕن واریاہ کالہٕ پیٹھٕ مےٚ سو وُچھمٕژ ے چھَ نہٕ۔شاید تنہٕ پیٹھٕ ینہٕ مےٚ پانَے پکُن ہیوٚت۔صرف دون پدٕن پیٹھ !سو

اُس پڑی پاٗٹھی واریاہ کرٕ ٹے مِژ ۔ تَس آسہٕ ڈبکس ژ مٹھتھ واریاہ گیٚنہٕ پیمٕژ ۔
اُچھن اٗندی اٗندی اُسس کرٕہنٕز حلقہٕ پیٚمتی تہٕ مکنٛڈن آسس مچھہٕ ٹیچہ ہشہٕ
نموٗ دارگاٗمِژ ۔ مازبیرٕ آسس واریاہ گمٕژ تہٕ وُٹھن اٗسس پٹرٕ اُمِژ ۔

دوہہٕ اکہِ لگی اُسی تتھ بستی کُن یییتہٕ بدلے لگھ اٗسی ، ساری شکلہِ
ہوِے ، چارواین ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ سوی ، پکان تہٕ تہنٛدی پاٗٹھی ، کھیٚلن منٛز ، پۆز
تہنٛدی پاٗٹھی نہٕ اَکھ اَکس نشہِ لاپرواہ تہٕ بےٚ خوف ۔ بلکہِ تمنہٕ ترٕنی سارنے
بےٚ زِ وقت گوژھ نہٕ ظایہٕ گژھن ۔ یہ نہ کانٛسہِ زون زِ وقت ماچھُم ظایہٕ کران ۔
اوت وأتتھ ہیچھنوُس بہٕ تمہِ واریاہ کتھہٕ ، مِثالے یہٕ زِ شیشہٕ چھُ زیری پھٹان ، یہٕ
پھٹنہٕ چھُنہٕ تتھ دوکھ گژھان یُتھ اَمیک چۆرٕ سنہٕ گژھان چھُ ، موم چھُ تژرٕ
ستی ویٚگلان ، یتھ جایہ نہٕ گاش واتہِ تتہِ چھےٚ زاُجر لگان تہٕ زلرزال وونان تہٕ
بیٚیہِ تہٕ واریاہ کتھہٕ ________
تہٕ یِیلہِ نہٕ تَس مےٚ ہیچھہِ اُون لایکھ کینٛہہ تہٕ باقی رُوٗد ، سو ہیرٕژن وارٕ وارٕ سورٕنی
ہش ۔ مےٚ باسیوٗ زن تمہِ اٗندرِم کیاہتام موٗلُل مےٚ دِتھ پٔنن پان کھوٗ کھرٕ
کوٗرمُت اوس ، تَس اُس وَس تام خاٗلی گاٗمِژ ، توٗے اُس تَس ووٗنی سَخ ترٕ لگان
تہٕ بہٕ دٕراس تَسنٛدِ خاطرٕ تاپھ ژھانڈنہِ ۔

مےٚ اوس ووٚنی پوٚرِ پأٹھی یہِ کھرٕ ووٚژ ولُمت زِ پدٕبن دوٚن پٹھ کھڑا سَپدِتھ ہرگاہ نَرِ زٕہ پکلوٚ سورٕے تاپھ ہتھ کیارٕٹن اَسمان کومبہِ۔

اکہِ دوٚہہٕ أنی مےٚ ییتھٕ تیتھٕ اَکھ دوٚژھ تاپھ تہٕ اَکھ کھٕنڈ اَسمان ۔۔۔ امہِ دوٚہہٕ أس سو سٮ۪ٹھا خوٚش، سو ییٚٹھ ڈوٚکھ دِتھ تہٕ بیٚوٚٹھُس تَس نَنِے، تٔہندٕ بن ژمٹھے متھن اَتھَن پھَش پھَش دِنہِ۔ مےٚ أسی تٔہندی اتھٕ واریاہہِ لٹہِ وُچھمتی، تٔہندِس کھوٚورِس اَتھَس پٮ۪ٹھ کھٕنتھ اومکار، ترشوٗل، پھیری، تارکھ، ژٔندر، شٔٹھ کون تہٕ خبر کیٛاہ کیٛاہ، واریاہ لٹہِ وُچھمتی مگر اَز تام اوسمس نہٕ یمن مُتعلِق زانٛہہ پرٛوٚژھمُت۔ اَز خبر کیٛا زِ پرٛژھمَس ________

''ژےٚ کیاہ چھے کھوہورِس اَتھَس کھٕنی کھٕنز یہِ چھِٹھ کڈٕمژ؟''

''کیاز زِ چھےٚ نا جان؟'' تمہِ ووٚن یمَن کھٕنز متھن نقشَن پھَش پھَش دِوان

''نا جان چھِ ۔۔۔ مگر یہِ چھےٚ نا عجیب کتھا زِ ژٕ چھُن اتھٕ چھُ خأ لی تہٕ کھوٚہورِس اَتھَس چھےٚ چھِٹھ کڈنہٕ آمژ۔''

''تیلہِ أسس بہٕ کُنز، سہ اوس کامہِ کارَس بانگہِ نیران تہٕ ژانگہِ اَژان، کُنزَس چھےٚ لُر جاے تہٕ کھیٚنہِ یِوان۔ بہٕ أسس گوڈٕ تیلکس پٮ۪ٹھ ژٕنی أڈٕراُ دِتھ تھوان تہٕ پتہٕ ہرٕشنہِ ستی ترٛسی دِتھ یمہ نقشہِ کڈان ییٚلہِ یمَن خون پھٹہِ ہے پتہٕ أسس

یہِ تیلہٕ دار ژٕنہِ ہَن پٔٹھ مَتھان ۔ اَتھ اوس کیٚنژٕن دوہَن ہٕنٛز کھَسان تہٕ ییٚلہِ سہٕ وَسہِ ہے تلہٕ اوس اَتھَس پٔٹھ نقشہِ نوٚن نیران ۔ بہٕ تہِ أٔسس گانٛگلہِ گرٛھان تہٕ گُنٛز تہِ اوُسم نہٕ باسان ، وارٕ وارٕ دڑایہِ سأرٕ ہے اَتھَس چھٕٹھ ۔ ‘‘

--’’تہٕ دٕ چھنِس اَتھَس ؟‘‘ مےٚ پرٛوٚژھُس ۔

--’’پتہٕ زاکھ ناژٕ ، اُلجی سیہِ بلایہِ ، پتہٕ گتہِ رٕو دگُنٛز ‘‘ تمہِ وٚون مےٚ بُتھِس پھَش دِتھ ________!

اَمہِ پتہٕ وَچہِ تمہِ وارٕ وارٕ اَچھ تہٕ پتہٕ تہ مُژرہن نہٕ ۔ ۔ ووٚنی چھُس بہٕ گُن ۔ ۔ ۔ بلکُل گُن ۔ گُنٛزُک چھُم احساس تہِ ، اَتھٕ زٕ چھِم خأڑلی تہٕ ہرٛژن تہِ چھُم تہٕ ژٕنی تہِ ۔ ۔ ۔ پوٚز کیٚاہ تام چھُ توتہِ گم زِ اَتھَس ترٕٛسی دِتھ ، خون پھاٹِتھ تہٕ نقشہِ کھٕنِتھ گُنٛزِچ داستان چھُس نہٕ لیکھِتھ ہیکان ۔

--------

# پَتہٕ سپُد یہِ ۔۔۔۔!

ویسے ہرگاہ وُچھو تہٕ وُنن لایکھ چھُ یُتے زِ پتہٕ کیا سپُد تِکیاز یہِ گوڈٕ سپُد تہٕ چھُ سارنے ویٚوٚدتہٕ یہِ سارنٕے خبر آسہِ تہٕ پھِرُن چھُ نہٕ کانٛہہ مانے تھوان، دَپھ پتہٕ کیا سپُد تہِ چھُ ذاتگ گُدرُن تہٕ یہِ پھِرنہٕ چھُ اِنسان اشرف اُلمخلوٗقات آسنک ثبوٗت تہِ دِوان تہٕ حق تہِ اَدا کران!۔۔۔

توے ییٚلہِ تہِ مےٚ کانٛسہِ نِش یہِ گتھ پھِر، شروع کوٚرُم اَتی پیٹھٕ زِ پتہٕ کیا سپُد ۔۔۔ تہٕ سپُد یہِ زِ گوڈٕ گو تاپھ پھوٚٹہٕ سے ہیوٚ، یوٚہے ہیٚترِ لد ہیوٚ۔ اَتھی سٟتی کرٛٹھیہِ ''چیزن'' قد تہٕ ژھایہِ گیہِ واریاہ زیٚچھ ۔۔۔ سہٕ اوس ژھایَن کھوژان یہِ چھُ پزر ۔۔۔ مگر یہِ چھُ نہٕ پزر زِ تَس یہِ سپُد تہِ کیا سپُد اَمہِ کھوژنہٕ سٟتی۔ تَس یَمہٕ تاویزتہٕ ییٚتر اَمہِ کھوژنہٕ نِشہِ محفوٗظ روزنہٕ خاطرٕ نٲلی اَسی تھُند تاثیر ماسپُد ہے یکدَم، یوٚت جلد ختم۔ سہٕ تہِ ییٚتھ حدَس تام ختم زِ اَچھِ دٲر ہِش

مۄرت، زِنٛدٕ جاوید، یِہَے گژھِ پور سلینَس (Porcelain) مَنٛز تبدیل، نہ خونٛک تژَر، نہ ژٕمہِ ہُنٛد لاوٕر، نہ دِہٕچ دُبرائے۔ یۄت ما گژھِ تآویزَن تہٕ یٔنترَن تاثیر گم!

"اِمس چھےٚ ژھا۔ے!" ترٛکو دِژرائے۔

"اَتھ کانٛہہ یلاجہِ؟" مےٚ پرٛژھُکھ ئلی، تِکیا زِبہٕ گوس نہٕ تہٕنٛزِ رایہ ہُنٛد قائِل تہٕ پزٕر گو یِہ زِبہٕ چھُس نہٕ اَزتہِ تہٕنٛڈ یِہ تشخیش سُہی مانان، تہِ کٔرِتھ تی مانَوزِ اِمس چھےٚ ژھاے پتہٕ چھاتمہِ ہتی یِہَے حالت گژھان۔ بہٕ چھُس نہٕ ترٛک، مگر وُچھمُت چھنا پانس اَنٛدی یِکِ ژھایَن ہُنٛد عالَم، کتھِ پاٹھی چھُ قد ژھوٹان تہِ یِلہِ ژھایہِ زیٹھان چھےٚ۔ اَنٛدی یِکس بِوان لاوٕ مُشکھ ہِش، ہنٛگہٕ منٛگہٕ لگان نپہٕ نپہٕ کرٕنمن گنٛج بانَن زَنٛگ۔ یِہ سورُے چھُ سَپدان مگر اَچھِ دٔر رٕہِش مۄرت ما چھےٚ پۄٚرسلینَس مَنٛز تبدیل سپدُن، نہ خوٗنَس وُشنیر، نہ ژٕمہِ لاوٕر، نہ دِلَس دُبرائے! وَچھُس نہٕ کھَسہٕ وَس کانٛہہ! تہٕ بڈٕ گتھ یِہ زِ علاجٕچ سبیل چھےٚ نیران، تِتہِ نَے تہٕ ژھاے چھےٚ رَسہٕ رَسہٕ پانَے ہَرِتھ پِوان۔۔۔ یِی چھِ وُچھان آءتِی، یِی چھِ بۄگان آءتِی تہٕ یِی وُچھو، یِی بۄگو، پزٕر چھُ تی باقے گیہِ بۄ اُلہوسی۔

دَیان پور سلینٛج مۄرت چھےٚ اَنٛدرِ کھوٕکھر آسان! دَے بۄزِن یِہ مٔہ

اُسن پوٗز۔ ہرگاہ یِہ پوٗز آسہِ تیٚلہِ نے آشی روزِ پتھ ۔۔۔ بہٕ چھُس نہٕ اوٚے اَتھ گتھِ پڑھ یڑھان کرُن، ہرگاہ اَتھ پڑھ کرٕ و تیٚلہِ کیٛاہ روزِ پتھ، سوٗرے موہ پھُٹہِ۔ یِہ ہرگاہ بھرٛم چھُ بہٕ چھُس یِہ بھرٛم یڑھان قائیم تھوٗن تُرٛک چھُس نہٕ اوٚ۔کنٕی چھُس ہنا بُلھوس تہِ۔ پانٛس چھُس یِہ وٕنتھ تسلا دِوان آمُت زِ سرد شٹھیمتہِ پیٛز رکھوتہٕ چھُ بھرٛمَن ہندِس گُداز فانوسی عالمس منٛز روزُن زیادٕ جان تہٕ اُتھی عالمس منٛز بےٚ مطلب تہٕ بلا مقصد واریاہ موہ پانٕی !۔

تُرٛ وکبن ہُند مشورٕ چھُ ۔۔۔ مشورٕ نہٕ بٔلکہِ منطق چھُ زِ پڑھ کرنہٕ یا نہ کرنہٕ خاطرٕ چھُ لازمی زِ گتھ یِیہِ سَرٕ کرنہٕ تہٕ جان گو زِ موٗرٹھ یِیہِ کانٛہہ اَنٛگ بنٛد پھُٹرا وِتھ یِہ وُچھنہٕ زِ پیٛزٕی چھا یِہ پور سلینٛچ، کھوکھرٕ ۔۔۔۔۔۔ منطق چھُ یِہ بڈٕ سُہی، قائبلِ عمل تہِ مگر ہرگامےٚ پادشاہ ماز آسہِ ہے تیٚلہِ! پوٗز تہِ ماچھُم ۔ بہٕ چھُس ناعام اِنسان، موموٗلی ۔۔۔ موہ چھُم، اَنٛگ ہکبس نہٕ پھُٹرا وِتھ ۔۔۔ یِیہِ مانوتی زِیہِ آسہِ کھوکھرٕ ے ۔۔۔ تیٚلہِ پھُٹہِ ۔۔۔ پتہٕ نےٚ ستھی بروزِنہٕ کیٛنٛہہ ۔۔۔۔ تہٕ گرتھ یِہ تہِ چھُ نامنطقےٚ زِیہِ کیٛاز زِ آسہِ کھوکھرٕ، راتھ تام اَے اَتھ خوٗنٕچ حرارت، ژمہِ ہُند لاویٚر، وچھُس دُبراے اُس، تیٚلہِ کیٛاز زِ آسہِ از کھوکھرٕ؟

"بوز سا جگرا وونی تجِتھ ژےٚ واریاہ کھاٗری ۔۔۔ اُمس چھےٚ شاپھ

زٕ چھےٚ خاطرٕ چانہِ تہٕ ۔احساس پیٹھی سٕری آسنگ پننہِ أمِس چھےٚ شاپہٕ تہٕ۔۔۔ پانہٕ مُشرِتھ گوموہ تہٕ ،نتہٕ بُنُن ہیٚوٗ سےٚ أمی بٕنِتھ لَد شاپہٕ تہِ پانہٕ گو یاتہٕ موکجہِ وَتہٕ نَس یٚیتہِ نَس توٚت گتھ چھیکرس ژٕ وأ ووٕنی۔۔۔ ’’پانَس ژٕ تہٕ پانَس یہِ ،نیرُن ژھُم پرٕ کنِن ترٚو ،رُس پھیٚوٗ یاہ زِوار یہِ سپُد پتہٕ۔۔۔ سپُد کیٚا پتہٕ زِ چھُ وَنُن مےٚ اوٚن ترٕ کِنہٕ لَد شاپہٕ بنا تہِ پانہٕ زِ بوزُن تگان نہٕ چھُم تہِ مگروٗنہِ بیبہِ ژاس متمن ؟ گژِموٕ وَتھ کانہہ چھےٚ بیٚیہٕ کِنہٕ۔۔ پانَس یہٕ تہٕ پانَس سہٕ۔۔ آلوِتھ

---------

# شب گرُد

بأزی گرَن ہأوزوردارپأٹھی ڈابر وأ ۓتھ دُہچ أخری کھیل !
ژَرِتُج اوول ییر نہٖ خائطرٖ دُہچ أخری گاسہٖ گرٛٹ !
بِچ دِژ دُہچ أخری ٹوپھ !
گوٗلی لایَن وأ لی چلاؤ دُہچ أخری گوٗلی !
گوٗلی کھہنٖ وأ لی کھیّیہِ دُہچ أخری گوٗلی !
زٖلری دُیٛت زالَس دُہک أخری وار! تہٖ
مےٚ تہِ لیچھ ژھرٛ ٹھ دِنتھ دُہچ أخری لأان !تہٖ أتھی ٕستی لوٗس أزیٔک
ہِر یہِ، پتہٖ آیہِ رات
تہٖ شب گردی دِژ رأژ ہٖنز گوڈنٛچ کرٛکھ " ہوش خبر دار۔ ہوش

۔ہوشاہوش ۔'' اَمہِ پتہٕ گیہِ ژھوپہٕ بڑ ژٕرِس کھَنڈِس، موٗتنۍ ہِش ژھوپہٕ ۔صِرف
رٲژ شب گرد ہیٚنٛدِ بَڈٕ تہٕ مظبوٗط ڈنٛڈٕ چ '' ٹھک، ٹھک، ٹھک '' آواز تیٚنٛد بن
قدمَن ہٕتۍ رٲژہنٛدِ دِلکہِ دُب دُبک باس دِوان: رٲژ اوس وُنہِ شاہ کھسان
شب گردی رُکاوی چوکس نیٚہِ وٲتتھ قدم تہٕ ہتی گو ڈنٛڈُک ٹھک ٹھک
تہِ بنٛد، باسان اوس شاید ژھیٚوٚن رٲژ تہِ شاہ۔ تُمۍ دِژ گوڈٕ ژوواپٲری نظر تہٕ پتہٕ
لٲہِن چوکس سیٚہ مَنزٕرِس کھڑا تتھ گول تھَدِس ڈنٛڈٕ ٹاس تارٕ یتھ پیٚٹھ دوٚہلہِ پُلسہٕ
وول سائیڈ (Side) ہاوان چھُ تہٕ ہتی لٲہِن دوٚیم کرٛیکھ '' ہوش خبردار،
ہوشاہوش''

کرٛیکھ بوٗزِتھ آوبٲزی گرٛس وُٹھَن پیٚٹھ عجیب اَسُن '' ہوش گتھ پیٚٹھ''
تُمۍ دُیت بِسترَس مَنزٕ لَرِ پھِرُن۔ '' خبرگیری گتھ؟ رٲژ کیاہ باقے؟ یہِ اوس تہِ
خرچو'' تہٕ سہ بیٛوٚٹھ تمَن کھیلَن شُمار کرنہِ یمہِ تُمۍ اَز تام لوٗگن ہاوِ ہٕژ آسہٕ: '' نارَس
گُلزار تہٕ گلزار سوٗر کرُن تہِ ہووُمکھ ۔ اَکس داہ (۱۰)، ژٕہن ہَتھ تہِ ہَتَس ساس
بناوُن تہِ ہووُمکھ ۔ خٲلی تَش نارِ ہیٚنٛز آبہٕ گرٛیکھ تہٕ ترٛہن یکَن ہُنٛد کمال تہِ
ہووُمکھ ۔رَزِ سوٗرُف تہٕ سورفس رَز ۔۔۔ تہِ تہِ موکلیاو ۔۔۔ ووٗنۍ رودنہٕ کیٛنٛہہ ہاوَنس
لایکھ: پتھ گتھ پیٚٹھ ہوش تہٕ گتھ خبر گیری؟'' ۔۔۔ تہٕ بٲزی گرٛس رٲو یہِ سوٗچِتھ

ننبڈ رزِ پگاہ یتھُے مجمعہٕ جمع گژھِ سہٕ کوسہٕ کھیل ہاوِٕ تمی دُیٖت بیقرأری سان لرِ پھِرُن۔

"ٹھک، ٹھک ٹھک، شب گژدی دُیٖت بیٚیہِ باس زِ رأژ چھُ وُنہِ شاہ کھسانۍ۔ بوٚ ڈتہٕ مظبوٗط ڈنٛڈ ڈٔکھراوان ڈٔکھراوان ووت سہٕ چوکہٕ بروٚنٹھ سڑکہِ ہنٛدِس دوٚیمس اَنٛدس پیٹھ، اَتہِ ٹھہریاو بیٚیہِ تہٕ ءستی گو ڈنٛڈُک ٹھک ٹھک تہٕ تیٚسنٛد بن قدمَن ہنٛز آواز تہِ بنٛد۔۔۔ بالکل بنٛد۔۔۔ خاموش۔ بیٚیہِ باسو زِ شاید ژھیٚون رأژ شاہ۔۔۔ ژھوپہ ءستی ترٛہرِتھ کوٚڈ ژرِ اُلس منٛز پکھِ تلہٕ ہکہٕ کلہٕ نبرٛ تہٕ پنجوٕ ءستی کٔرن ءژھنٛز کھوہوری گاسہٕ کرٛچہِ چیرٕ تھٕچھ، تَس اُس خبر زِ ووٚنی کیاسَپد: شب گردی ترٛاو گوڈٕ پوٚت پھیرِتھ چوکہٕ اَپور سڑکہِ ہنٛدِس تتھ اَنٛدس نظریٚیتہٕ پیٹھٕ تمی شروع اوس کوٚرمُت، تَس گو اَنہِ گٹہِ منٛز کیٚنٛہہ درٛینٹھی کِنہٕ نہٕ تہٕ ہیٚکہِ نہٕ تَس بغأر بیٚیہِ کانٛہہ ءنتھ۔ اَمہِ پتہٕ پھیٚوٗرسہٕ واپس نچہٕ تلہٕ کِس گُلس کُن تہٕ گش کڈِتھ لاءین اَتھ تتھی جایہِ ڈنٛڈٕ ٹاس زٕ ژورٕ یٚتنس سہٕ اَتھ دوٚہے لایان اوس ءستی دِژن کرٛکھ۔۔۔ "ہوش خبردار، ہوشاہوش۔ خبردار!"

ڈنٛڈٕ ٹاسو ءستی گوٗ گُلس اَرٕ، ژرِ گو اُلس منٛز پھرٕ ٹہٕ تَم، باسیٚوس زِ ووٚنی بیٚیہِ لنجہ ہنٛدِ دوٚکھمبلہِ منٛزٕ تیٚسنٛد اول نیرِتھ تہٕ بوٚنہٕ گنہِ نیربس ٹاس، تجہ تجہ بیٚیہِ سوٚرے

چھُکراونہٕ۔۔۔پۆز تیُتھ سپُدٕ نہٕ کینٛہہ۔۔۔رَسہٕ رَسہٕ بۄچھہِ لنجہٕ قرارٕ تہٕ ژٔرِ کۆر شکرُ زِ یہِ راتھ تہِ دژ ایہِ! تمہِ کرُ وارٕ وارٕ گاسہٕ کرٛچ وۄپٹھ پنجَن ہنٛز تھَچھ ڈٕنجی تہٕ ترِ نشہِ بچنہٕ خاطرٕ ہیٹھ بیہِ گوٗگُن گرِتھ، کاٗرہیرٕ اٗن یگھِ تَل تھوٗنی زِ دۆرِ گیہِ بیٚیہِ شب گردی ہنٛز کرٛکھ۔۔"ہوشا ہوش، خبر دار!" کھوکھرِ آوازِ ہنٛز تسنٛز کرٛکھ بۆزِتھ آوژرِ تَس پیٹھ عار ہیٚو۔۔"بچارٕ ترِ گٕٹھ کارَس منٛز چھُ رأژ پہرَس ہٹرِ ہٹرِ پھیران، ژکہِ نہٕ کینٛہہ مطلبا کینٛہہ، یہِ زَن کرِ خبر کأژاہ تہِ ہۆشیأری، نیرِ کیٛا زَن تمہِ منٛزٕ، دَےٚ رٕ چھِن واوٕ جوٗنٛٹھ ہر گاہ زورٕ پہَن ییہِ، میٛون اول ییہِ خبر گَتھ بیابانَس چھاونہٕ۔ میأنی خبر گیری کیٛاہ سَنا کرِ تمہِ وقتہٕ۔ گاسہٕ کرٛٹ چھَنہٕ کُنہ تہٕ بنان زِیہِ اول تھوٚہَن چیرٕ لنجہِ ہٕندِس یتھ دۆکھُمبلَس منٛز بَند، تہِ گرِتھ چھا اول گاسہٕ پیٛنتی کِنہٕ بیٚیہِ چھُ کینٛہہ، پتھ گتھ ہُشأری اَدٕ؟۔۔۔

شب گرداوس وونی تتھ طرفس کُن دژ امُت یپأری سڑک گٔچھی اُس تہٕ نرٕم تہٕ لاوِ زمینہِ اٗسی کیٚموٗلی تہٕ اٗلی گری ہتِر، یمِو منٛزٕ اوس اکِس وُلس منٛز بُوٗچ تہِ بہِتھ یگاہ دُہچ سبیل کران۔ تُمی اٗسی دۆہلہِ زہرٕ کی ترٛشوَے بستوٗر خأل گری ہتِ تہٕ تیوٗت اٗستھ اوس زہرٕ پرٕ پیٛومُت۔ سُہ نَے ستی سرٕ یہِ تہِ لوسہِ ہے بڈٕ خجالتھ گژھِ ہے۔ حاجت منٛدَن نَے ضرورتہٕ وِزِ حاجت رواسپدِ تیٛلہِ اٗسُن نہ

آسُن ہشی کتھا۔

شب گرد ووت بالکُل تسِندِس اُلس سیٚد سیٚو دپٹھ گنہِ کچہِ سڑکہِ پٹھ ،أندرِ اوس پیچ تسِند بن قدمن ہنز آواز صاف بوزِتھ ہبکان ،تمی گرِ میژ منزِ زہر کشیدِ کرِنچ جست خیز بنٚد تہِ بڑ وہم کانٛہہ زِ (۲) تھو دتُلتھ بیٚوٹھ پٹھِ تالوس سارنہِ ،سہ اوس انداز کرُن یژھان زِ شب گرد سُند ڈنڈ ٹاس گتہِ نس ہیٚو پیٚیہ ، أتھی منزِ گیہِ پٹھِ گنہِ تسِندِ ڈنڈِ ٹاچ آواز تہِ ستی گیہِ کرِ بکھ" ہوش خبردار ،ہوشا ہوش !"

رأژ اوس وُنہِ شاہ کھسان۔

شب گرد سِندِ ڈنڈِ ٹاسہِ ستی آیہِ پٹھِ زِ ،ترٛے (۲،۳) میژِ پھلی وُکراونہِ تہِ بوٚنہِ پیٚیہِ بچس پٹھ ،تس کھۄژ سخ ژکھ ،متھ گوس زِوُنی نیرِ نبرِ تہِ ٹو پوٗ ستی کربس نیلہِ سٗری ،پوٚز مجبوٗری زہرِ کی سأری بستو رٲسن دوٚہلی خرچ گرِ ہتی تہِ نو واوس وُنہِ گشیدِ کرنے !۔۔۔"بےٚ ربط ،مےٚ گتھ سناچھِ خبر گیری کرِنی یا گوچھس نہ پننی کأم انجام دِوان ،یوٗتاہ ویہہ آسان چھُم تیٚوت چھُس سوُرے ورتاوان ، ووٗنی زن کیا ہُشیأری گوژھس امہِ کھوتہِ کرُن؟'

شب گرد اوس ووٗنی ڈنڈِ ٹاسوان سڑکہِ ہندِس تتھ پاسس ووتمت

یپاُری ہُلی، سیدی، نُوی، پرانی، لوئِکٹ، بٔڈی پرٛتھ قسمکۍ مکانہٕ بے ترتیب پاٹھۍ کھڑا

یا اکھا اَکِس ئتی ڈٔوکھ ترٛاوِتھ اَسی۔ سُہ رُکیاو ہنگہٕ منگہٕ اَکِس مکانس برٛونٛہہ

گنہِ تہٕ ئتی گوڑنڈُک ٹھک، ٹھک' تہٕ بند، بیٚیہٕ گواکھ لٹہٕ گمانہٕ زِ شاید مالوٗگ

رٲژ دُبرالیہِ ژھٕبن۔۔۔ زِ ہس کھنڈٕس ٹھہرتھ تُل تمی بہ یکبار ڈنڈٕ تہٕ لٲین زٕ

ژور (۲،۴) ڈنڈٕ ٹاس مکانہِ کِس دروازَس ئتی دِژن کرٛبکھ۔۔ ''خبردار، ہوش

۔۔۔ہوشا ہوش۔۔۔''

کرٛبکھ بوٗزِتھ آیہِ أندرٕ گولی چلاوَن وأرِس پانسے ئتی اَسنہٕ ہنا

۔۔۔وُچھ گس چھُ ونان، مے! یُس پننہِ خبرگیری تہٕ ہُشیاری کِنی تہٕ چھُ یہ سُہ

چھُ!' ۔۔۔ونان ونان دِژ تمی بیٚیہٕ اکہِ پھِرِ احتیاطاً اکھ اچھ وُٹتھ بندوٗقہٕ نالہِ

أندری نظر زِ نالی چھا أندرٕ ساہٕ فے۔ تَس اوس ئکِہ پھِرِ تماہ گومُت زِ اکھ گوٗلی لایہ

شب گردَس تہِ، مگر تیُتھ اوس نہٕ کانٛہہ حکُم!

مَسا ژور (۴) قدَم کڈِتھ رُکیاو شب گرُد بیٚیہٕ أکِس برٛس نخہٕ۔ یہِ مکانہٕ

اوس گوڈنکِس مکانَس بالکل نخہِ توٚ خ، بلاشک آسہِ ہے اِمکی بسکین درٛن تہِ

شب گردٕ ہنز کرٛبکھ بوٗزمٕژ۔ پوٚز شب گردی ترٛاوی اتھ دروازَس تہِ تِتھے پاٹھۍ

زٕ ژور ٹاس تہٕ ئتی دِژن کرٛبکھ تہِ۔۔۔ ''ہوش۔۔خبردار۔۔''

کٔژبکھ بۆ زِتھ رُکو وأندرِ گوٗلی کھبنہٕ وأٲلی پٔنٕنی سَلیب گران گران اُتھ تہٕ یہ سوال آس أندرِ بیٚیہ وو تلِتھ زِأ ہم کیاہ چھُ 'ہوش' کرُن آ۔ کِنہ بے فکرِ پأٹھی پٔنٕنہِ یٖمہٕ مرتیچ رأچھ کرٕنی زِ خالقَن چھُس بہٕ أنہٕ بہٕ أنہٕ پٔنٕنہِ شبیہہٕ تھٔرمُت: اشرف اُلمخلوٗقات چھُس، ۔۔۔ بڑ نزِس کھَنڈس سوچ کرنہٕ پتہٕ تُل تمی پڑتھ دوہکی پأٹھی وارِ وارِ اُتھِ تہٕ بیٚوٗٹھ پگہکہِ خاطرِ بیٚیہِ پٔنٕنی صلیب گرنہِ! ۔۔۔ برٕس پتہٕ کنہِ اوس زُلرُ ڈنڈٕ ٹاسچہِ آوازِ ستی کھٔرکہِ تھوٗ دگومُت وٕ تتھ تہٕ زالس آسہٕ کیٚنہہٕ لرِ ژھٔنیتھ آمٕژ تَس آو پأنس پیٹھ سخ عار۔۔۔ ''یہِ گیہِ شاپہٕ لد زِندگی، نہٕ چھُم أندرِ تارسوران تہٕ نہٕ گوم ازتام زانہہ زالےِ مُکمل۔ اُتھ کیٚاہ کرٕہ ہوش تہٕ بہٕ گَتھ کرٕ خبر گیری؟''

شب گردِ ہٕندٮ۪ن قدمَن ہنٛز تہٕ أتھی ستی ڈنڈٕ چ 'ٹھِک ٹھِک' آواز وأژ میأنس برٕس نٔخہٕ سبٹھاہ نٔخہٕ تہٕ بہٕ پڑاریاس زِوٗنی کڈِ یہِ میأنس دروازَس تہٕ زِ ترٕیہ (۳،۲) ٹاس تہٕ ستی دِیہ کٔژبکھ ہوش خبردار! مگر تہٕ سپُد نہٕ کینٛہہ، سہٕ دژاو سیٚوٗدُے، شاید یہِ زأنِتھ زِ بہٕ چھُس ہُشارٕ بے نتہٕ یہِ زأنِتھ زِ میوٗن ہُشار آسُن نہٕ آسُن ہشی کتھا۔

اَمہِ پتہٕ گیہِ ڈنڈٕ چ کیٚو قدمَن ہنٛز آواز رَسہٕ رَسہٕ دوٗر۔۔۔ واریاہ دوٗرے یہِ تہٕ أخرس گیہِ غائب۔۔۔ موتٕک ہش ژھوپہ گیہِ۔۔۔ شاید اوس

أعرس رأ ژشاہ ژھیٔونمُت ۔

---پتۂ کھوّت ہرِی یہِ، سأرِ ے أسی تیار، سأرِی وأتی پنِنہِ پنِنہِ کرمۂ بھومی (مأدانہِ عملَس) مَنز، پٔنٕز پٔنٕز سبیل ہتھ---تۂ مےٚ تہِ لٔیو کھ ژھرٹھ دٕ نتھ بٔنیہِ شامَس---

بأزی گرَن ہأوی ڈابرِ ٹاساوأنِتھ دوٗہچ أخری کھیل---

بچ دِژ دوٗہچ أخری ٹوپھ---

گوٗلی کھٔنہٕ وألی کھٔبیہِ دوٗہچ أخری گوٗلی

زٔلرِی دُیٔت زالَس دُہک أخری وارتہٕ أتھی سٔتی لوٗس أزی یُک ہرِی

یہِ تہِ------پتۂ آیہِ راتھ---

---------

# اشرف المخلوٗقات

یہِ اُس بستی مَنز گوڈنچ لٹھ یٚیلہِ یِرٛھ ٹاسہٕ رائے سپٕز اِز موکھٕ تورنہٕ کاٗنسہِ فِکرِ ی زِ اَتھ پٹھ چھا خوش گژھُن کِنہٕ ناراض، جُشن چھا کرُن کِنہٕ ماتمی جلوس کڈُنی ۔۔۔۔ ساٗری روٗدی پننہِ پننہِ جایہِ پزاران تہٕ تا ایں دَم چھِ پزارانٕے، حدٕ کمال کوٚر بُستی والیو یہِ زِ مولوم کوٚرُکھ، یُس ٹاسہٕ راراِیہِ بُزِ گوسہٕ کُسند اوس تہٕ کمِس واتہِ ہے کیاہ، یمِس کینٛہہ واتہِ ہے سہٕ گو ماتم پُرسیہِ، تیٚمِس نہٕ کنہِ واتہے تمی گرتہٕ مٕوٹھا تہٕ شُکر کوٚرُن چونٛٹھ ہیٚوٚرکُن گرِتھ زِ اُسی تہٕ ساٗنی بچاٗری ژچھی تھکھ" امہِ ساتہٕ باسیو سارنٕے سہٕ سمجھدار تیمی سبٹھا بڑونٛہہ پاٗنس اَنٛدی اَنٛدی گوژو وٕنتھ بُستی ہتی گٹ اُس ژٕڈمٕژ، مگر تمہِ ساتہٕ اوس سارِ بُستی تھِن "اَے" کوٚر مُت تہٕ "لٹ" "گرِتھ پھوتہِ تلٕی ہتی ۔۔۔۔۔

کرِ ہاپہٕ تہٕ یی مگر مے چھُ گاش تہٕ وُشنیر دِوشوٚے خوش کران تہٕ یم دِوشوٚے وصف چھِ صرف تاپس ۔۔۔ کھُلہٕ تاپس یُس نہٕ گوژِ مَنز ممکن چھُ،

عأب اَے تاپَس چھُ تہٕ صِرف یہِ زِسأری ہٕے چھُ ننبر کران، زخم، چأ کی، آ کھ، داغ مکر یار، سورٕے چھُ نوٚن کڈان۔

ٹاسہٕ رایہِ ہُنٛد دٕ ہہ ہماو، خلکھ آیہِ پٔننین خبر ہتھ واپَس زِأتھی ٕستی گیہِ گژھ شروع:

"یہِ ہسأ گیہِ وولہٕ ہٕرش!"

"گوناہ یٚیلہِ زیادٕ گژھن تیٚلہِ چھُ یِی سَپدان"

"مُرن چھُ نہٕ یادٕ ے کأنٛسہِ

أخر زمانہٕ ہا یارٕ تہٕ بیٚیہِ کیاہ!"

بُستی ہٕنٛدی پرٕتھ نفرَن وٚون زَن ضابطہٕ مُطأبِق، اَمہٕ قسمُک اَکھ اَکھ جُملہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ سَپُدٕ تی یہِ پرٕتھ دۄہہ سَپدان اوس۔ مےٚ اوس پرٕتھ دۄ ہکی پأٹھی پنٕن یارِ کأنٛی اَمہِ وِزِ تہٕ ٕستی، میٚون لب خندٕ وُچھتھے وۄتھ سہ ژٕ ریٚنہِ سان ...."چأنٛی ۔کنی چھِ یِم سأری بےٚ عقل"... تَس اوس خبر کیا زِ خوف زِ موت چھُم پدٕ بن تل۔ مےٚ وُنَس تتھے پأٹھی اَسونٛی گرِتھ "تہٕ چأنٛی ۔کنی چھِ یِم سأرٕے گاٹلی...!" مےٚ تہِ اوس احساس زِ موت چھُم پدٕ بن تل!!

"تو تہِ چھِ کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ ونان ... سوچان" تمی وٚون تمہِ تأ جلی سان

زَن میانہٕ ''کینٛہ نتہٕ کینٛہ'' وننہٕ سٍتؠ تُسُند موت پَد بوتلہٕ نیرِتھ بالوٗ پٔتؠ کُنہ ژھال دِتھ غأب گژھِ ہے۔

''اَکھ کتھ ہاونےٚ'' ونان ونان گرٕمؠ یارٕ کأنٛیس نٕرِ تھپھ تہٕ نیوٚم اَنٛد گُن۔۔''ژےٚ چھیہِ پتہٕ بُستی والین چھےٚ نہٕ وُنہٕ تہِ خبَر زِ اَسہِ چھا اَتھ پٔٹھ خوش گژھُن کِنہٕ ناراض!''

''کتھ پٔٹھ؟'' تٔمۍ پرٕژھ پننہِ بلہٕ اُچھ نِکرأوِتھ۔

''اَتھی ہاٹاسہٕ رایہِ پٔٹھ''

''ژےٚ وَن''

''بہٕ کیاہ ونےٚ خوشی تہٕ غَم چھِ دِلکہِ ژٲینہٕ آسان، میانہِ وننہٕ یانہَ وننہٕ پیٚیہ نہٕ کانٛہہ فرِق''

کتھ بوٗزِتھ گوٚسہٕ ہناقأیِل مگر یہِ خوف روٗدُس برقرار زِ موت چھُم پدٕ بن تل۔۔۔پزٕ رگویہِ زِمےٚ تہِ اوس پننہِ جایہِ احساس قأیِم زِ موت چھُم پدٕ بن تل ''ژےٚ چھیا خبَر''۔۔۔مےٚ وُنُس یورٕ زیر دِتھ ''سورفن ہُنٛد نٔسل کیاز چھُ وُنہٕ تہِ قأیِم؟''

''کیازِ؟''

''تہٕ کیاہ زِ یِیلہِ سورف ختم کرنک سٕنز سپُد ۔ راز یندراژن دیُت شہمارن ہٕنٛدِس شہنشاہ تکھِکس (تکھشک) پننس سنگھاسنس تل پناہ!''

''سِنگھاسن مطلب؟''

''شاہی تخت، شاہی تختس تل تھووُن محفوظ۔۔۔!''۔۔میون یوٗتے وُنُن زِ پَد تلکی موتن دِژنم بہٕ یکبار دوشوٗنی زنگن تھپھ تہٕ بہٕ آس ٹاس گرِتھ زمینہِ پیٹھ وُکراونہٕ تہٕ تتھے مےٚ ہوش آو بہٕ اوسُس ژتر گُپت (چترگُپت) ہٕنٛدِس دربارس منٛزتَس برٛونٛٹھ کنہِ کھڑا تہٕ سہُ اوس بٔہی کھاتہٕ کھولتھ اَکھ نظر مےٚ کُن تہٕ اَکھ نظر میانِس کھاتَس دِوان۔۔۔مےٚ تۄر گوڈنچی نظرِ فکرِ زِ حالات چھِ نہٕ میانہِ حقہٕ ٹھیک کینٛہہ!

''ژٕ کیاہ چھکھ؟'' تٔمی پرٛژھ گو بہٕ تہٕ روعب دار آوازِ منٛز۔

''بہٕ جناب چھس بستی ہُنٛد تہٕ مذہب چھُم۔۔۔۔۔''

''ژےٚ دۄپے نہٕ مےٚ کولاولی ؤنٛزی، ییتہِ چھِ سارے مذہب ہیٚوی۔ اَسہِ نِش چھکھ ژٕ محض اَکھ نمبر، اَکھ اَنک، اَکھ ہندسہ تۄریہِ فکرِ'' تٔمی وۄن ہنا سختی سان تہٕ مےٚ کۄر کلہٕ نۄمراوِتھ پننہِ غلطی ہُنٛد اِقرار۔

''جناب مےٚ تۄر نہٕ تیلہِ تُہنٛد سوال فکرِ!''

''اَسہِ پڑژھوُوے ژٕ کران کیاہ چھکھ ، چھُکھ کیا؟''

''جِناب افسانہٕ لیکھان ، ڈرامہ تہِ لیکھان ، کِتابہ تہِ ۔۔۔۔''

''بَس بَس توٚ راَسہِ فِکرِ زیادٕ زیٹھر اونچ چھےٚ نہٕ کانٛہہ ضروٗرت''

''بہتر جناب ، آینٛدٕ تھوٚ اَمیک خیال''

''یہِ چھُکھٕ پانٛنے لیکھان کِنہٕ اورٕ یورٕ نقل وکل کُرتھ تہِ ۔۔۔''

''نہَ جِناب سہ کُس تخلیقی عمل گوٚ یُس نہٕ پانہٕ ژٕ پٔنتھ ، محسوٗس کُرتھ بھاونہٕ ییہِ''

''ہنٛم: گونا اَہنکار!'' تٔمی ووٚن بامعنی اَنداز ہٕ تہٕ تَس دٕ چھٕنی کِنی بِہتھ اَکی کارِندَن لٔیوٚکھ کیاہتام پٔننہِ بٔہی پیٹھ۔

''اہنکار جِناب کیاہ ، مےٚ زَن توٚ رنہٕ فِکری؟'' مےٚ پرٛژھُس کھوٚژی کھوٚژی''

''اہنکار گوٚ گھُمنٛڈ ، غروٗر ، کِبر ، اہنکارٕ ژِیہ یہِ لیکھٕ تہِ لیکھٕ پنٛنی سوچہِ''

''مگر جِناب ساٟرے چھِ ۔۔۔۔۔'' مےٚ ہیوٚژ اَیہ صفاییٔ پیش کرٕنی مگر مےٚ دٕ چھٕنی کھوٚہوری یم زٕ ۲ کارِنٛدٕ کھڑا اَسی تِمو دوشوٕی تھوٚوے پنٛنہِ پنٛنہِ پاسہٕ پھیکٕنٛن پیٹھ تتھٕ پاٹھی اَتھ ژِمےٚ توٚر پانٛنے فِکرِ زِوضاحت چھےٚ نہٕ کرٕنی۔

''یہِ کیٛازِ چھُکھ شکھرِہ لاٗگتھ آمُت ،ژےٚ اَہے ناخبر گژھُن کوٚت چھم؟''

''جناب بالکل اٗسم نہٕ پتاہ، تہٕ گرِتھ ہرگاہ پتاہ آسہَم تہٕ بہٕ یمہٕ ہاتوتہٕ یی لاٗگتھ''

''کیٛازِ؟''

''تِکیٛازِ یہِ چھُ میوٚن بہترین ڈژبس ،یہَے لاٗگتھ چھُس بہٕ کمَن کمَن دعوتَن تہٕ مجلسَن گژھان''

''گوناشکسلڈی اا''

تَس دِٕچھنِ طرفٕکی کارنٛدن لیوٚکھ یٛیہِ کیٛاہتام پنہِ نِٛہی پٕٹھ ،تہٕ مےٚ کٔر ٕستی یٛیہِ پنٛنِ کٔنی وضاحت کرنٕچ کوٗشش ۔''جناب توٚہہِ اَے خبرِ ےچھےٚ اَتھ سائنس کارَس چھُ نہٕ تیوٗت پھیرِ ،افسانہٕ ،ڈزامایاسکرٖین پلے۔''

''تہٕ مجبوٗری کیٛاہ اٗس یہِ شکسلڈ کارکرُن''تمیٚ وۄن منٛزٕ ے میاٗنی گتھ ژٕتھ۔

''اِدِ کیٛا چرٕ سہٕ کارٕ بار گوژھا کرُن زِ''مےٚ ووٚنُس ہناتعٔشس یتھ ۔تمیٚ کٔرا کھ نظر مےٚ کُن اَکھ دِٕچھنِ طرفہٕ پنٛنس کارنٛدس کُن ،پتہٕ ووٚتھ بڈٕ گھمبیر آوازِ

منز۔۔۔ ''ہنم گونا بُتھی پھیٚور!''۔۔۔ کارندن لیٚو کھ بیٚیہ پننہٕ ہی پیٚٹھ کیاہتام۔

مےٚ ژِ ژترپننہٕ جایہِ زِ کیاہتام اُتر گو، پننہٕ وجوٗدٕچ تمام حلیمی آوازِ منزٕ اُتھ کُرمےٚ کتھ پھُٹھ کڈنٕچ کوٗشش۔۔۔ ''حضرت زندگی چھےٚ اِنسانس اکہ لٹہ میلان، یہِ دبارن پیٚٹھ ضایعہٕ کرٕنی یا ضمیر گروی تھاوِتھ صرف عائشہِ خاطر نامناسِب، غیرقونوٗنی یا غارِ اخلاقی کار کرِتھ یہِ شاپہ لدتہٕ داغدار بناونہٕ کھوتہٕ چھُ ناجان کینْہہ رُت پتھ کُن ترٛاوِتھ گژھُن، کینْہہ مولُل، کینْہہ تیٚتھ یہِمہٕ ستی زندگی وبستار لبہِ؟''

گتھ بوٗزِتھ دیُت تمی بیٚیہِ دم ہیٚوٚتہٕ پتہٕ ووٚنن زن پانسے ستی۔۔۔ ''گونا کأکر!'' امہِ پتہٕ دِژن کارندس کُن نظر، بڑنزِس کھنڈس روٗز مُکمل خاموشی تہٕ پتہٕ ووٚتھ کارندٕ اعلان کرنکہِ اندازٕ ہی کُن وُچھتھ میوٗن اَزل نامہٕ پرنہٕ۔۔۔'' گونہن ہُند خانہٕ خأ لی۔۔۔ ثوابن ہُند خانہٕ تہٕ خأ لی۔۔۔ اہنکار، کِبر، شکسلدی، بُتھی پھیٚورتہِ کأکر''۔۔۔ اعلان کُرِتھ بیٚوٚٹھ سہ پتھر۔۔۔ امہِ پتہٕ روٗز بڑنزِس کھنڈس ژھوپہ، بالکل ژھوپہ۔۔۔ مےٚ ہیٚوٚتُن زن تہٕ تمہٕ لدٕ سندی پأٹھی چھاتہِ پیٚٹھ بارہرُن تہٕ اَتھی منز ووٚتھ سہ (ژترگُپت) پانہٕ۔۔۔ ''ہنم، نہٕ گوناہ کوٗرمت نہٕ ثواب، پیٚٹھٕ اہنکار، کِبر، شکسلدی، بُتھی پھیٚور پیٚٹھ کأکرتہٕ

۔۔۔یہِ گتھ سَنا لگہِ ییٚتہِ۔۔۔واپس دِیوٚن بوٚن دأرِتھ!"

تسُنٛد وٕنٕنۍ یوٚت زِبہٕ آس بوٚن وُرکاوٕنہٕ۔۔۔دَیہِ سٕنٛز دَیہِ گتھ، بہٕ وُتھُس دشِکھُر، دٕنان دٕنان تھوٚد زِبرٕ وٕنٛڑہٕ گنہِ وُچھُم یارِ کأنی، بلہٕ أچھوٚ مےٚ گُن وُچھان۔

"ژٕ کِتھا پأٹھی؟" تٔمی پرٕ ژھ حأرأنی سان۔

"بہٕ نالوٚگُس تمَن تتہِ، واپَس دُتیتھس دأرِتھ" مےٚ ژوٗنُس ژھوٚٹرِتھ ہٕرٕ سان۔

"تہِ ہا گوٚ ٹھیک، مگر یوٚر کوٚت؟" تٔمی کوٚر بیٚیہِ سوال۔

"پنٕنہِ بُستی منٛز ہاتہِ بیٚیہِ کوٚت"

"ہتا ژٕ کران کرٕژھ گتھٕ چھکھ، ژےٚ ہا چھُی أزٕ دٕہم (10) دوٚہہ!"

"أسہِ نُو پتہٕ کیٚاہ گوٚ" ۔۔۔مےٚ کرٕییہِ ژٕ ٹونٛز۔۔۔مگر تٔمی تأرمےٚ معأملچ سٕنٛجیدٕ گی فِکرِ ی۔۔۔

"ژٕ ما چھُکھ پاگل، دوٚہَے أز چھےٚ ژےٚ دٕہم دوٚہہ، وُنی وُنی کوٚرُےٚ أسہِ ماتمی قرارداتہِ پاس، بہٕ چھُس تورَے پکان، ہتہٕ سأپرٕژھنۍ تیٚی یہِ چھےٚ تمٕچ کاپی۔ اَکھ کاپی سوٗزٕ ے پرٕ بٕسس، اَکھ ریڈیو والین، اَکھ ٹیلی ویٚژنس، یہِ

چھےٚ ریکارڈ خاطرٕ آفِس کاپی!''

''تیلہِ؟'' مےٚ پرٛژھس ہٕژرٕ سان۔

''وُچھو'' سہٕ لوٚگ مےٚ سمجھاونہِ۔۔۔'' یہِ گژھِ ناوٕنی ہیڈنی لایکھ کتھا ، ماتمی قرارداد آسہِ نشرتہِ گومُت ، شام تام نیرِ اخبارَن تہِ ، گھرٕ کرتہِ موکلےٚ یِ ژہم دوٚہہ گرِتھ ، دانشورو کیو سیاسی 'نفرو' کوٚرہےٚ خراجِ عقیدت تہِ پیش ژسوچ پانےٚ۔۔۔''

بہٕ گوس تسٕنزٕ وکتھو ہستی نیم خام قائیل ، پوٚزٕ ے اوس ، ماتمی قرارداد اوس پاس گومُت ، سہٕ اوس نشرتہِ گومُت ، شایعہ تہِ سپُدمُت۔۔۔'' بہٕ مانہٕ ہا توتہِ مزید کینٛہہ زِ سہٕ ووٚتھ پیٚٹھے۔۔۔''اشرف المخلوٗقات ہا چھکھ ، چارٕ ووے چھُکھ نہ کینٛہہ ، مِثال ترٛاوٕ پتھ کُن۔''

''اشرف المخلوٗقات چھُس ، یہِ بوٗزِتھ زَن منٛزٕ چھاس بہٕ مزید اِسرار کرنس ، بیٚیہِ سوٗچُم یہِ تہِ زِ ییٚتہِ روٗزِتھ چھُ نہٕ لاس تہِ کینٛہہ لبُن۔ گتھ ڈالِتھ پرٛژھمس ''بُستی والین تو رافکرِ زِ اَسہِ چھا اتھ ٹاسہٕ رایہِ پیٚٹھ خوش گژھُن کِنہٕ ناراض ، جشن مناوُن کِنہٕ ماتَم؟''

''چائنی درژی ہا بلکل اَے کینٛہہ تہِ۔۔۔بہٕ چھُس پانہٕ تہِ راوان''

وٕنان وٕنانۍ زَن گوٚس یکدَم احساس زِ موت چھُم پد بن تَل ـــ اَمہِ بڑ وٕنہہ زِ
"یُتھ سہٕ نیرِ ہے پوٚت پھیرِ تھ بُستی کُن، مےٚ وُنُس پرأنی پأٹھی لَب خنڈ کٔرِتھ
ناراض یندراز تہٕ تکھبکھ (تکھشکھ) سٕنز دلیل کأنسہِ نِش پھِرَکھ"

"کیاز"

"تہِ کیاز زِ یہِ باوُن گومُتَس یورَے نادَس گژھُن" ـــ گَتھ بوٚزِتھ

دیُت تٔمی بڑ نزِس کھنڈَس ژٕبتھ، بلہٕ أچھ نِکراوِتھ تہٕ ہیرِ بون نظراہ کٔرِتھ دژ اوسہٕ

کیٚنہہ وٕننہٕ بغأرٕ ے تیز تیز قدَم بُستی کُن ـــ تہٕ بہٕ تہِ دژ اس پوٚت پھیرِتھ

بُستی نبر پننہِ خأطرٕ سو جاے ژھانڈنہِ یێتہِ واریاہ گاش آسہِ تہٕ تاپھ صرف وُشُن

آسہِ، ماجہِ ہٕنزِ کوچھِ ہیُو ـــ!

خبَر آسیا تژھ کانٛہہ جاے؟

---

# تحریر

یٖمہِ بُستی ہٕنٛز بہٕ گتھ چھُس کرٲن ،یہِ چھےٚ سرکٲرؠ بُستی ،اِمو کھٕ چھُ یہِ تہِ لازمی ہیٚوٚ زِ سٲرِی مکانہٕ آسن اَکی اَنہٕ مانہٕ ہٕوی ! ہرگاہ یہِ تہِ وَنو زِ سرکٲرؠ بُستی ہٕنٛز شِناختےٕ چھےٚ ،اَمہٕ کٔبن مکانن ہُنٛد یکسان آسُن تہِ کیٚنٛہہ غلط گتھا آسہِ نہٕ ۔پزر گوٚ یہِ زِ مےٚ چھُ اوَے پِرٛھن بُستیٖن منٛز روزُن خوش کران زِپٔننہِ وجوٗدٕچ اِنفرٲدِیت چھےٚ بُستی ہٕنٛدِس یکسان مُکرِس مِیٚژ رٔنٛگس منٛز تحلیل سَپدتھ میانہِ ٔبہٕ چھُس، آسنٛگ بارہلکہٕ کران تہٕ پہچان چھےٚ محض کیٚنٛہہ حرٛف تہٕ ہٕنٛدسہٕ روزان: بُلاک ڈی۔بی ۱۰۲۔یُس مےٚ بروٗنٛٹھ بُستی ہٕنٛدِس یَتھ کمرَس منٛز آباد اوس، تَسنٛز شِناخت تہِ اَس یہَے Block- D / B - 102.

مےٚ گٔر بار ہا کوٗشش زِ میٲنِس تصوٗرَس منٛز گوٗڑھ تَس نفرٕ سُند خاکہٕ یُن یُس مےٚ بڑٕ وَنٛژھ بُستی ہنٛدِس یَتھ کمرَس منٛز روزان اوس تہٕ یُسنٛد بہٕ وونی جانشین چھُس۔ یُس میانہِ خاطرٕ یہِ کمرٕ خٲلی گٔرِتھ دٔژ امُت اوس، سہٕ ما آسہٕ پننٛی سارِی دوکھ سوکھ یَتھ ڈٔی۔ بی بُلاک کمرَس منٛز وتراوِتھ دٔژ امُت؟ یتھ محدوٗد، موٗختصر کمرَس منٛز کتہٕ ہیٚکن اَکِس عام اِنسانٕہ سنٛدی تمام دوکھ سوکھ وٚپَتھ! دوکھَن سوکھَن ہُنٛد فہرِست ماہیکہِ پوٗت موٗختصر اَسِتھ، کِنہٕ شِناخت مکرِس میٛژ رنٛگَس منٛز تحلیل سَپدنہٕ پتہٕ چھُ دوکھَس سوکھَس مانہِ راوان! بہٕ اوسُس یہِ سوچانےٚ زِ بیکبار گیہِ اَنٛدرَ ے نارٕ وُزملہٕ تہٕ محدوٗد موٗختصر کمرٕ چھِن لَبَن پیٛٹھ سَپدی تحریرَن ہنٛدی دِٕ دِمتی سوٗرٕ جنگل نموٗ دار۔۔۔!

سہٕ اوس شاید کمرٕ میانہِ خاطرٕ خٲلی کرنہٕ برٕ وَنٛژھ دوکھ سوٕکھکی تفصیل ہیٚتی سوٗرٕ گٔرِتھ گومُت۔ ہلکہٕ سَپدِتھ اوس ہیٚتہٕ دٔژ امُت مگر فہرِستک یہِ بھسم تہٕ تحریرَن ہُنٛد یہِ شیشہِ ژٕن اوس سہٕ پننِس جانشینٕہ سنٛدِ خاطرٕ پَتھ کُن ترٛاوِتھ گومُت تہٕ یہِ وراثت قبوٗل کرنہٕ نِشہِ اِنکار کرنٕچ اَس کُنی وَتھ موٗکج تہٕ سہٕ گوٗ کاٗنسہِ کیٛنٛہہ وننہٕ بغٲرٕے لوٗتہِ پٲٹھی یِیمہِ یک رٔنگی سرکٲری بُستی منٛزٕ نیرَن۔

تہٕ مےٚ کوٚر فاصلہٕ زانہِ گٹہٕ گرٕ ھوٗنے ترٛاون یہِ مکرٕ میٛژ رنٛگہٕ بُستی۔

بہ ہبکۂ نہٕ یہ وراثت قبوٗل کٔرتھ!

"ژٕ ہبلکھ نہٕ اَسہِ تژٕ اٚوتھ گرٛہتھا" اچانک زَن گوٚ تحریٚرن ہنٛدِ بھسمہٕ جنگلہٕ منٛزٕ کُس تام تحریٖر بید ار۔

"کٲژاہ زِ، بہٕ کیازِ ہبکہٕ نہٕ گٔرٛہتھ؟" مےٚ زَن کوٚر اٚندریٖ سوال۔

"تِکیازِ چوٚن لوٚن چانٛیٚ وراثت چھےٚ یہےٚ" بیٚیہ گیہ کُس تام تحریٖر بید ار

"بالکل نہٕ مےٚ چھُ نہٕ توہہِ ہستی کانٛہہ تعلُق۔ بہٕ اوسُس صرف یمہٕ بستی ہنٛزٕ یکسانیت وُچھِتھ آمُت" مےٚ کٔر دلیٖل پیش۔

"بالکل اَپُزٕ ژٕ اوسُکھ یَتھ مکرِ میٛرٕ رٛنگٕی بستی منٛزٕ پنٕنی شِناخت کھٹنہٕ آمُت ---- گُمنام کرنہٕ آمُت۔ تِکیازِ یہ چھےٚ چانہِ خٲطرٕ بوٚڈ عذاب تہٕ یہ کاپہ رٔتنگ توانگر چھےٚ نہٕ ژٕے۔ ژٕ اوسُکھ آمُت یَتھ مکرِ میٛرٕ رٛنگٕی بستی ہنٛدِس انہِ گٹس منٛزٕ یہ دفن کرنہٕ۔"

اَمہِ پتہٕ سپُد تحریٚرن ہُنٛد یہ سوٚرٕ جنگل بیٚیہ بےٚ جان تہٕ بہٕ بیوٚٹھُس کمرٕ چہ سپکہٕ دارِ منٛزٕ ٲلی خبر کیاہ ژھانٛڈنہِ: دوٚپہر چہ گرمہِ کرٛایہِ منٛزٕ اٚس سُنسان سڑک زیادٕے خاموش باسان، بُتھِ سڑکہِ پٮ۪ٹھ اوس اَکھ ہوٗن بجلی کھوٗٹہِ چہ ژھایہِ تل شونٛگنچ کوٗشش کران مگر کوٗٹہِک سایہِ اوس تیوٗت محدوٗد زِ ژٕمتھ

روزنہٕ باوجوٗد تہٕ اوس ہوٗن نصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ تاپہٕ ژٔنجہٕ تلے روزان، تنگ ییتھ وۆتھ ہوٗن تھوٚدتہٕ ژاو کھہورِ طرفہٕ کوچہٕ گلہٕ منٛزٕ، شاید اُس تَس کوٚسہٕ تام سہٕ جاے یاد پیٛمٕژ یێتہٕ نَس سہٕ ژھایہٕ منٛزٕ ہێتھ ڈاپھ ہیکہٕ ترٛاُوِتھ، بہٕ تہٕ ہیٛوٗٹھس أنٛدرٕ أنٛدرٕ کانٛہہ ترٛژھ جاے ژھانڈنہٕ یێتہٕ نہٕ پہچان برقرار تھاوُنک عذاب آسہِ تہٕ نہٕ وراثژ منٛزٕ حصہٕ آمژٕ ن تحریرٕن ہنٛدِ شیشہٕ ژنہٕ ستی چھوٚکہٕ لدٕ گژھنُک خدشہِ آسہِ، مگر وار یاہ ژھاأنڈی دِنہٕ پتہٕ تہِ پێیہٕ نہٕ ترٛژھ کانٛہہ جائے یاد۔ بےٚ دأر ہیٛوٗ گژھتھ آس بہٕ دارِ پیٹھٕ واپَس تہٕ بالکل تِتھے پأٹھی لوٚگُس تحریر کھنٛجن نشہِ پان بچاونچ کوٗشش کرنہٕ ییتھ پأٹھی وُنی ہوٗن تاپہٕ نشہِ بچنہٕ خأطرٕ کران اوس۔ بَس فرق اُس صرف یہِ زِ تَس اوس تنگ کوچس منٛزٕ کُس تام سایہِ دار کوٗن اتھِ لوٚگمت تہٕ میأنِس عالمَس منٛزٕ اوس نہٕ یُتھ کانٛہہ کوٗن یێتہٕ نَس بہٕ صرف پأنَس ستی زندٕ ہیکہٕ روٗزِتھ!

یێلہِ بہٕ تنگ ییتھ دوٚبارٕ سیکہٕ دارِ نِش گوس، تاپھ اوس ڈوٚلمُت تہٕ ژھایہِ آسَن زیٛچھِ ہیٛرٕ مژٕ گژھنہِ۔ ووٚنی اوس تاپک ترٛژر تہٕ ہنا ہمیأمُت، خبر کیٛازِ یوژھ مےٚ زِ ہوٗن گوژھ تنگ کوچہِ منٛزٕ نیرتھ بجلی کوٗٹس تل ڈاپھ ترٛاوُن، ووٚنی پێیہِ ہےٚ نہٕ تَس بجلی کوٗٹچہِ ژھایہِ تل ژٔرِتھ روزنچ کوٗشش کرٕنی، بہٕ پرار یاس

واریاہَس کالَس زِسہٕ پیٖیہ مگر ٕ واریاہَس کالَس ، پڑ ارنہٕ پتہٕ تہٕ ییلہٕ سہٕ آونہٕ بہٕ بیوٗٹھُس ئلی پٔنُن پان گانگلہٕ کرنہٕ خاطرٕ بجلی کوٗٹی چھِہ ہایٔ ٹینشن (High Tension) تارَن ہنٛزَن ژھایَن ستی ستی نظرَن واش ہیوٗ کڈنہٕ مگرٔ کَس نوٗقتس پیٹھ وأتتھ گیہٕ مےٚ نظرٕ زَن وَٹسی : ژھایہٕ ہُنٛد آکاروٗ چھِتھے تورےٚ فکرٕ زِ تارَن منٛز کیاہ آسہٕ ہینہٕ آمُت ۔۔۔ مےٚ گر کوٗشش زِ بہٕ ہٹاوٕ اتہٕ پیٹھٕ نظر مگر تہٕ ہیوٗک نہٕ سپدِتھ ، کُس تام ازٔانی ، کُس تام بےٚ ناو رِشتہٕ ہیوٗ زَن اوس زِ نظرٕ گیہٕ اُتھی ژھایہٕ پیٹھ روٗزٕ : بڈٕ ہمتھ کرِتھ تُجہٕ مےٚ نظرٕ ہیوٗر تارَن ہنٛدِس اَتھ جمگٹس گُن ، ہیرٕ اُس ہایٔ ٹینشن تارَن ہنٛدِس جوڈَس پیٹھ اکھ کٔنج ۔۔۔ مورِد کٔنج وُلٹہٕ اویزان ، ہکھر یمژ ۔۔۔ بالکل بےٚ جان ، شاید اُس گلی لٔنڈ زٔ انتھ ہایٔ ٹینشن تارِ ہنٛدِس جوڈَس پیٹھ ہیٹھ مژ ۔۔۔ نتہٕ ما آسہٕ ہس کانٛہہ پأز پتہٕ ، تسنٛدی ہمہٕ اُس پان کھٹنہٕ اَتھ جایہٕ آمژ ۔۔۔ پٔنٛنی پہچان ژوٗرِ تھاونہٕ ۔

خبرٕ کِتس کالَس روٗدُس بہٕ اُمس وُلٹہٕ اویزان ہکھر یمژ کٔنجہٕ وُچھان اُتھی منٛز باسیوٗ مےٚ زَن میانہٕ علاوٕ تہٕ پیٖیہ کانٛہہ چھُ یُس اُمس وُچھان ۔۔۔ چھُ ۔ مےٚ دِژ بون گُن نظر ، بونہٕ سڑکہٕ پیٹھ اوس سوٗی ہوٗن تنگ کوچہٕ منٛز نیرِتھ بڑےٚ مژ ونظرٕ ومُدٕ ےگنڈِتھ موٗمژ اویزان کٔنجہٕ وُچھان ، مَتھ گوم دارِ ہنٛدی سیکھ

پھُژ اُوِتھ نیرِ گُنِے ووڈِ تہٕ ہوٗن ژہٕنَن بُستی مَنٛزٕ نیبرٕ کڈِتھ مگر دۄیم خیال آم ہٕتی خبرٕ ہوٗن تہٕ گٲژ ماچھِ اَکھ اَکی ہٕنٛدِ وراثٕتکی حصہٕ در؟ ۔۔۔ترٛیم تہٕ آخری احساس اوس یہِ زِ شاید چھےٚ یکسان مکانَن ہنٛزِ یَتھ مکرِ میٚژِ رنگہٕ بُستی منٛز دارٕ بن جیلکی پٲٹھی سیکھِ لٲزمی یُتھ آوارٕ ہوٗنی سیکو منٛزی صرِف وُچھِتھ ہِکَن پۄز لاشہِ تام ہِکَن نہٕ واتِتھ ۔۔۔!

اَمہِ پتہٕ کۄڈ ژھایو کاڈ، وار ہاہ پھہلیٖہِ، یۄت تام رَسہٕ رَسہٕ سورٕ ے اوٚنٛد پۄک ژھایَن ہنٛدِس سمندرٕس منٛز غاب گو ہایئ ٹینشن تارِ پٮ۪ٹھ اویزان گٲژ تہِ آوارٕ ہوٗن تہِ تہٕ بُستی ہنٛز یکسانیت تہِ، اَمیُک مکری میٚژِ رنگ تہٕ میٲنی ذات، سورٕ ے ۔۔۔سورٕ ے پھۄٹ بالکل بےٚ آواز ژھاین ہنٛدِس اَتھ سمندرٕس منٛز!

رٲژ ہُنٛد کرٛ ہنرِ گو وار یاہ گۄن ۔بہٕ وۄتھُس وارٕ وارٕ بےٚ صدا تھۄد تہٕ دارِ نیٚبری دِ ژٕم نظر، بہٕ اوسُس تسلا کرُن یژھان زِ ووٚنی چھُ نہٕ ہوٗن اَتہِ ۔۔۔ سہٕ اوسہٕ رِکنہٕ نہٕ مےٚ ہیٚوک نہٕ اَنہِ گٹس منٛز وارٕ پٲٹھی وُچھِتھ۔

بہٕ پھیٚوٗرُس پۄت تہٕ فاصلہٕ گُن اندازَس منٛز تُجم دارِ پٮ۪ٹھ گُنِے لانٛچھ تہٕ وۄتُس دروازَس نکھہٕ تہٕ دۄیمہِ لانٛچھِ دژ اس کمرٕ منٛز نیٚبرٕ مگر یہِ کرنہٕ وِزِ خبرٕ کَمن

تحریرَن ہُند چۄرِ گوٚمۍ پدٕ بن پزٕہ پار کٕرتھ، پۆز بہٕ دژاس رفتارِ سان کمہِ پیٹھہٕ بژاندَس تہٕ اَتہِ پیٹھہٕ سڑکہِ پیٹھ۔ بُستی تژ اَوم پَتھ تہٕ انہِ گٔژس منز دژاس سبٹھا دوٗر، پنٕنۍ کٔنۍ بالکل محفوٗظ ------ پۆز اَتھ احساسَس ستی باسیوٚ وۍ زَن کُس تام آسیہِ کۍ پاٹھۍ مییٚ پتہٕ پتہٕ پکان چھُ ۔ بہٕ پھیوٗرُس ہکہٕ پۆت -- یہ اوس سُے آوارٕ ہوٗن، میانہِ زخمی کھوٚرَن ہُند خون وتہٕ وتہٕ لسوان ۍ پتے، سہٕ بیوٗٹھۍ تتھے پاٹھۍ وُچھنہٕ یتھہٕ پاٹھۍ سہٕ موردٕ کٔتجہِ وُچھان اوس، بژ میٚژ و بوچھہِ ہژہِ نظرٕ! وونۍ اٗس نہٕ تَس تہٕ مےٚ درمیان سیکہٕ داٗرٕ تہٕ ٹھرِس، تہٕ مکرِ میٚژ رنگہٕ یکسان مکانہٕ واجنۍ بُستی تہٕ اٗس سبٹھا دوٗر گٲمژ!

-----------

# پلیٹ فارمہٕ یپارِ پٮ۪ٹھ

پلیٹ فارم اوس خٲلی ۔ اَکھ ٹرین ٲس خبرَ گرٛدزاٮ۪شہ تہٕ بیا کھ ٲس وُنہٕ پلیٹ فارمَس پٮ۪ٹھ لگنٕے ، یہِ وُچھ مےٚ دوٗرِ دوٗری ، جتگلہٕ یپارِ پٮ۪ٹھےَ ۔ ٹِکٹ گھرَس برٛونٛہہ کنہِ تہِ ٲس نہٕ زیادٕ ییرٕ بارَے کیٚنٛہہ ۔ یا تہٕ اوس لوٗگن گھرٕ موٚٹھمُت نتہٕ ٲسی تِم صُلی یِتھ گوڈنچہِ ٹرٛینہِ منٛز گرتام پننٮ۪ن پننٮ۪ن گھرَن وٲتی متہٕ ۔

مےٚ گوٚنہٕ مُلیٛہہ تہِ افسوٗس زِ اَکھ ٹرٛین گٔیم مِس (miss) بٔلکہِ گوٚس خوٗش زِ دوٚیمہِ ٹرٛینہِ چھُ رَش کم ۔۔۔۔ ٹِکٹ گھرٕچ دآرٲس یلَے تہٕ أندٕر اوس کھٔڈتھ کَتھ تام جایہِ ٹِکٹ دِنہٕ وول تہِ بہتھ ، ٹِکٹ گھرٕ کہِ گدِ منٛزی ٲسی صرِف تٕسٛندی اَتھٕ زہٕ (۲) بوزنہٕ یِوان ۔ بظٲہر اوس نہٕ یمَن اَتھَن منٛز تٕیُتھ کیٚنٛہہ تہٕ یَتھ

غاٗر مومۆلی وَنہٕ ہو ، نہ رنگہٕ کُنہٕ تہٕ نہٕ باڈٕ و حسابہٕ ، پۆز خبر مےٚ کیاز باسوٚ توتہٕ زَن یمَن اَتھَن کیاہتام سحر چھُ ، زَن یم اَتھ مرضی یا ضرورتہٕ مۆجب بڑان لوکٹان آسَن ، نرٚمان دزٕ اُنٹھان آسَن ۔ زَن یمَن اَتھَن بہٕ یک وَقت مسیحا سُند شفاتہٕ فراعونہٕ سُند داہ اوس ۔ مےٚ بۆیوٗتھ یمَن اَتھَن ہُنٛد وٕہمہٕ ہیٚو زَن ۔ ٹِکٹ گھرَس تام گژھنَس بہر یاس نہٕ ، پۆز ٹرینہٕ کھسنہٕ خاطرٕ اوس ٹِکٹ اَنُن ضروٗری تہٕ ٹِکٹ اَننہٕ خاطرٕ اوس ٹِکٹ گھرَس تام گژھُن ضروٗری ، مےٚ ہیٚژ کمال جُرتَس کاٗم ۔ چنٛدَس ژھُنٛم اَتھ تہٕ پاٗنسہٕ رٕٹم موچھِ منٛز ۔ کلہٕ تھووُم بون گُن تہٕ ووتُس ٹِکٹ گھرَس نِش ، مُشکلَن تِجم نرٕ ٹِکٹ گھرِ کِس گٔدِس تام تہٕ تسنٛد بن دۄن اَتھَن نکھہ وأتِتھ ہِژرٕم موٗٹھ ، زیٚوِ پھۄرُم نہٕ کُنہی ، مےٚ باسوٚیہٕ ژیوٚ ہٕ اَکِس زنمَس برابر ، پۆز یہِ سپدان اوس تہٕ زَن اوس فلیشَن ( Flash ) منٛز سپدان ، وُزٕ ملَن ہِژرٕ رفتارِ مگرتہٕ اَستھ تہِ نہ ہُریاو وقتِہ تہٕ نہٕ چھوٗنیاو سپدُن (۱) ۔ زَن تہٕ وقت تہٕ سپدُن ، اَکھ اَکی ہِنٛدِ قالبہٕ کڈنہٕ اَسی آمتی ۔

تسنٛد بن اَتھَن آیہٕ حرکت ، اَکھ اَتھ گوٚ دوٚیمہِ نِشہِ اَلگ تہٕ واش ہیٚو کڈِتھ بۆیوٗتھ قرارِ سان میاٗنس اَتھَس پیٹھ یتھ منٛز ٹِکٹہٕ ہِنٛدی پاٗنسہٕ عاٗرِ تی عاٗرق گاٗمتی اَسی ۔ مےٚ باسوٚ زَن مےٚ اَتھَس منٛز دِل تھووُکھ : تیٚتھے سرٚ یہٕ ، تیٚتھے

دُب ، دُب ، تیٖتھے شیٖہجار ، مےٚ کوٚ ونچھ زِیہٕ اَتھٕ گوٚ ژھ تا ابد میأنِس اَتھَس پیٚٹھ روزُن ۔ مگر تہٕ سپُد نہٕ ، تَمؠ تُل اَتھٕ وارٕ وارٕ تھوٚ د تہٕ تھوٚ وُن تَمؠ اَنہٕ مانہٕ پنٕنِس دوٚیِمس اَتھَس پیٚٹھ یمہٕ اَنہٕ مانہٕ مےٚ یہٕ گوٚ ڈُو چھمُت اوس ، ٹِکٹ ہٕنٛدی پأنٛسہٕ تہٕ تُلِن نہٕ تہٕ نہٕ دِژِن ٹکٕھے ۔ یہٕ زأنِتھ زِ ٹِکٹہٕ خأطرٕ چھہٕ یِم پأنٛسہٕ کَم ، کوٚ ڈمےٚ موٚ ٹھ وُٹھ اَتھٕ واپَس تہٕ ژھُنُم چنٛدَس ، اورٕ کڈِم دُہچ ساأرے اَرزَتھ تہٕ تھوٚ م اُمِس برٛونٛہہ کنہِ ۔۔۔۔۔ پرٛاریاس زِ یہٕ تُلہِ بیٚیہٕ دِل ہیٚوٚ اَتھٕ پنُن تہٕ تھوِ میأنِس اَتھَس پیٚٹھ ، مگر تَسنٛدِس اَتھَس گیہٕ نہٕ حرکت تہٕ ۔ یہٕ آس چارنہٕ ہیٚوٚ ستی گنیوم احساس زِ یہٕ چھُس پرٛأری پرٛاریاہ تھوٚ کمُت ، حالانکہِ مےٚ اوس نہٕ تیٚوٚت کال گومُت آمتِس ۔ مےٚ ہیٚژ ایہِ تھٕکنہِ احساسہٕ ٹِکٹ گھرٕ چہٕ ژٕنٛد رِ ستی کھون دِنی زِ اُتھی منٛز گیہِ اَنٛدرٕ پیٚٹھٕ آواز '' یِتہِ چھےٚ نہٕ ریزرویشنہٕ (Reservation) بغأر ٹِکٹ میلان '' آوازِ ہٕنٛدِس پرٛتھ لفظس ستی گیہِ تَسنٛد بن اوٚنگجہِ ہٕنٛڈ بن ( صِرف اوٚنگجہِ ٹینٛڈ بن ) تِتھٕ پأٹھی حرکت زَن یہٕ آواز یِموے منٛز نیران اُس ، اَمہٕ پتہٕ گیہٕ ژھوپہٕ ، بالکل ژھوپہٕ ، تہٕ ستی گیہٕ تسنٛزن ا وٚنگجن ہٕنٛز حرکت تہِ بنٛد ۔ مےٚ تُل تُسنٛد وُنِ یوٚ ہے حکُم ہیٚوٚ ماأنِتھ بنٛڈلہٕ پیٚٹھ ریزرویشن فارم ( Reservation Form ) تہٕ دژاس ٹِکٹ گھرٕ نمبر ۔

نیٖرٕ اوس تاپھ ثمہِ آیہِ زِپرٕتھ کانٛہہ ژھاے اُس وُریٖبہٕ باسان، بہٕ آسہٕ ہا مَساجتگلس تام ووتمت زِسہٕ آومُت برٕونٛٹھ کُن تتھٕ پاٹھی زَن مے پراران اوس۔ سُہ اوس بُتھِ سیٹھا موموٗلی، موموٗلی یمہِ حسابہٕ زاتھ بُتھس منٛزٕ اُس نہٕ تتھ کانٛہہ کتھا یمہِ کِنہ یہِ وَنہٕ ہیٚکہِ ہے زِ سُہ اوس زِتھ، تیٚتھ وٕ وجوٗد یُس ژۅن (۴) ہِنٛدِس جمگٹس منٛزٕ تہٕ رٲوِتھ ہیٚکہِ، اکثر اِنسان چھِ تیٚتھی آسان اِموکھ گونہٕ مے تَس وُچھتھ کانٛہہ حاٲرٕتھ تہٕ۔ ثمہِ پلہِ نووکیٚنٛژ وِنہٕ بغاٲرے اتھہٕ منٛزٕک قلم مے کُن تہٕ مے روٗٹ کیٚنٛژ وِنہٕ بغاٲرے تسٕند قلم تہٕ بیوٚٹھس فارم بَرنہِ: ناو "ہردے کول بھارتی"، منٛزِل "گھر"۔۔۔۔ فارم برِتھ دیُت مے تَس قلم واپس پۅز ثمہِ کۅر یہِ وٕنِتھ رٹنہِ نِشہِ اِنکار زِ یہِ چھُ نہٕ تسٕند، مے کُرتس یاد پانٛچ کوٗشش۔۔ "توہہِ دیُتوٗ ناوٗنی مے یہِ قلم؟"

"نہٕ سانہٕ میوٗن اَے آسہِ ہے تیلہِ رٹہٕ ہانابہٕ" ثمہِ کُرہو جتھ۔

مے کۅرُس بیٚیہِ اِسرار۔ "وُچھ سایہِ چھُ بِالکُل چونٕے قلم، ژٕ مے تہٕ مے بغاٲر چھُ تہٕ نہٕ کانٛہہ اَنٛدی پکُی"

"نہٕ سانہٕ آسہِ نہٕ، مگر یہِ چھُ نہٕ میوٗن قلم" وَنان وَنان پھیوٚر سُہ پۅت تہٕ گوانٛدٕر ریپلیٹ فارمس کُن۔ بہٕ رُودُس تَس ربودٕ ہٕوٕ وُچھان۔

دؤ رِگیہِ ڑینہِ ہنزچِخ ،شاید أس ڑین پلیٹ فارَمس پٹھ لگن واجینز۔

متھ گوم زِگنی ووٹہِ واتہِ پلیٹ فارَمس پٹھ یتھ نہِ ڑین مِس گرشھم مگر زنگہِ پچَم نہِ ۔یتھ قلمَس کیٔاہ کرِ؟' یوٚت تام نہِ یمیٚک کاٗنہہ واَرِش درنیرِ توٚت تام کوٚت گرشھ؟ کاٗنسہِ ہُند امانت ہیتھے مادڑ اس !یہِ بار ہیتھ سفَر کرُن اوس نامُمکِن ۔تمِ

وٚون اَپُزیہِ قلَم اوس تَسُند ے۔۔۔!!

ڑینہِ دِڑ بیٚیہِ چِخ ۔شاید أس نیرنُک سنٛز کران ۔مےٚ دِڑ بامبرِ تھ ڈچھِنز کھوہوری نظر زِ کاٗنہہ مانیرِ اَتھ ماٗلِکھ مگر ساٗری أسی مےٚ کُن ژلوِنی ژلوِنی بےٚ معانی نظرادِتھ پلیٹ فارَمس کُن لاران ،سارِنے أس کُنی گل ،ڑینہِ کھسنچِ ، ڑینہِ دِڑ ترٛیم (۳) تہِ أخری چِخ تہِ اِنجن دڑاو، چھُک چھُک کران مُنزلس کُن۔

وُچھان وُچھان گومےٚ باز پٔتر ۔۔۔کیاہ تام شاپھ اوس زِ قلَم پیٚوم بارِ۔۔۔بےٚ دأر گرشھِتھ دِڑ مےٚ دؤ رِ پیٹھے ٹِکٹ گھرِ کس گٔدِس کُن نظر، تِسندی اَتھِ أسی وُنہِ تہِ تمی آیہِ تہِ سہُ اوس أندرِ گتھ تام جایہِ کھٔٹِتھ ۔تِسند بن اوٚنگجہِ ٹینڈ بن (صرِف اوٚنگجہِ ٹینڈ بن ) گیہِ بیٚیہِ حرکت۔

''تمی وٚونُے نہِ اَپُز ۔یہِ اوس نہِ تَسُند قلَم''

''پتھ اَدِ؟'' مےٚ زَن پرُژھ پانسے۔

تَہٕنٛد بن اوٚنگجہِ ٹینٛڈ بن آیہِ بێیہِ حرکت۔۔۔۔ ''خبر گَسُنٛد، ژٕ تہٕ اوس یہِ تِتھے پأٹھۍ روٗزمُت، ژٕ تام ہیٚوٚت گَس تام تہٕ بوٚرُن فارم، تَس ہیٚوٚت ژٕ تام، تَس ژٕ تام، تَس ژٕ تام، تَس أمۍ تہٕ أمِس ژٕے تہٕ بوٚرُتھ فارم''۔

گَتھ گیہٕ ختم تہٕ بہٕ بیٚوٚ ٹھُس روومُت ہیٚوٚ تَمَن اَتھَن وُچھنہِ، اَمہِ پتہٕ روٗز خبَرٕ کِتِس کالَس ژھوپہٕ۔ قلَم اوس وُنہِ تہٕ تِتھے پأٹھۍ میٲنِس زالِس منٛز!

''ژٕ بیٚہہ أتی نَس جنگلَس ستی ڈوٚکھ دِتھ پتھَر، تھکنگ ایحساس گژھی گَم۔''

تَسنٛز گَتھ حکُم مأنِتھ بیٚوٚ ٹھُس بہٕ پتھَر ڈوٚکھ تہٕ دیُتُم جنگلَس ستی مگر نظر ترٛجھم نہٕ اَمہِ ساتہٕ تہٕ ٹِکٹ گھرَس کُن۔

''وَتھ چھے کُنۍ''۔۔۔ سہٕ لوٚگ بێیہِ وَننہِ تہٕ یہِ زأنِتھ زِ یہِ وَنہِ ووہ پاے ترٛجھ مے ٹِکٹ گھرَس کُن ہِکہٕ نظر۔ اوٚنگجہِ ٹینٛڈ بن أس برابر حرکت گژھان۔۔۔۔

۔۔۔ ''ژٕ دِأتی نَس بہتھ لوٗگن ریزرویشن فارم (Reservation Form) بأری بأری۔ چھُ بنان زِ اکھِ دوٚہہٕ پییہِ اَمہِ قلمُک وأرِث دَرتہِ پیٚن فارم بَرناونہٕ ژٕے نِش تہٕ ژٕے گرِی آزاد!''

اَمہِ پتہٕ گٔیہِ ژھوپہِ تہٕ ستی گٔیہِ اوٚنگجن ہٕنٛز حرکت تہِ بند۔

تہٕ مےٚ ووت تنہٕ پتہٕ برابر لۄکن ہٕنٛدی ریزرویشن فارم بران، خبرٕ کٔژ ٹرینہٕ آیہِ تہٕ گٔیہِ۔ خبرٕ کتی لۄکھ وأتی مٔنٛزلس، خبر کأتیاہَن تہٕ کتھِنَ کتھِن لۄگن دِتی مےٚ فارم بٔرتھ۔ مگر سۄ وأرِث دَرآونہٕ ونہِ۔۔۔ خبر پیاتہِ زانٛہہ؟۔۔۔ مےٚ چھُ ووٚنی تھکنُک احساس سبٹھا شدید گومُت۔۔۔ شاید چھُس بہٕ ووٚنی پٔزی پأٹھی تھوٚکمُت۔

ٹِکٹ گھرِ کِی اَتھٕ زِتہِ چھِ خبر کوٚت گأمتی تہٕ دأرِ چھےٚ بند!!

---

# شاہ سوارٕ سنٛز دلیل

## (طویل افسانہٕ)

صأبر گلہٕ وأنس تہٕ مہاراجہِ بہودرٕس اوس أکس معاملس منٛز زبردست ہشَر، سہٕ گو زِ دوشوٕے أسی گرٕن ہنٛدی بےٚ پناہ شوقین، بَلکہِ روزِ عاشق وُنن زیادٕ بہتر۔ مہاراجہِ اوس بہوُدر آسنہٕ علاوٕ مہاراجہ تہٕ اِموکھ اوسُس فارم ' دُنیا کھوٗ زأ ژَل گرٕ بوٚستی بڑتھ، صأبر گلہٕ وان گتھ کرٕ ہے اَتھ معاملس منٛز تَس ستیٚ مان، وِں رٕگو سہٕ تہٕ اوس نہٕ پننہِ حسابہٕ کینٛہہ کم پایہٕ ہیٚو۔ پوٗرٕ جیٚمس کھوٗ کٔشیرِ منٛز یَیلہِ تہٕ کأنسہِ جان زأ ژَل گُری سُند ضروٗرت پییہٕ ہے سہٕ اوس میلہٕ واد کڈِتھ صأبرٕس نِشی واتان۔

تیلہِ أسی نہٕ موٹر عام نہٕ آسہٕ سڑکے تہٕ نہٕ پیٹرولے پڑتھ جایہٕ وأفرِ۔ بڈ گتھ یِہ زِلوٗگن اوس نہٕ چنٛدٕس توانگر تہٕ اِموکھ أس گتھ گرٕ ہے پیٹھ ٹھہران، سہٕ تہٕ یَیلہِ ہاگس بتَس جان گُذار آسہِ ہے۔

گتھ چھےٚ تمہِ وِقتچ یَیلہِ گھرٕس منٛز گرٕ آسُن محلس کھوٗ سماجس منٛز خاص رُتبہٕ آسنگ نِشان اوس، یَیلہِ أہی کرٕن والین جُملَن منٛز ''گرٕ ژھ ژٕےکھسہٕ

وُن گُرتہٕ وسہٕ وٕنی ناوآٮ۪سنۍ' معیأری أہی جُملہٕ مانٛنہٕ اوس یِوان اَوٕے اوس تِمن

تہٕ 'زبہِ کھارٕٹ' یا خرٕس برابر گرآسان یَمن رُتبک بڈٕ تتہٕ چھُ آسان، اَدٕ اَمہِ

خأطرٕ کیاہ زیپٮ۪ہ ہے نہٕ اَجی یٔڈ بتہٕ کھیٚون۔۔۔ مؤلہٕ گٔتھ چھے یہِ زِسا ،چہٕ اَمہِ بِمارِ

ہستی اوس صأبرٕ گلہٕ وانٕن کاروبارتہِ بڈٕ جان چلان ۔صأبرٕس اوس گلہٕ وان گرٕی

کرنٕک پٔنُن منفرٕد ٹیکنِک۔۔۔ پُلو امہِ کرِ ہے گُرٕی ژۆرتہٕ بانہالہِ اوس تٔس ہِکنان

۔تورٕ اوس نہٕ خألی اَتھہ یِوان ،تورٕ اوس گُرتُلتھ انان تہٕ تٔس سوگامہِ ہارٕ انان۔

رام بنٕک گرنہامہِ ہِکنان تہٕ بنٛڈ پورٕیک دوٚمیلہٕ ۔اَدٕ کنٕی اوس نہٕ زیادٕ رٹنہٕ تہٕ یِوان

،ویسے تہِ اوس تِمس تھانَن تہٕ پُلسہٕ والین کیٛہو باقی متلقہٕ عملس ہستی جان 'ماز

مٔنٛچھرٕ' ۔پنٕنس کاروبارٕس منٛز اوس پوٚژتہٕ ،خبر أسس زِتُلن گٔتہِ چھُ تہٕ ترٛاوُن

کتہِ چھُ ۔مُنأسِب جایَن تہٕ مُنأسِب حأکمن اوس منکنہٕ بغأرٕ یورَے پٔنُن

حِصہٕ ایمانداأری سان واتناوان تہٕ باضے موقعہٕ محل وُچھتھ سو پورٕ کٔڈ لچہٕ گاڑٕ تہٕ بنٛڈ

پورِچہٕ گنٛدِ دار ژادَرٕ ڈالہِ تہٕ نِوان ۔پنہٕ نوٚہتتھوٕ ے صفتوٕ کنٕی اوس صأبر گلہٕ وان

،گلہٕ وان آسنہٕ باوجوٗد تہِ معزز شہری ،بڈٕن لوٗکن ہستی وتھٕن بہٕن ،حأکمن ہستی

دٕس بٔوسی تہٕ خأرٕ پاٹھ تہِ!

صأبرٕ اوس ہیتھہ پأٹھی پنٕنہِ زندگی ہستی مُطمعین ،بٔس أکی گأیلن اوس ہنا

اڈٕ مؤر کوٚ رمُت ، سہٕ گوٚ زِ زنانہٕ اُسس لوٚ کِہٕ کُنے تڑ اوٚتھ یِمہٕ عالمہٕ گاٚمُت ۔ بڑٕ نیک اُس اللہ تعالےٰ اُکرِ نَس مغفرت ، خبر صابرٕ ہندی کرتوٗت ما پێیس گوٚبُی ، یہٕ احساس اوس صابرَس مُنزی مُنزی مَڑٕ نیندرِ ڈِنہٕ وِتھ بیدار کران تہٕ امہٕ پتہٕ اوس سہٕ رأتی رأتس لرِ پھِرٕنی دِوان ، منطق لڑاوان زِ یہٕ چھُ تَسُند رِزق ، تمی دیُتمُت ، یُس توٗنت تہٕ دِوان تہٕ دانہٕ تہٕ چھُ دِوان ، مگر کیاہ تام رٔژنہٕ اوس اَتھ منطقس زِ تَس اوس نہٕ قرار یِوان ۔

صابرَس آیہٕ آشنہٕ ہنٛدِ گُذرنہٕ پتہٕ واریاہ مشورٕ ہس زِ دوٚیِم اَنُن ، وُنہٕ چھُکھ لوٚ کُٹ مگر تَس آیہٕ نہٕ برابٔری دوٚ وُہر لڑکہٕ اُسس جنت گارنٛی پێن نشانہٕ تڑ اوٚتھ گاٚمُت ۔ وورٕ موج خبر کِتھ نیر بس ؟ اُمی وٕہمن دِیُتنَس نہٕ دوٚیِم کھاندر کرنَس اِجازت ، بلال اوسُس عأن تہٕ غأن تَس جنت گارنہٕ پتھ گومُت ، ژوٚنٛھس زٕ اڈٕ زَن ! صابرَس اوس یہے یہٕ ڈٕلُے زِ تہٕ دین تہٕ دُنیا ، بَس اَکھ تماہ اوسُس زِ بلال تہِ گوٚژھ کِتھ ( نِکر ) تہٕ قمیض لأگِتھ اصیل شُر بن ہنٛدی پأٹھی بابا یوسف سکوٗل گژھُن ۔

صابرٕ سُند مکانہٕ اوس ہوٚمِل وال محلک اَندِم اَخری گھرٕ تہٕ اَتھی برٕ وُنٛٹھی کِنی اُس سیدِ سیوٗ دسٹرک بابا یوسف سکوٗل تام گژھان ، اوٕ کِنی اُس صبحن

شامَن سکوٗل گژھَن واللِن شُر بن ہنز اِپاری بیر بیرَ ے روزان، صائبر اوس اکثر دارِ پیٹھ بہتھ یِمَن وُچھان وُچھان اَکھ زِ تمٕاٗ کی چلمہٕ سۆری کران۔ بِلآل اوس وُنہ دُو وُہرُ ے تہٕ تریم لگہِ ہَس نوِ سونتہٕ، وُنہِ اوس تَس ژون ؤری ین بیٚہِ پژارُن تہٕ اِدِ ہبکہِ ہے تَسُند یہِ ارمان پوٗرٕ سَپد تھ۔

''شیٚہِ ؤریہِ وائسہِ کَم بچَن چھُ نہٕ سکوٗلس منٛز دائخلہِ ہبکان میلتھ، قونون چھُ یی'' سکوٗلکی ہیڈ ماسٹر مہیشور ناتھن اوس تَس تسلا دِوان یہِ قونونی نوقتہٕ فِکرِ تورمُت۔۔۔ ''گرآے موتَن یاوری بہٕ کرَن چون بلآل صائب پننہِ پانہٕ دائخل، یورَ ے وَنے تمہِ ساعتہٕ، یہِ گوژٕ ےٚ ستی وعدٕ'' مہیشور ناتھن اوسُس مَتھِ مَتھِ دِتھ تسلا دِوان وونمُت تہٕ وونی اوس صائبر بےٚ صبری سان تِتھ دۆہَس پژاران۔

صائبرس اَسی تم سائرٕ ے کھوژان تہٕ دۆرِ ی سلام کران، یِمَن گری اَسی تِکیازِ یہِ اَس سبکہٕ گَتھ زِیُسند گر ہنگہٕ منگہٕ غائب گژھِ سہٕ چھُنہٕ دۆبارٕ اَتھِ یِوان، دوییم گتھ اَس یہِ تہِ سبکہٕ زِغائب کرن وول آسہِ بِلاشبہ صائبر صائبے تِکیازِ تَسُندِس علاقَس منٛز چھِ نہٕ نُہامِکۍ گلہٕ وان تہٕ اَتھِ تر اوَنس بہران باقین ہنز چھےٚ نہٕ گتھے۔

---

پَتُن پان دوٗوُہُر ماجہِ یتیم لڑکہِ بِلال تہٕ گٔنز ہیٚنہٕ ساجہِ ، أتھی محورَس پٹھ أس صأبرٕنی زندگی چلان ، عام میزانہٕ بالکل گنڈٕ گرٕہستی ، بَس صِرف اوسُس اَکھ سُلم تہٕ ، یُہے اوسُس نوسورزَن تیلان : ساجَس اوسُس خاندرٕ پتہٕ کیٚنژھٕ ریٚتی خانٕدار پنجاب ژٕولُمت ، تتہٕ گیہِ ووٕنی اکہٕ پلہٕ شےٚ ؤریہِ مگرسہٕ پھیوٚرنہٕ واپَس ، سرسری آیہِ خبر زِ گتھ تام سمندری جہازٕ کمپنی منز چھُ حمالٕ کأم کران ۔ اکہِ دۆیہِ پھِر گٔر صأبرٕن تہِ پنجاب گرٕہتھ تَس ژھانڈٕنچ کوٚشِش پوٚز حاصِل آونہٕ کیٚنہہ ۔ ساجَن نہٕ ژھٔٹ باکھے نہٕ دِتن بتھِ بُتھِ ۔ أندرٕ رے گیہِ دَم پھٔٹہِ تہٕ رَسہٕ رَسہٕ ہیٚرٕ ن لوٚسنٕ ، بأے کوٚرُس وارِیاہ اِعلاجہِ ، ہسپتالہٕ کرنووٕنس مُلاحظہٕ ، پیٖرٕن فقیرٕن نیَن مگرتَس اوس أندرٕ ی آمہٕ تاو ، فقیرٕ کیاہ کرہَن ! ۔۔۔۔ أخرٕس وونُس ہسپتالکی زِٹھ ڈاکٹرٕ ن '' شہرٕنن '' ، أمِس چھُ کاژھ ۔۔ ہوٚکھ سِلہٕ ، دژوگجن ہسپتالہٕ کرُن بھٔرتی ، بہٕ دِمے چِٹھی لیکھِتھ ڈاکٹر صأبَس پیٹھ ۔۔۔۔ وُنہِ چھُ مرض تازٕ تازے علاج چھُ مُمکِن ، ژیر لاگھ تہٕ مرض سنہِ زیادٕ ۔ ڈاکٹر سُند مشورٕ ، فرمان سمجِتھ کوٚر صأبرٕن بلال ماتامالہٕ نانہِ حوالہٕ تہٕ ساجہٕ ہیٚتھ دژاو شہر۔

--------------

سرینگرُک یہِ علاقہٕ اوس نہٕ صأبرٕ سِندِ خأطرِ نوو ، تَس أس ماجہِ برابر ماس

أتی نخے دوہبن باگنہٕ آمژ ۔ شیچھ بوٗزتھے وأژ سو باقی أنگ أشناو ہتھ درو گجن تہٕ صابرس تہ گیہ بشاشت ہش ۔ ووٗنی سَپد سورُے رُتے ۔ ہنا فراغت پٮٚنس ستی پیپہ صابرس گُری تہٕ کاروبار یاد، گلہٕ وان گری أس تس کارٕ بارٕ علاوٕ نشہٕ ہیٚوٚ بنیمژ امہ بغأر أس تس یہے بتھی سیتھ ہش لاران ، سہٕ اوس بےٚ قرار گژھان ژھرٕ تہٕ ہیٚوی دِ ہنہٕ لگان ۔ سہٕ اوس پرٕ تھ گُرس تُلتھ اَنہٕ پتہٕ گوڈٕ تس کھیاوان چاوان کھر کھرٕ کران پتہٕ پانہٕ ٹھیک پأٹھی سوأری کران تہٕ اَدٕ اوٗسس کٔنہٕ کڈان تہٕ ہٮٚنہٕ وأرِس تہٕ اوس تمبیہہ کران زِ یُتھ نہٕ ایزہ دِہس تتھ بخشی نہٕ اللہ تعالےٰ تہٕ نہٕ بخشے

بہٕ ۔

دژ و گجن وأتتھ اوس سہٕ صرف ٹانگہٕ گُری ہبکان وُچھِتھ علاقہٕ اوس چونکہِ وِزِ ژٕرن تہٕ انگریزن ہُنداوٕ کنہٕ أسی ٹانگہٕ تہٕ تہٕ گُری تہٕ سبٹھا جان تہٕ سجٕونی ۔ صأبر اوس مُدے گنٛڈِتھ ٹانگہِ گُربن وُچھان تہٕ تصوٗر رٕہے منٛز تم نتھ تمن سوأری کران ۔ کُنہِ ہرگاہ ٹانگہ ٹھہرِتھ آسہِ ہے تہٕ تس گُرٹارِ کھسہِ ہے سہٕ اوس تس نخہٕ گژھِتھ مٔتھ مٔتھ دِوان تہٕ کشنہٕ ہنا گرِتھ ٹٹھ موران ۔

---

اکہِ دوہہٕ اوس صأبر ہسپتالہ بٔنہٕ نظر دِنہٕ پتہٕ بلوارڈ چہٕ پٔتمہِ تنگ سڑکہِ

پیٹھ ئلی چکرا کران زِتَس پیٹھِ سڑکہِ اَپارِ اَکِس سفید شین ہوس قد اور گُرِس پیٹھ نظر پیمِس سائیس بڑ احتیاطہِ سان خراماں گردِش اوس کرناوان ،صائبر گو گوڈنچی نظرِ زن رٔہتھ ہیٚو ۔ اَس رُ دُس ترٛیشہِ ہتی ہسٔندی پأٹھی ووتھے ،مَتھ گوس زِ کُنی درٛسہِ نیہ سائیسس لاکم تہِ تھکھ کڈِ  'ہومل وال' محلہِ ۔ اَندرِ گیس وُزملہِ ہنزٕ ہش چمکدار رکھ کمچہِ ٹاسکی پأٹھی سٔنتھ ۔۔۔۔۔ بتھِ اوس مہارجہِ بہودر سٔند طبیلک سائیس ،تمی زِترا کی نظرِ زنفر (صائبر) گرٛ ٹھ گرِی شناس آسُن ۔ گرِس کُن اِشارٕ کرِتھ وُٚ تھِس وُٹھ گمناوِتھ پأرِم پأٹھی "گھوڑا پسند آیا ؟"

صائبر اوس نہ اَمہِ کلامہِ خاطرٕ تیار ،بڑٕ نزِس کھنڈٕس گیس گلہِ زبوتہِ آخر وُٚتھِس درجواب "بڑا زبردست ۔۔۔۔۔ سبٹھا ۔۔۔ بہت !" ونان ونان دیٚت تمی کمہِ تام جبلی احساسہِ اتھ تھوٚ دتُلتھ یتھٕ پأٹھی گرِس رُ ٹکھِس پھش پھش زن وُ ریہِ وادَ وپیٹھِ زانہِ ہَس ۔ اَتھی ستی گیہ گتھ گتھ شروع "اصلی عربی نٔسل چھُ باسان" صائبرَن وُٚنس تجربہٕ کار انداز "اَوڈ انداز چھُس چون دُرست" سائیسَن وُٚنس اَسوٚنی کرِتھ ۔۔۔ "دوٚغلا چھُس یہِ عربی تہِ رُوسی !" سائیسَن یُتھاہوٚ زمت اوس تیٚو تھافرکوٚ ون ۔

دوشوے رٕ دی گربن ہندِس نٔسلس ،رنگس ،عادتَن تہِ کھین خوردنی

پٹھ گتھ کران ،یوٗت تام سائنٔس دُگپکارس نٔخہِ تتھ مُقامس ووت یٚیتہِ نِس گُرِس تہٕ سائیٚنٔس قیام کرنُک رہتہٕ کالٕی ٹھِکانہٕ اوس۔

اَمہِ دوٚہہٕ پیٹھہِ بنیو وصابر سُند یہِ معموٗل زِ سہٕ اوس گُرِس گردِش کرٕنکہِ وقتہٕ ہسپتالہٕ نیران تہٕ سائیٚنٔس ہتی توٗت تام گتھ گتھ کران پکان روزان یوٗت تام سہٕ گُرِس گردِش کرنأوتھ واپس ٹھِکانٔس پیٹھ انان اوس

ووٚنی اوس صابرس سوٕرے فکرِ توٗر مُت زِ گُر گٔنُند چھُ اصلی ، کتہِ چھُ آمُت ، رچھنہٕ گمہِ کامہِ خاطرٕ چھُ یوان ، اَتہٕ کِتس کالس ٹھہرِ ، وٕنٛدس کوٗت چھُ أمِس گرژھُن ، مہاراجہِ بہوٗدرٕ کیازِ چھُ خاص طور تٔتھِس گُربن پالان تَس کُتیاہ تہٕ گمہِ گمہِ نٔسلکی گُری چھِ ۔۔۔ مگراَتھ سوچس ہتی اوس تٔسُند أندرِم گلہٕ وان پٔننی أکھ الگ سکیم تیار کران ۔ برابر رٔکھہِ رٔکھہِ سکیم تیار کران ، اَجہِ رٔکھہِ دوٚبارٕ سوچ گٔر ،تھ أندری نیٚہناوان تہٕ اَجہِ نوِ کھینٛچان ، مگر أندرِم یہِ گلہٕ وان اوس نہٕ وُنہِ نیبرِ مس صابرس تہِ پوٗرٕ اعتماد س منٛز انان ، تِکیازِ سوٕرے اوس وُنہِ مُبہم یہَے ژھائے ہِش مسلہٕ اوس کأم تہٕ گرژھِ اَندٕنی مگر اِلزام گٔرژھِ نہٕ سائیٚنٔس بچارس تہٕ لگُن ۔ مہاراجہِ بہوٗدرٕ ماتٕر اویس کُڈٕ رسزادِیٚس تہٕ گونہگار رٕسپدِ صابر ، یہِ اوس نہٕ صابرس قطعاً منظوٗر !

صأبرَس اوس نہ فکرِ ی تران زِسہٕ چھا خوش کِنہٕ دُکھی، اکہِ طرفہٕ اُس خوش خبر زِ ساجہ پچھے رَسہٕ رَسہٕ سَنداران، ڈاکٹرن اوس وونمت "وقتس پیٹھ آکھ، وُنہِ أکس داد چ صرف چھہ لاریمٕژ، علاج گو آسان" اَمہِ دوٚہہ توٚر صأبر گرٕ مشر أوِتھ حضرت بل شُکرانہٕ ادا کرنہِ۔۔ مگر ذہنہٕ کِس أکِس کونَس منٛز اوُسس مہاراجہِ بہوٗدٕ رسُند گرتہِ!۔۔۔ سُجدٕ کٔرِنی۔۔۔ خیال ڈوٗلِن، مگر فطرتَس کیاہ کرِہے! گلہٕ وان!

ساجہ أس خوش زِ زوٗ بچے یَس، پوٚز ستی اوُسس یہِ خیال تہِ کھوٚژ ناوان زِ واپَس گژھِ تہٕ دوٚہہ کڈُن گژھِ ہم ہیٚیہ کوہ کڈنَس برابر، پتھ کالکی دوہہ پیٹھ أندرِ ے دوٚ نٛژھراونہِ تہٕ بلاآل اوس أکھ نوقطہٕ ییتہِ نَس ہنا راحت دژِیٚنٛٹھی اوس گژھان۔ بلاآل سُند خیال یِنَس ستی باسوٚ ساجس زَن تَس ؤری وادٕ گھرِ دژا متِس گاٚمتی چھِ۔ تمہِ کوٚر فأصلہٕ زِ أز ییتھے صأبر یِیہ یہٕ وَنس گھرٕ گژھنہٕ خأطرٕ باقٕی اعلاج ہیکہِ وونی تتہٕ تہِ سپدِتھ۔۔۔ مگر تسُندیہِ فأصلہٕ آو نہٕ صأبرَس براہ، یہِ نہَ زِسہٕ کیا اوس نہٕ گھرٕ یژھان گژھُن، سہٕ تہٕ اوس 'کامہِ کارٕ' بغأر تنگ آمُت۔ مگر مہاراجہِ بہوٗدٕ رسُند سفید گرا اوُسس وچھس پیٹھ بوٚ ڈباریُس نہٕ کیٚنہہ کرنہٕ اوُسس دِوان۔ اتھ وَتھِے أکِس نہَ یوان زِ کرِ کیاہ، کتھٕ پأٹھی کرٕ

گُر گلناوُن اوس نہٕ بۆڈ مسلہٕ ہنا اوس خطرٕ مگر کأم واتہِ ہے اَنٛد ۔مگر سأئیَنس کیاہ کرٕ تس لگہِ سزا، سہٕ بٔچارٕ کتہٕ برِ ہرجانہٕ ! راجہِ سُنٛد گُر، سہٕ بربس کوٚنٛدِ ۔۔۔ تیٖلہِ ؟ ۔۔۔۔بس یِہوٚے 'تیٖلہِ' اوُسس نہٕ کینٛہہ کرنس وَتھ دِوان، گُنہِ گُنہِ اوُسس جیرِ یِوان زِدِمہٕ گُرس تھِھ تہٕ کڈٕ پانس گھرٕ گُن ٹٕکھ، پتہٕ یہِ سأئیَنس نصیٖبس آسہِ تہِ واتِبس ، بہٕ کیاہ کرٕ س؟ مگر یہِ جنون اوس نہٕ زیادٕ کالس روزان، دٔ یہِ ژۆر رِلٹہِ اوس سأئیَسن چائے تہِ چوومُت ، سگریٹہٕ بدلہٕ بیٖڑی چٲوٚن تہِ ہیٚچھنوومُت ، توٚنہٕ چایہِ باپتھ بتایہِ وان نیوٗمُت ، حالانکہِ بٔچارٕ پانہٕ چھُ نہٕ توٚنہٕ چائے چوان ''اُمِس دۆ کھٕ دُیِنٛ گوگوناہ''

---

اِنسان چھُ باضے پننہِ زالہٕ پانٔے ہنٛہٕ یِوان تہٕ یِہوٚی چھُس پتہٕ ووٚتل بُجہِ کرناوان: محض گُری ہِنٛدِ خاطر لأج صابرٕن سأئیَس ستی یارٕ ژ مگر تُتھے سہٕ سأئیَس نٔحہ ووت، تہٕ نزدیکہٕ پٔتھٕ سہٕ زوٗنٛن تس گوٚ پزی سہٕ ٹوٗٹھ، دُور جیٖمہِ کہِ گمہِ تام پہاڑی علاقٕگ ، ماجہِ گُنہِ اُچھ گاش، سوچھس پأنٛسہٕ پأنٛسہٕ ییٚمہِ آشہِ جمع کران زِہ نیٚچُو واژہم ستووُہَن ، (۲۷) اُتی انٕن گھرٕ نوش، کورِ واللن ستی چھُنس ڈرِی قسم تہِ گُری متہِ

سائیسَس یہِ کینژھا بخشِش وغاءِ ہیتھ میلان چھُ تہِ چھُ سہٕ ماجہِ سوزان ''گلۍ گلۍ بچارٕ گرژھان ۔۔۔ سبٹھا رُت تہٕ نیک'' یہِ آخری صفت اوس زَن صابرٕ سندِ ہن ارادَن زولانہٕ تژاوان، سورٕ ے اوس شٔتھان ہیُو، صابرس اوس نہٕ فِکری تران زِ کرَ ے تہٕ کرٕ کیاہ۔ گُرِس ہکہِ نہٕ سہٕ مٔشرأوِتھ بامے کینٛہہ تہِ گرژھی تَن! تَس اوس یتھ زِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ سٔبیل نیرِ ضرور۔ ''اللہ تعالےٰ چھُ سبب ساز مویُٔس کریٛم نہٕ''۔ سہٕ اوس نہٕ بالکل ناوومید۔ پنُٕن پان اوس تَس خُدا ترٛس باسان تیٛمِس سخت خوفِ خُدا اچھُ۔ گلہٕ واں کار اوس نہٕ تَس گوناہ باسان، تَسنٛد ماننُن اوس زِ ''سہٕ'' خالقِ کائنات چھُ بوٚڈ رزاق، پرٛتھ کانٛسہِ چھُن رِزقُچ سبیل کرُن تہٕ تَسنٛد رِزق چھُن یتھے پأٹھی لیُو کھمت، پتھ گو مُشکِل! سہٕ کَتھ کارس چھُ نہٕ مُشکل آسان؟ تہِ گرِتھ تیمی کار دِیت سہٕ کرِ مُشکل تہِ حل، تٔسندِ کھوتہٕ مُشکل کُشا کُس؟''

تہٕ اکہِ دوہہ سپُد پزی مُشکِل حل، کرامات سپز یٔیلہِ تَس سائیسن وٚون

زِ تَس چھُ ہفتس چھُٹی گرژھن، تورَ ے چھےٚ شٔیچھ آمٕژ، موج چھےٚ علیل

سائیس اوس وُنہِ ونانے زِ صابرس گیہِ مغزن منٛزبہٕ یکبار واریاہ وُزملہٕ

یمو تٔسنٛد سورٕ ے خاکہِ مکمل کوٚر۔ سائیسہٕ سٔندِ وارٕ کارٕ گرٕ روانہٕ سپد نہٕ پتہٕ دوٚیہ دوہ

۔۔۔ برابر دۄیہ دوہی، یُتھ نہٕ سائینسس بچارس ژۄرٕ ہانژٕ ہ لگہٕ۔۔۔ ٹھیک دۄیہٕ دوہی راتھ پہرس گرٕنین فارمہٕ منز کڈتھ، نَنی راگہٕ سوار سپدتھ ۔۔۔۔ امہٕ برٛونٹھ سوچہٕ نہٕ تمی زِ خبر دِ مٲغ ماکرِ راز فاش! 'خطرٕ چھُ واریاہ پۄز پروائے نہٕ کینہہ، 'سہٕ' چھُ سبب سازسورٕ ےکرِرُت ۔۔۔'

---

ٹھیک ژۄرمہٕ دوہہ شامس ژہر ووت صابر گلہٕ وان مہاراجہ بہوٗدر سُند سفید شہن ہیوٗ گرہتھ 'وہنہٕ کوٗرڈ کرہٕ پیٹھ ہوورِ گرٕ، گرِ تھوٗن گیٛن گانس منز تہٕ پوٗت کھورٕ ے پھیوٗر واپس، دوہ کھنڈ لوٗگ بیٛیہ تہٕ ووت نصف شبس ہیوٗ واپس ساجس نشہٕ دروٗجن۔

گرٕس لوٗگ بڑٕ ژھانڈو، سورٕ ے سرکٲری عملہٕ آوحرکتس منز، تلگ پیٹھ تہٕ أند رِم نبر سپد مگر گر آو نہٕ اتھہٕ۔ صابرس تام وأژ نہٕ کانٛسہٕ عقل، اکھ اوٚ کنی زِ سہٕ اوس پننہٕ معمولکہٕ میدانِ عملہٕ نشہٕ واریاہ دۄر، گجا 'ژوٗٹس' یا نادی ہملٗ تہٕ گجا گپکار 'دۄیم وجہ اوس یہٕ زِ سِلہٕ ہسپتالس منز چھِ اِنسان ویسے نیم مورد آسان، گری ژۄرکُس کرِ!

صابرا اوس پننہٕ کامہٕ منز پوختہٕ کار، واپس گرٕ گرٕ ژھنس منز گرٕن نہٕ کانٛہہ توہ

تمبلی زِ خبَر چھا شک ما گژھِہ۔ڈاکٹرَن یٚیمہٕ دۄہہٕ ساجَس ہسپتالہٕ چھٹی دِژ تمہٕ
پتہٕ تہٕ رُکیاوسہٕ بہانہٕ کٔرِتھ أکِس دۄن دۄہَن تہٕ ترٛیمہٕ دۄہہ تہٕ ییٚلہٕ وارٕ کارٕ پٔتن
گرٕ 'ہومِل وال' محلس کُن دراو، انہارٕ تلہٕ اُس نہٕ تَس کانٛہہ تأجلی باسان،
یہٕ چھےٚ وَکھرٕ کٔرِتھ زِ أندرٕ اوسُس زۄ'وہنہٕ کرِچھن'ڈٔکرَن اویزان زِ خبَر گرِس
کیٛاہ حال آسہِ ۔منٛزٕ اوسُس دِل وۄٹھ کڈان زِ اَکھ نظر دِمہٕ شہرَس تہِ ، وُچھِہ
سأیِسَس کیٛاہ حال چھُ ۔واپَس آسہِ آمُت وۄنی ، پۄز أتی اوس سوچان زِ یہٕ گو
'ہتہٕ ہونہِ کھۄتہٕ زَنگ 'کأفی یارانہٕ گو وۄنی ۔۔۔وۄنی گوسُہ پانَس تہٕ یہٕ پأنِس
، تِھی منٛزٕ چھےٚ دوشوٕنی ہنٛزٕ بجأیی ۔یٚمہِ کٔرِتھ ہُنٛد اوس تَس پۄرٕ یقین زِ سأیِس پھسہِ
نہٕ ، زٕ (۲) دۄہہ برۄنٛہہ اوس پیٛر پنٛژا لہٕ اَپور ووتمُت ،ژۄر کٔرِتھ کرِ ہےسُہ تہِ
گُری ژۄر۔منٛزی اوسُس پانسےٚ ستی اَسُن تہِ یوان زِ مہاراجہِ ۔بہودُر کھوٗم پۄیہٕ
سأرٕے مہارأجی مُشرأوُمس اَکی داں دبہٕ ۔دَپان سخ شوقین چھُ میأنی پأٹھی
گُرٕہن ہُنٛد ۔بتہٕ آسُس نہٕ ہٹہِ وسان یٚیلہِ گُرآسُس یاد پیوان ۔مگر تہِ اَپزٕ ی
،یٚمَن چھُ پادشاہ ماز آسان ، یٚمَن چھُ نہٕ سأنی پأٹھی پھیران ۔تَس آسہِ یہِ گُر
گومُت مُشِتھ ۔ دپان واریاہ زأژل تہٕ نٔسلی گُری چھِس ۔خودأیے بختہٕ بۄڈ
کۄرمُت ، پۄز مےٚ تہِ کٔرن یأری ، ناشکُر کیٛا زِ روزٕ ، پزی چھُ بوڈ سبَب ساز ،

سارِنے چھُ آنٛپہٕ واتناوان، تٔمۍ تُجیٚیہِ شُکرانہٕ کہِ اللہ اَزٕ أچھی ہیٚوٚر گُن مگر نظر رٕکیٚیہِ وتی تِکیاہ زِ درواز س پیٚٹھ اوس صأبِر صأبُن لوٚکُٹ ہیوہ ہہر بابہٕ کھڑا۔۔۔۔ وُہنہٕ کرِ پیٚٹھ آمُت۔ تَس وُچھتھ گو صأبرَس بڑ ژٕرِس کھنڈ س أندرِم شاہ اَنٛدَر رتہٕ نبرِم نبَر۔۔۔۔ أتھی أکِس ژِہس مَنٛز گأس ہتہٕ بٔڈ خدشہِ بیدار، خأر پاٹھہ تہِ

پھوٚرُس نہٕ توٚت تام یوٚت تام نہٕ ہہرَن اورَے وُنُس

''سورٕے چھُ ٹھیک، بامبرٕ نچ چھےٚ نہٕ کانٛہہ گتھ''

''حمدِ خدایس گُن مے دوٚپ۔۔۔۔۔'' وُوشِ ہیٚوٚ ژٕ اُوِتھ

کوٚر صأبرَن أڈِس جُملَس پیٚٹھے قنات تِکیاہ زِ جُملہٕ گرژھِ ہے تیٚلی پوٚرٕ یٚیلہِ پژٕرَس وُرُن تُلہٕ ہو۔

کھوٚر بانہٕ کڈِتھ یٚیلہِ ہُہر ژٕینس ستیٚ ڈوٚکھ دِتھ تمأ کی چلمہِ سوٚر کرنہٕ پتہٕ چایہِ پیالَس گُن اَتھ نِنہِ لوٚگ، صأبرَس روٗدنہٕ صبر، ژوٚچہِ زأن بڑٕ وُنٛٹھ گُن أنِتھ وُونَس لوٚتی ''تیٚلہِ کتھہٕ پأٹھی اَز یتھ تاپہٕ کڑایہِ منٛز'' ہہر اوس مخولی ژوٚچہِ ہن تُلان تُلان وُونَس اَسہٕ وِنی گرِتھ۔

''زامتری کوٚٹ چھُ ناہمیشہِ کوٚٹے روزان، یہِ ماچھُ بڈان زانٛہہ، أمِس چھےٚ ہوان نظر نظر دِنی''

''بہٕ گتہٕ رٕوٗ دُس سہٕ کوٗٹ'' صابرٕس پیٚیہِ زنانہ جنت گارٕنی یاد ''تمہِ اَے
سُلہِ صُبہاَے جہانس لتھ دِتھ مزار روٗٹ تہٕ''

وونی پوٗ ہہرٕس تَس لاَزماً تسلا دٕیِن '' آدم چھُ مزارس شرٕ پان پوٗز
رِشتہٕ چھِ تاحیات روزان''

اَمہِ پتہٕ رٕوٗز بڑٕ ژرٕس کھنڈٕس ژھوٗپہٕ، صرف اُس مٔژی مٔژی نیبرٕ
جاناوارن ہنٛز آواز گڑھان ۔ چایہٕ پیالہٕ خاٗلی کٔرِتھ آو ہہرٕ مقصدس پیٚٹھ ''یہِ نوو
نموونہٕ تُہنٛد چھُ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ کرٕٹان''

''کیاز؟ کیاہ دلیل، بیمار و بیمار ما چھُ؟'' صابرن ووٚن ہنا تشویشہٕ
سان۔

''اِوٚ پزٕ اہ چھُس، اِتھ پاٗٹھی چھُ ٹھیک مگر نہ چھُ کھوٚ ان کینٛہہ تہٕ نہٕ
چوٚ ان۔''

''خبر کھنبس کیا آسبس حال؟'' ہہرن دٕیُت ہنا ژکھِ سان جواب
۔''دٔرٕ کھنبس آسبس حاٗل، کران گمہٕ ساٗ کتھہٕ چھُکھ ژٕ، گرٕ ے چھا کنہٕ بیٚیہِ چھُ
کینٛہہ؟''

''مہاراجہِ سُند گرٕ چھُ! تِتہٕ چھُنا سوچُن''

''یہِ اُسی تَن خداصائبن گُر، خوراک کھیٚیہِ تی یہِ گُر کھوان چھُ''

تیٚلہِ کیازِ چھُ نہٕ کھوان کینٛہہ، وجہ آسہِ نا؟''

''ووپَر جائے آسبس گرٛھان ظھرایا خبر بیٚیہِ ما چھُس کینٛہہ'' ہٕہرَن

ۂنی ژٹہٕ وِنی گُرِتھ ''ژیہِ پانٕے، پانہٕ دِس نظر۔''

''اِں۔۔۔ تی روزِ جان'' صائبرَن تھووخاٖلی پیالہِ واپَس ''خبر میانہِ ینہٕ

ماگرٛھبس۔۔۔۔''

''اَدٕ گرٛھبس پرٛاہ'' ہٕہرَن ژٹ تَسنٕز گَتھ مَنٛزَے ''ژٕ ہسا چھکھ یتھ

پاٹھی ونان زَن سہٕ آدَم ذات چھُ''

تَمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ، گُر چھُ سانہِ کھوتہٕ سمجھدار آسان!''

''اَدٕ تیٚلہِ گوٚیِن پانہٕ، ٲلکہِ چونٕے پوٚز آسہِ'' ہٕہرَن ووٚن طنزٕ سان

---

'وہنہٕ کوٚر' وٲتتھ یتھے صائبرَن گپن گانَس درواز مُژٕرتَس پھیر لبدرِ

ژھٹھ، شاہہ گوس أندرَے بند، باسیٚوس وُنی یِمہ زمینہِ پٹھ وُکراونہٕ۔ درواز

داسَس تھِھ دِتھ ژوٚلُس ہکہٕ نیرتھ ''خدایا نجات! اُمِس کیہو گومُت یہِ؟''

''اَدٕ کیازِ آس بہ لاران ژےٚ نِش، دوٚ پےٚ نایہِ ہسا چھُ کرٛٹیوٚمُت''

"کرٚٹیوٗ مُت نا، یہِ چھُ موٗژیا مُت۔ مےٚ چھُنہٕ بہانٕے یہِ چھُ سُے گُر"

"مگر چھُ سُے، مےٚ مابدلوو" ہہرَن وٚون پننہِ مخصوٗص طزِ یہ انٛد ازٕ

"نا مگر۔۔۔۔۔۔" اَمہِ برٛ ونٛٹھ پھوٗرُے نہٕ صائبرَس کینٛہہ، معاملہٕ اوس تیٚتُھے: قدآور، مَد ہوٚس ہیٚوٗ سفید شین گُر، یہٕ ہے اوس وُنی کیٚن زُبہِ کھارٕٹہٕ ہُنٛد اڑٕ لیٚوٗک بچھیرٕ ہیٚوٗ باسان، رنگ تام اوسُس زرد یامُت۔

برٛ ژزِس کھنڈس گُرِس معاینہٕ کرنہٕ پتہٕ دژ او صائبرَ لوتی گُپن گانہٕ نبر تہٕ ہووٕرِ گھرٕ اَستھ تہِ اَژن جِجیر پانٕے برٛ ونٛٹھ کُن، چلمہِ ترٛ ووٗن مَننہِ منٛزٕ تیٚو نٛگُل تہٕ دام دام دِوان ہیٚوٗٹھ معاملہٕ اَنٛدرٕ ے کھو کھلاونہِ۔

"ووٗنی صلاح" ہہرَن کوٚرُس سوٗچس خلل۔

"دَنہٕ پنہٕ گُرِس خدمت کرٕنی، بیٚیہِ چھےٚ نہٕ کانٛہہ وَتھ" تُمی پھِر جِجیرِ ہنٛز نَے ہہرَس کُن۔ ہہرَن رٕٹ نَے تہٕ سوٗرُے کُٹھ گودہےٕ دٕ ہہ۔ اَتھ دوران گر نہٕ دٕوٚیو منٛزٕ کانٛسہِ کانٛہہ گَتھ۔ اَمہِ پتہٕ دژ ایہِ دوٚشوَے بالکل خاموشی سان کُٹھِ منٛزٕ نبَر۔

---

صائبرَن گُر پزی دَنہٕ پنہٕ لَگِتھ گُرِس خدمت کرٕنی شروع، تُمی گُری تم

سأرِ ے نوسخہٕ تہٕ ٹوٹکہٕ، حربہٕ تہٕ طِلسمات اِستعمال یِم تٕمیٔ ازتام پٔچھِمتۍ تہٕ ورتاوۍ متۍ
أسۍ، مگر گرِس آیہِ نہٕ صحتَس اَکھ سِر سأیے تہٕ فرق بٔلکہِ گود وہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ
پتھے گژھان۔ صأبرس اوس نہٕ تسُند دود اتھِ یِوان، ہر وقتہٕ اوسُس خیال
یِوان بِچارِ خبر کیاہ آسہِ ہے تتہِ کھوان۔ خبر روزن جاے، کرِژھ آسہِ ہَس؟
خبر کمہٕ قسمچہٕ کھٔج أسس حال؟ خبر کھٔج أسۍ سا دِوان تہٕ کنہٕ نہ؟ خبر کھر
اوسہٕ ساششتر وِکنہٕ بدل کُنہِ دأنتگ؟'' خبر---خبر---یِم 'خبر' أسۍ صأبرس
تتھٕ پاٹھی دِماغس سوار گژھان زِ باسان اوس پھٕر بومبر گوڈ چھُس دِماغس
ژامُت۔
یپأرۍ أس گرِس دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ حالت ابتر سپدان۔ ووٕنی أسس
یال تہٕ رسہٕ رسہٕ نیران، راگہِ پٹھ تہٕ أسس ژم تٔنی دژامژ، أچھو کنی اوسُس،
انمہٕ ہیٚو آب رُکی رُکی نیران۔ اَسنز یہِ حالت ڈیشتھ باسیو صأبرس زِ یہِ مرِ بے
قضاتہٕ سہٕ گژھِ گونہٕن منز گیر (ژٕوررٕنیٚون اوس نہٕ تَس گوناہ باسان تِکیازِ تَسُندی
کِنی اوس ازل نامہٕ لیکھن وألی رِزقُک یہے وسیلہٕ تَسُندِ باپتھ لیٚو کھمُت) مگر گرِس
یہِ حالت وُنی کنُس چھِے تتھ اوس صأبرس پنُن پان ذمہٕ دار باسان---یِمن
گونہٕن چھُ تَس پانہٕ جواب دِیُن------صرف تسۍ جواب دِیُن۔ تسُند

منطق اَتھ نو قطس پیٹھ واتہٕ وُنۍ ووتھ سہ فاصلہٕ کُن اندازَس مَنز تھوٚد، گُر کوٚڈُن گانہٕ منز نبر، اکھ اَتھ رٕٹِن پیٹھنس سوارِ گُرس لاکم تہٕ دوٚیمہِ اَتھ کرِن بیمار گُری ہنز رَز تھپھ ------ پوٚر راتس روٗدِ پکان، سرِف کوٚڈُن پٹنہٕ تھکھ، گُرس دُیتُن دانہ وغارٕ تہٕ راتو رات دژاو بروٗنہہ کُن۔ گاش پھوٚلُس گُپکارٕ تھی جایہ ڈیڈ پیٹھ بیتہِ پیٹھ سأیس گُرِس چکرَس کڈان اوس۔

گُروٗ چھتھے گیہ اَندرٕ سأری ہیے ترُے۔ ہسرلجی حأکمَن کیھو نوکرَن مہاراجہ بہوٗدُر سُنٛد گرہتھ اوس کُس تام پانٕے آمُت ------ صأبر ژوٗنکھ نرِ تھپھ کرِتھ اَندر زَن مُجرِم روٗٹمُت اوسکھ -- حأکمس روٗبروٗ کوٚر کھ پیش ----- حأکمَن کوٚر وارِیاہ روٗعب وارِیاہ سوال جواب، وارِیاہ جرح۔ صأبرَن وُنی گوٚڈٕ پیٹھٕ اَخرس تام سأرُے داستان بیٚنہٕ بیٚنہٕ۔ حأکمَن بوٗز جگرٕ کٔو کنوٗ، مگر تَس نو رُنہٕ صأبر فکرٕ ے، ترہبس تہٕ نہٕ فکرِ تِکیاز حأکمَن چھِ نہٕ اَکثر صأبر فکری تران!

----------------

یہِ ہرگاہ پادشاہ گتھ آسہٕ ہے تیلہِ گژھِ ہے حأکم صأبر سنٛز ایماندأری پیٹھ خوش تہٕ پیٹھنس شأہی کیھو فوجی طبیلس پیٹھ تھوٚہس حأکم اعلأے بلکہِ مادِیہ ہَس

اَتھ لیا قَس تہٕ دیا نَس پٔتھ پٔنٕنؠ کوٗر رتہِ نیٖتھری تہٕ ساٲری کرہَن اَتہِ اور راجا تا جا!

مگر یہِ اُس نہٕ پادشاہ دلیل ، یہِ اوس حقیقی گٔدرُن ۔ حاۓکمَن کوٗر بڑٕ ترٕزِس کھنڈٕس سوچ ، سہٕ اوس شاید سزاہَس مُتعلِق سوچان ۔۔۔ وُٹھَن پٔتھ آس ہلکہٕ اُسُن تہٕ اُمی اَسوٕنہِ ہوٗنجہِ وُٹھٕن صاۓبرَس۔

''ژٕ ے چھے ژوٗر کٔر مژ''

صاۓبرَن ژھَن کلہٕ بوٚن کُن ۔

''گُربن ہُند شوقین چھکھ''

''جِناب صحیح'' صاۓبرَن دِیُت موختصر جواب۔

''گوسزا تہِ گرٕھی میلُن تہٕ چوٚن شوق تہٕ گرٕ ھ ہیوٚر سَپدُن تیلی سَپدِ اِنصاف ،ٹھیک چھا؟'' حاۓکمَن پرٕ ژھ صاۓبرَس تِتھہِ پاٹھی زَن صاۓبرٕ سٕنٛز منظوٗری طلب اوس کران۔

صاۓبرَن دِتٕس کلہٕ ستی آنکار کٔرتھے جواب زِ 'ٹھیک چھُ'

حاۓکمَن بوزنو وفاصلہِ۔

''اَزی کہِ پٔتھ کرٕکھ ژٕ طبیلس منٛز کاٗم یُتھ ژٕ ے گُربن ہُند شوق پوٗرٕ

سَپدی، سزاچھے ژٔے یہِ زِنہٕ چھے کأنٛسہِ گُرِس سوأری کرٕنی ،نہٕ زین، گنڈُن تہٕ نہٕ یم پننہِ مرضی کُن کڈٕنی ، اَکھ نفر آسی ژٔے ہمیشہِ ستی روزان، باقی رٕژ گُربن ہنٛز خدمت تتھ گژھی نہٕ کانٛہہ شِکایت ٲسٕنۍ ---گو شوق تہِ پوٗرٕ تہٕ سزا تہِ روزُن طبیلَس نَنٛہ کوٗٹھرِ منٛز، گو بندوبست مُکمل۔

---

حأکم اوس بڈٕ چالاک شاید اوس توٗے حأکم تہِ !-----یہِ سزا گو صأبرَس موٗتہٕ کھوٗتہٕ سَخ ،تَس ٲ چھنٛہ کھوٗہوری أسی گُری گری ، اَکھأ کی ہِنٛدِ کھوتہٕ اعلیٰ مگر صأبرَس أس صرِف یہنٛز لبد ٹلٕنی ،یم چھلٕنی چھوکنی ،کھرِ کھر کرُن ،مأئلش کرٕنی ،ژٲرِتھ دانہٕ کھیاوٕنی تہٕ یہِ سورُے کرُن وقتہٕ پأبندی سان---سہٕ نہٕ ہکہِ ہے یمَن کُن کڈِتھ تہٕ نہٕ سوداکرِتھ۔سوأری کرٕنگ اوس نہٕ سوالے ووتھان کأژِہ لٹہِ گوتَس متھ زِکُنے ژھالہِ دِمہٕ کأنٛسہِ گُرِس پیٹھ ووٗٹھ تہٕ یالٕ ژٕٹتھ کرٕس نَی راگہِ پیٹھ ژوٗ پنجل سوأری ----مگر سہٕ گیو وجُرم ---یتھ سزاہ آسہِ ہے۔

سوأری کرَن وٲلی أسی بدلٕے ،تم أسی یوان ،سوأری کران، گُر ژاوان تہٕ سیٛوٗدِے محل خانَس منٛز اژان۔صأبر اوس تِمَن گُربن صاف تولیہ ستی عرِق وَتھراوان تہٕ لبد ٹلان۔

گُربن اِتھ پأٹھی وُچھ وُچھ زَن پھُٹ ہیٚو صأبر تہٕ وارٕ وارٕ گیہِ تَس سوے وَنَن یوسہ سفید گُرِس "وبنہٕ گُرکس" گۄپن گانَس منٛز گیٚیہِ۔ صأبرَس اوس ووٚنی ووتھُن مُشکِل گژھان، سہٕ اوس کوٚٹھن اَتھہٕ دِتھ ووتھان۔ کامہِ وِزِ تہٕ أسِس ووٚنی اَتھہٕ وارٕ وارٕ پکان۔۔۔۔۔سہٕ وقت تہٕ آو یٚیلہ صأبرَس اکثر گُری سُنٛد عرق وَتھراونہٕ وِزِ تولیہ اَتھہٕ منٛزٕ ؤسی پوان اوس یا کھرٕ کھرٕ اَتھہٕ منٛزٕ وبسران اوس۔۔۔۔ حأکمَس أس اَتھ سأری ہےٚ پیٚٹھ نظر مگر وَنان اوسُس نہٕ کیٚنٛہہ۔

اَمہِ پتہٕ آو سہٕ وقت تہِ یٚیلہِ سہٕ اَڈِ نے گُربن خدمت اوس ہیکان کٔرتھ تہٕ پتہٕ أسِس شانٛش کھسان مگر عجب کتھ أس زِ یہِ تماہ گوس رسہٕ رَسہٕ زیادٕ سَنان زِ سہٕ کرِ ہے یمَن گھربن سوأری۔ تِمَن اَتھہٕ لاگنہٕ وِزِ اوس یہِ جنونن زیادے ہران، دٔمن بستہِ ہنٛدی پأٹھی اوسُس شاہ تیزان۔ شاید اوس حأکم تہِ تٔسنٛدِس أتھی حالتَس پزاران!

----------------

شام اوسُن گژھُن ہیٚو تمُت، صأبر اوس دۄہچہ کامہِ پتہٕ مورد ہیٚو ڈوکھ دِتھ آرام کران زِ حأکم سَپُد بلا صدابزٕ ؤنٛتھ گنہِ نازِل۔ تَس اوس ازتہٕ وٚتھُن پیٚٹھ سُے ہلکہٕ گُمنیار۔ صأبرَن کرِ یہِ تھوٚدوو تھٕنٛچ کوٚشِش مگر حأکمَن ہووُس

اَتھ ءستی زِ بیہہ، تھوٚ دوونٛج چھےٚ نہٕ کانٛہہ ضروٗرت تہٕ کُنہٕ تمہید بغاٗرٕ ے ووتھُس

''وونی چھُکھ نہٕ ہبکان ژٕ کاٗم وترٲوِتھ، اوٚ موٚکھ گیی ژٕ ے پگٕہکہِ پنٛتھٕ چھُٹی، ژٕ ے آسی ووٗنی گُر بن ہُنٛد شوق تہٕ پوٗرٕ گوٚمُت ـــــ پگاہ صُبحن ہر گاہ سُلہِ نیرَ کھ شام تام واتکھ وارٕ کارٕ گھرٕ ونان ونان کٔڈ ٕی تٔمۍ بٹوٗمنٛزٕ تر ٕے ۂتھ روپیہِ تہٕ تھاٗوِنس برٕ ونٛتھ کنہٕ ژٕ نکہٕ کھنٛجہِ پنٛتھ'' یہ گوو ے ژٕ ے محنتانہٕ'' سہٕ ووٚتھ تھوٚ دتہٕ دٕ ژاو درواز س کُن۔ اتہٕ نَس ووٚنہٕ نَس بٔیہِ پوٚت پھیرِ تھ ـــ ''پگاہ صُبحن''

---------------

صاٗبر ووت دوہہ لوسنہٕ وِزِ ہیوٚ واپَس پنُن گرٕ۔ اَتہٕ اُس نہٕ تٔسنٛدِ نیرنہٕ پتہٕ خاص کانٛہہ تبدیلی آمٕژ۔ دٔپھ تٔسنٛد درواز اژٕ وُنۍ زن لوٗگ ساٗری ہے کھولو ،ساٗرِ ے آیہِ الکنہٕ تہٕ ولنہٕ، کینٛژٕس کالس روٗ دچِری گیوٚش، یوٚت تام صاٗبرَن دَم سنبھول تہٕ چایہِ پیالہٕ کھنٛڈ چون، تمہِ پتہٕ گو دوٚہہ دِش ہُنٛد لوہ لنگر شروع، صاٗبر ٹوٗٹھ آو واپَس، اَتھ پنٛتھ اُسی ساٗرٕی خوش مگر صاٗبرَس اوس حاٗکمَن زندگی ہُنٛد مقصدٕ ے ژٕ ہتھ نیوٚمُت۔ تَس اوس نہٕ تیوٚت تو انگر زِ سہٕ سوچہِ ہے زِ نوٚ سرٕ کتہٕ پنٛتھٕ کرٕ شروع، ہمسایہِ ماشٹرٕ:۔ اُردوٗ ماشٹر غلام نبی باسیوٚس معقول انسان یَس ءستی سہٕ مشورٕ کُرِتھ ہیکہِ۔ ماشٹر جیِن یوٚ زتٔسنٛز ساٗرٕ ے دٲدٕ کانٛگرٕ تہٕ ژٕ بتھ دِتھ

وونہٕ نَس زِ کیشُن دوٚہَن کرسورٕ ے مُشرِتھ آرام یوٚت تام ژ ے ہیٚیہِ کامہِ ہُنٛد توانگر یہ یِی ۔۔۔ باقٕی گوتمہِ پتہٕ سوچُن !

مگر باقٕی سوچنَس آیہِ نہٕ وارِی ۔ اکہِ دوہہٕ شامَن شوٚ نگ صابِر صاب تہِ پتہٕ تہِ وۄتھ نہٕ ۔۔۔ وُدُن رِوُن گو ، سینہٕ کوبی سپز ۔۔۔ سورٕ ے کینٛہہ سپُد تہٕ پتہٕ آو صابِر صاب سُپر دِ خاک کرنہٕ ۔۔۔ پیٚو رتیار کرنک سپُد سنٛز ۔ اُردو ماشٹرس آو ونہٕ زِ پیٚٹھ ؤنو کینٛہہ عبارتھ ۔۔۔ شایانِ شان ۔ ماشٹرٕ زَن اوس اَتھ مُتعلق بڑ وَنٛٹھ پیٚٹھے سوچان ، ہکہٕ ژٕ وُلس نیرِتھ ''شاہ سوار'' ۔۔۔۔ شاہ سوار لیکھیوٚس ، تمہِ پتہٕ لیکھیٚ توس سنہٕ وغیرٕ ، یہِ تحریر کرُن لازمی چھُ ۔

---

تنہٕ گو وونی واریاہ کال ، واریاہ دولابہٕ آیہِ زمانَس ۔ اَز چھُ صابِر گلہٕ وانہٕ سنٛز قبرِ دِ چھِنی کھورِ ؤستھ گژھنہٕ ستی واریاہ ملبہٕ کھوٚ تمُت ، پیٚو رچھُ وُریہٕ گژھِتھ بے مانے ہیٚو گومُت ''شاہ'' چھُ ملبَس تَل ، صرِف چھُ ''سوارٕ ے'' یوت بوزنہٕ یِوان !

صابِر چھُ دلیل بنیامُت ، ستھ گتھ گری وونی وبستارِ حسابہٕ کنان چھِ !

---

# شۄز

"بلکُل تیٚمی جایہِ پیٚٹھۍ اوس شۄز وُڈوکران"

"اِن خبر چھم" مےٚ وۄنُس ژٕٹوٕنی کرِتھ، تِکیازِ مےٚ آسی خبر زِ سو چھےٚ بَسہِ پڑارنُک عذاب کم کرنہٕ خاطرٕ زِیٹھر اوان لنٛڈتہٕ بہٕ اوُسس امہِ عذابُک وۄنی عادی بلکہِ اوس وۄنی یہِ میانہِ زندگی ہُند اَکھ حِصہٕ ہیٚوٚ بنیوٚمُت۔

"تیٚلہ اوس نہٕ یہِ کُل بیٚتہِ نَس" تمہِ وون بٔیہِ۔

"تِتہِ چھم خبَر" مےٚ وۄنُس تنگ یِتھ باقی گتھ پوٚرٕ کران۔ نہَ آسی خلکھ بیٚتہِ نَس پننہِ پننہِ بَسہِ پڑاران، نہٕ آس تارکولچ یہِ سڑک تہٕ نہ یہِ بجلی کوٗٹ۔"

مےٚ اوس خیال زِ امہِ پتہٕ کرِ سو ژھوپہٕ، پوٚز تہِ سپُد نہٕ۔ میانہِ امہِ گتھِ ستی آیہِ سو

زیادٕ دے وۄلسنٕس۔ ظاہرا باسیوٚس زِ تسنٕز اتھ گژھِ سٕتی چھٔنے مے پزی دِلچسپی۔

"مبلگل، بلگل تی۔ ژے، کتھِ پاٹھی چھیے خبر؟" تمہِ کوٚر سوال

"تی چھُم بوٚ زمت" مے گر بیٹھ ژٕوٕنی۔ "اُڈی دِپان زون کھنگ

اوُسس ہوٚس تہٕ اڈبن ہُند خیال نالہِ متہٕ رٹنگ اوُسس امار۔"

"پوٚز کیاہ چھُ؟" تمہِ کوٚر تیتھٕ پاٹھی سوال زِ مے باسیوٚ زن سو پزی

زانٕن اُس یژھان زِ پزٕر کیا چھُ، شرز اوسا زوٗن کھبنٕہ کہِ ہوٚسہٕ تس تام واتنٕج

کوٚشش کران کِنہٕ سو نالہِ متہٕ رٹنکہٕ امارٕ؟

"خبر دٕ ے زانان، ہوٚس اوسہٕ سا کِنہٕ امار" میٚون یہِ جواب بوٚزِتھ گیہِ

سو دِل ملوٗل ہِش تہٕ بڑنِس کھنڈس گرِن ژھوپہٕ۔ بہٕ تہِ گوس خوشے زِ بسہٕ

پزارُنک عذاب کرِ ووٚنی پانٕے برداشت تہٕ مے پُشرِ نہٕ کینہٕ۔ مگر تمہِ وون خابہٕ

مٕنزی زَن گتھ کران ہیٚوٚ۔

"پھل ژٕنڈ رہش زوٗن درایہِ نہ وژایہِ زِ سٕہ اوس اکھ نظر، صرِف

اکھ نظر ہیٚوٚ رزوٗنہِ گُن ٹلان، شاید یہِ وُچھنہٕ خاطرٕ زِ واتُن گتھ جایہِ چھُم، پتہٕ

اوس پوٚرِ جستہٕ سان گُنی وُپھ اتھی سیدِ سیٚوٚ دٹلان ۔۔" ونان ونان گر تمہِ تیتھٕ

پاٹھی ژھوپہٕ زَن وُپھِ ہُند سٕہ ژیوٚہ سوزوان اُس۔

"تہٕ تمہِ پتہٕ؟" مے کوٚر سوال تہٕ سوزَن گیہِ خابہٕ منٛزٕ بیدار۔

"پتہٕ کیاہ؟" تَس اُس آواز زَن کھوکھرِمژ۔ "پتہٕ اوس سُہ اڈی ٹھکِتھ تَمی رفتارٕ واپس بوٚن لاینہٕ یِوان یٚیمہِ رفتارٕ کھوٚتمت اوس تہٕ بونہٕ گنہٕ ۔۔۔بونہٕ گنہٕ ۔۔" ونان ونان رٲوی تَس لفظے تہٕ مے کوٚر تسٕند جملہٕ پوٗرٕ۔ "تہٕ بونہٕ گنہٕ اوس سُہ چھکرنہٕ یِوان، تانَن اُسس کیٚمی وَوتھان کیٚمی اُسی اَکھ اَکِس کھوان، اَخرس اوس اَکُے روزان، سُے اوس بیٚیہِ شرز ہٕنتھ بیٚیہِ زوٗنہِ کُن لاران۔۔۔ زانہِ دَے کھژنکہ ہوسا کِنہٕ نالہٕ رٹنکہِ امارٕ"

تَس گوٚ میانِی یہِ کتھ بوٗزِتھ خبر کیاشکھ تہٕ سبٹھا نخہٕ یتھ ووٚنُن شہَن شہَن منٛزٕ ے۔ "ژٕ ے ہرگاہ یٚیژ پےٚ چھے تیلہِ آسی یہِ تہٕ خبر زِ سُہ کتہِ چھُ ووٗنی، کیاہ چھُ کران، تَس کیاہ سپُد، سُہ اَمار کیاز ژِ ژٕ ووٗن؟"

"اَمار آ کِنہٕ ہوس" مے پرٛژھُس۔

"خبَر تہٕ چھَم نہٕ خبَر!" ونان ونان پھیرِ سو دوٚیمِس طرفس کُن۔ زَن سو کیاہتام کھٹِتھ اُس تھوٗن یژھان، ووٗنی ہیٚوتُن مے باسُن ہٕلکہِ گوم یقین ہیٚو زَن سو چھے نہٕ صرِف بسہِ پژارنک عذاب کم کرنہٕ خاطرٕ ے یوت گتھ زیٹھراوان۔ پوٚز خبَر کیاز اوٚسُس نہٕ بہٕ توتہٕ پنٕنِس اَتھ باسنس پتھ پژھ کرٕنی

یژھان۔ خبر کیاز آوٕ مےٚ پننِس اَتھ باسنَس پێٹھ أندرٕ زَن زنمہٕ زَنمن ہُنٛد کرٛ یچھر وۄ تلِتھ تہٕ مےٚ دِژ تنگ ییتھ کرھنہٕ زیچھِ تارکول سڑکہِ کُن نظر زِ بَس ما گیہِ کُنہِ بۄد۔ شاید اَمی کرٕچھر کہِ احساسہٕ وۄنُس مےٚ ''تَس سَپد یہِ زِ یہِ وولہٕرِش ؤژھ، خبر کیاز ؟ تہٕ چھُ نہٕ پۄرٕ پاٹھی کانٛسہِ پےٚ، شہرٕ گام ووتھ ہۄوے۔۔۔۔ دۄیمھ زِ أسی چھِ نہٕ تہٕ یہِ أسی چھِ ۔ تہٕ یہِ أسی چھِ تہٕ چھُکھ نِیۄ مُت۔ کُس تام چھُ پھۄر مُت۔ گولہِ چَلِیہِ تہٕ جلسہٕ سپدی تمی ونیۄ واریاہ زِ یہِ چھُس شرٛز، پۄز پژھ کُرس نہٕ کانٛسہِ بَلکہِ تُل لۄگو پھوتہٕ۔۔ ثابت کرِ ہے مگر۔۔۔ کُنٛہ پہچان أسس زۄنہِ تام وُپھ تُلنُک توانگر۔ مگر تمہِ پننِم دژ ایہِ نہٕ زۄنے، تمہِ اوس شاید گوڈے۔۔۔۔۔۔۔ یہِ اوسُس وُنہِ جُملہٕ مُکمل کرنے زِ سوٕ ژھی پێٹھے ''ژٕ وَن صرِف شرٛ زس کیاہ سپد؟''

''کیاز؟'' مےٚ پرُژھس۔

''تِکیاز زۄنہِ ہُنٛد قصہٕ چھُ واریاہ ژھوٗٹ تہٕ واریاہ موختصر تہٕ بَس ینٛس چھُ وُنہِ واریاہ کال۔''

''گوژٕ چھُکھ صرِف بَسہِ پرٛاران؟''

''تہٕ ژٕ؟'' تمہِ وۄن لب خندٕ کرِتھ۔

”وونی بہٕ تہٕ“

”کیاہ سَپُدشرٛ زَس؟“ سو آیہِ بیٚیہِ شرزٕ سٕنزِ ڈلیلہِ پیٹھ۔

”کیاہ سَپُدُس، دِل ہنگہٕ منگہٕ پھُٹنہٕ گوس رَتھ باثدٕ، وُپھنگ تو انگر گوس ختم تہٕ پزِی رأوِس پہچان، وأتی متھو وُنُس زِ اَتھ چھےٚ دٕرِ کہٕ اِعلاج“ پوٚ زدرٛ کہٕ گرِی أسی گر تام بُستی ترٛ أوِتھ ژٕلی ٕمتر۔ تِکیازِ وونی اوس نہٕ کأنٛسے رَتھ باثدٕ گژھان، تیٚوٚت خون اوسے نہٕ کأنٛسہِ۔ سُہ اوس شایَد وولہرِش ووتھنہٕ وِزِ وَتن چھکنہٕ آمُت، خاگس منٛز جذب گومُت، تہٕ باقٕے یہِ کینٛژھا روُ دمُت اوس تُمی اوس رَنگٕے بَدلومُت، اَنہارٕ ے تبدیل کوٚرمُت۔ تھٕکِتھ ژٕٹنوو تُمی سُہ اَنٛگٕے یتھ رَتھ باثدٕ اوس گومُت، سُہ اوسا وُڈٕ وکرٕنگ ولولہٕ کِنہٕ زٕوٕنہِ ہُنٛد اَماریُس تَس ژٕٹناوُن پیو، یہِ چھُنہٕ تَس بغیر کأنٛسہِ پَے“ بہٕ اوسُس بڑٕ وٕنہہ گُن کیہنٛہ وننہٕ خأطرٕ شہے سومبران زِسوٕ ژھ بےٚ قرارہیٚوٚ گژھِتھ پیٹھے، ”اِل پتہٕ“

”پتہٕ کیاہ؟ پتہٕ رأوتَس پزِی پہچان“

”تہٕ وونی ؟“ تَمہِ پرٛ ووٚژھ بیٚیہِ

”وونی“ مےٚ وُنُس اَسان اَسان ”وونی آسہِ سُہ تہِ چأنی میأنی پأٹھی گُنہِ جایہِ، گُنہِ گُلِس نِحہٕ یتھَے پأٹھی بَسہِ پرٛاران!“

"کَتہٕ نَس گَتھ کُلِس تَل، ژےٚ ہرگاہ یُتھ پتہٕ چھےٚ تیٚلہِ آسی یہِ تہٕ خَمر زِنٕہ اوسازٕو ن کھٕنکہِ ہوسہِ کھسان رِکنہٕ سونالہٕ مَتہٕ رٹنکہِ اَمارِ؟"

تَسنٕز بےٚ قرأری أسر، ووٚنی حدَس پٮ۪ٹھ وأژی ہٕژ تہٕ اَمہِ برٕونٕہہ زِبہٕ دِمہٕ ہا تَسنٕد بن سَوالَن کانٕہہ جواب اچانک آیہِ پوٚتُس پَتھ زبَسہٕ۔ سو کھٕژ پنہِ تہٕ بہٕ پنہِ بَسہِ، پوٚز بَسہِ کھسان ووٚنُس مےٚ "یہَے کُل چھُے نِشانہٕ آینٕدہٕ ییٚلہِ یِتی سَمکھو وَنےٚ پتہٕ کیٛاہ سپُد ۔۔۔ پوٚز شاید چھُ تنہٕ بیٚیہِ کیٛا ہتام سپُد مُت، شاید وولہرِ ش آمٕژ۔ سُہ کُل چھُنہٕ سڑکہِ دٕو ر دٕو ر تام کُنہِ نظرِ گژھان، یُس اَسہ دوٚبارٕ سَمکھُنگ نیب اوس۔

----------

# کیٛنٛہہ اَنہٕ کھنجہِ

دُنیاہچ ووسہٕ دژ وسہٕ چھےٚ لامحدوٗد،

ووسہٕ دژ وسہٕ ہٕنٛدِس اَتھ بےٚ اَنٛتھ سمندرَس منٛز چھےٚ زندگی ہٕنٛزِ واریاہ سَنہٕ وُشہِ کہاَنی جٹ جہازٕ چہِ دٕہی رٕ کھِ ہٕنٛدی پاَٹھی گوڈٕ اَنٛدٕری گتھ تام نیلس اَسمانَس زَن چاک کران تہٕ پتہٕ بےٚ آواز وارٕ وارٕ اَمی اَسمانک اَکھ حِصہٕ بنان۔ یوٚ تام اَخرَس اَسمانَس پنٕن رَنگ ڈلان چھُ، احساس چھُ عذاب، دیوانگی ہُنٛد دوٚیم ناو۔ مےٚ چھُ اَزیہِ مکانہٕ ترٛاوُن، پنٕن ماچھم، کرایہِ ہُنٛد مکانہٕ۔ مےٚ مگر باسَن زَن بہٕ جلاوطَن چھُس گژھان۔ یُس مکانہٕ بہٕ وُچھنہِ چھُس گژھان سُہ تہِ چھُ کرایہِ پیٹھے رٹُن۔

''جے ہِند !'' درواز َس اَژِ وُنے چھُ کُمی تام شُری اونٹرِ کھونٹرِ پأٹھی

لیٔوکھمُت ''بھوش کُمار کول چوتھی جماعت۔ رول نمبر ۱۲۔ سیکشن بی''

بھوشن کُمار، رنگہٕ پڑٕون، تہٕ مُگنڈٕ ن پیٹھ وٕ شلُن اُر کُرِتھ بہتھ، اُچھ

زوتہٕ وٕنہٕ چمکدار، وُٹھن لاجورد پنسلچ مِیل لارِتھ، بوٗڈ کِتابہٕ بیگ نالی، کِٹ کمرِ

نشہِ بون وٕسِتھ رونکھچہٕ اُڈی جہِ پیٹھ الوٗنڈ، تلہٕ کوٗٹھو بون وٕتھمُت، مندر کہِ

حمامہٕ کِس پائڑی ہِندی پأٹھی قمیضہِ پتہٕ بُتھہِ ڈھیر گومُت تہٕ لبہٕ چاکو کِنی لرِ کانہِ

گنزرانہٕ یوان۔

وُنہِ چھُ اُمِس بھوشنَس باہَن '۱۲' ژٕ دہَن '۱۴' وٕری یَن پرنے یوت

۔ اِمتحان دِنی، پاس گژھن پتہٕ نوکری ژھانڈٕنی۔ کِرایہٕ مکانہٕ بَدلاوٕنی تہٕ

بَدلاوٕنی۔۔۔۔۔تہٕ بَدلاوٕنی!

نِیلس اَسمانَس گژھن خبرٕ کِتی جٹ جہازٕ دِہر لکیرٕ وٕتی زِچھہٕ، زٕ

چھہٕ، ییٚہٕ زِچھہٕ کُرِتھ۔ دٕہہ گژھِ تحلیل سپدان یوٗٹ تام نِیلِس اَسمانَس پٔنُن

رَنگ ڈٕلہِ۔۔ وارِیاہ کِتابہٕ چھپَن، وارِیاہ اخبار نیرَن شُنی یہس لگہِ ژھانڈ۔۔۔

تہٕ وارِیاہ سیر گژھن فاش۔۔۔

حبس چھُ عذاب!

"---چوتھی جماعت رول نمبر ۱۲---" اَمہِ پتہٕ چھےٚ چاکہٕ رِکھ سیٹھ دہیرِ لبہِ لبہٕ دٔویمہِ پوٗرِ کس لوکٹہِ گُٹھِ کس درواز َس تام گژھان۔ أتھی خطس منٛز چھُ بیٚیہِ لیکھت "یہ کمرا میرا ہے"

بھوشنہٕ چھُنہٕ وُنہِ تھوٚ کمُت۔ وُنہِ چھےٚ نہٕ تَس اَسمانکس رنٛگس پیٹھ نظر پیمٕژ۔ وُنہِ لیکھِ یہِ بیٚیہِ واریاہَن جایَن یِتھے پأٹھی۔ پأنس تسلا دُیِن تہِ چھےٚ اَکھ بڈٕ گتھ۔ خام کأری تہِ ہکوس ؤنِتھ---!

پوٗرِ زورٕ سان دَکہٕ دِنہٕ ستی آو کُوٹھرِ ہُنٛد درواز ٕکرررِتھ مُژراونہٕ تہٕ ستی ژٕلیہِ زٕ (۲) ترےٚ (۳) گگر ووٹھ کھبتھ کوٗنہ چہِ أکس واجہ منٛز۔ واجہِ نبرٕ گنہِ چھےٚ واریاہ ڈٔونی کنجہِ چھکرانہٕ آمٕژ۔ أتھی کوٗنس سیدِ سیٹھ دچھ بوٗ ڈ زٕلری زال۔ زالَس منٛز اَکھ موٗمٕژ مچھ۔

پیٚٹھی مس تاکچس پیٹھ چھُ اَکھ ژھیٹھ نمُت بُلاٹنگ پیپر دٔویمہِ جمأژِ ہنٛز پرٛأنی اُردو کتاب، یتھ کوٗن بیرٛی ہکی پأٹھی وٹنہٕ آمٕتی چھِ۔

"پہلا سبق۔ اندھے کی کہانی" یوٗرِ چھُ بھوشنَن لیٛو کھمُت "میرا ماسٹر اندھا ہے!"

میوٗن اَنٛدازہٕ چھُ شاید غلط۔ بھوشنَس چھےٚ اَسمانکہِ اصلی رنٛگچ شاید پتاہ

،اَسمانَس زِھسہٕ کرن واجینٕز دٕچ لکیر چھےٚ نہٕ ظأہرا تسِنٛدِ خأطرٕ کانٛہہ نُو کتھا رُوز

مٕژ۔

ہُنہ مُچھ یِیمہِ ساتہٕ اَتھ زٕلرِ زالَس اُنجھ آسہِ خبر کأژا چکہٕ آسن تمہِ

دٕژ مٕژ

"ہے بھگوان مُجھے پاس کر دے نہیں تو مُجھے مار ڈال" بھوشنن چھُ کتابہِ

ہِنٛدِس اَخری ورقس پیٹھ سُے فلسفہ پھیٚوٚ رمُت یُس تٔمی بُزرگن نشہِ بوٗزمُت

اوس۔ بھوشنہٕ چھُ تٔتی نَس یتہِ نَس تسٕنز پٔتم۔ تمہِ بڑوٗنہم تہٕ تمہ بڑوٗنہم پیر

اَس۔۔۔ جٹ جہازٕچ رفتار چھےٚ آوازِ کھوتہٕ تیز ہبکان سَپدتھ۔ مگر دٕچ

لکیر چھےٚ اَسمانَس زِھسہٕ کران، گُنہِ تہٕ رفتار پیٹھ۔

حسرا اَتھ رفارِہ؟

اِنسانَن نٔے بھگوان تہِ بنومُت آسہِ ہے سُہ کیاہ سنا کرِ ہے؟

خأہشن ہُنٛد دأیرٕ چھُ سبٹھا وسیع تہٕ بے بُسی ہُنٛد دامن چھُ امہِ

کھوتہٕ بوڈ۔ پرٛتھ تمنا چھےٚ اِنسانہٕ سٕنٛزِ بے بُسی ہُنٛد اِظہار۔

بیاکھ کُتھ چھُ امہِ کھوتہِ ہنا بوٚڈ پہن۔ اَژٕ وٕنی چھُ سٕنٛدِ سیٚوٚ دلبہِ

پیٹھ ۱۹۵۹ ٹھک کلینڈر، اکہِ کوٗنہٕ بڑنجہِ ستی الوٚنٛد رُوٗزِتھ تھوٚکمُت ہیٚوٚ۔

کلینڈرس چھےٚ أکِس مشہوٗر فِلمی جورِ ہنٛز تصویر۔ اَکھ أکِس گُن مایہِ برٛژونظرٕ و وُچھان۔ احساسَن مجبوٗر گٔژھِتھ چھُ گٔمی تام اَکھ شیشہِ محل تعمیر کوٗرمُت۔ پتہٕ دُنیا کہِ ہمہٕ پانَے اَتھ شیش محلَس پھیٛنٹ کڈٕمٕژ۔

شیشہِ پھُٹنہٕ چھُ نہٕ تیٚوٗت تکلیف سَپدان یوٗتاہ شیشہٕ چوٗرٕستی زخمی سَپدنہٕ موکھٕ گرٛژھان چھُ۔

دِل چھُ اَکھ احرام۔ خبَر کأتہِ کالہٕ پیٹھٕ ارمانَن ہنٛزٕ لاشہِ تہٕ احساسَن ہنٛز دولت ژوٗرِ تھأوِتھ۔

پُتھرِس چھِ واریاہ لَرٛھ تہٕ گرٕد۔ کُٹھِ کِس أکِس کوٗنَس منٛز چھُ ژھیٛونمُت تاکہٕ فرٕد، دأیمی مریضہٕ ہنٛدی پأٹھی أخری شاہ گنٛزراوان۔ تاکہٕ فردِکِس کوٗنَس تَل چھُ دأنتھِ کنگوٗیک اَکھ کوٗن بوزنہٕ یِوان۔ دأیمی مریضہِ ہنٛد بولرٕو تلہٕ دڑاو اکہِ وقتُک موٗلُل راز۔ اکہِ ژٕہچ کاینات، اَکھ عالما۔

تاکہٕ فردِ چوٗدٕ رزوٕ کنہٕ اَس نیلس لِفافَس پیٹھ گرٛداوٕ نگَجن ہنٛدی نِشانہٕ ہِش پیمٕژ۔ زَن گَتھ تام پولرِس بُتھِس بےٚ شوٗنکھ پأٹھی دُودرٕ چِھاتھ لُگِتھ لاہہٕ آسہٕ کھرٕژمژ۔

گٔمی تام چھُ گَس تام محبت نامہِ لیٚوٗکھمُت!

دۆیمہِ طرفہِ چھےٚ لبہِ پیٹھ پلے بورڈ چۆ (Plyboard) اَکھ ترٛ لگاوِتھ ۔ اَتھ پیٹھ چھےٚ اَکھ نیم ژھینٛنۍ مژ فلمی کِتاب، خٲلی کرٛزیمہِ بوتل، کینٛہہ بنگرِ کھنجہِ ۔ اَتھی بونہٕ گنہِ ژٔنس پیٹھ چھُ بوٚڈ سیاہ تیلہٕ داغ ۔ اَتہِ نس کُس سنا آسہِ ہے بیہان ۔ واریاہ زیوٚٹھ وقت چھُ تٔمۍ اَتھ ژٔنس ہیتۍ ڈوٚکھ دِتھ گُزورمُت ۔ وٲرۍ واد، اَکھ وانُسا ۔ لڑٕ چہِ جایہِ چھےٚ اَتھ بٕڈس کرٛہِنس تیلہٕ داغس لٔٹ ہش دژامژ ۔ یِہے کرٛ وہُن گلہِ افتاب ہیٚوٚ، ژٔنس پیٹھ وٕٹسی گومُت ۔ ظٲہرا چھُ سبٹھا بڑ وٚنٹھ آفتابَن یپٲرۍ کھسنے ترٛوومُت!

یہِ چھےٚ کٲنی ۔ اکہِ لبہِ ہنٛدبن بأرۍ تُھن منٛز چھُ سبٹھا پژ ون تہٕ لوکٹ اَنہٕ پوٚٹ قید، یتھ مُچھ چھےٚ پیٛمژ ۔ واریاہَو بتھو چھِ اَتھ ضرب دِتۍ متۍ ۔ خبر یہِ وُچھتھ کیاہ زِ چھُ مے گنٛد پانیک سہٕ دوٚب یاد پیوان ۔ یتھ أسی لوکچار واتل دوٚب وَنان أسۍ ۔ أنٛس سیدِ سیوٚد چھُ پیٹھ گنہِ سینٛڈ رٕستی اوم بناوِتھ ۔ موٚچہِ سینٛڈ رٕ ہنٛدبن وٚٹھمن ریزن پیٹھ چھےٚ ہاے جمیمژ ۔ زن ابأسی بدنس بےٚ شُمار شُتلی دژامتۍ ۔

یہِ اَنہٕ پزٕ عذابہِ نشہِ موکلاوُن!

بےٚ شوٗنکی پأٹھی وُزھ مے ہکہٕ زٕتہ کُنی مشتہٕ گیہِ أنٛس واریاہ ٹکرٕ ۔ اَنہٕ

تلہٕ دژایہٕ صاف لَب ۔ بالکل صاف ۔۔۔سوٗتۍ تاپہٕ اَسمان ہیوٗ وُنی کرِ ختم گُس جٹ جہازٕ شوٗں گرِتھ اَسمانَس دٕہہٕ رِکھہٕ ستی زٕ حصہٕ، پتہٕ بیٚیہٕ زٕ حصہٕ تہٕ پتہٕ بیٚیہٕ ۔یوٚت تام اَسمانَس رَنگےٚ بَدلہٕ۔

''ٹھیک چھُ'' ہیرٕ بون لِوٗزبس بالکل صاف!

یُس مکانہٕ مےٚ ترٛووتِہ تہٕ چھُ گُس تام میٲنٛن نِشانَن اِتھے پاٗٹھی ہُر پھِران!'

احساس چھُ دیوانگی ہُند دوٚیم ناو!

---

# نگھٕ تلک ووپَر

اَلغأیہٕ لوٗگ   تَس میانہِ دَکہٕ، کِنہٕ تَسٕندی لوٗگ مےٚ بہٕ ہبکہٕ نہٕ سبکہٕ پأٹھی وٕنتھ تِکیازِ لوٗگن ہٕنز بیرٕ بیرَ ے أس تیٚژ زِیہِ وُنن اوس مُشکِل زِدَکہٕ چھا

اورٕ یِوان کِنہٕ یورٕ

خلقتھ گیہِ ہُران۔

سأری أسی پراران زِدُوٗنی نتہٕ وُنی ییہِ۔

تَسٕندِ اَمارٕ اوس لوٗگن گرَن گُلُف دُیٚن تام مُشِتھ گومُت ۔پرٛتھ کأنٛسہِ زَن اوس بٕہتھ زِ اَز گژھِنہٕ کانٛہہ پھٔرِتھ۔مےٚ أس کالےَ یِتھ جاے رٕٹمٕژ تِکیازِ

بہٕ اوٗسس زاۓنتھ زِبرٕ ونٛتھٕ گنہِ جاے میلنٕۍ گژھا، پگاہ آسہِ نہٕ ییتہِ پۄ دترٕ اوٗنس تہٕ وَتھ پۄ زتہٕ گرِتھ تہِ اوٗسس بہٕ دَکہٕ دَکہِ ستی پنٕنہِ جایہِ نشہِ واریاہ پتھ وۄتمُت۔

تہٕ ووٗنی ییلہِ واریاہ کالہٕ کہِ کھولۄ پتہٕ لُکھ قرارٕ سان یہٕ ڈٲپی زِتہِ تہٕ اَسی بیٹھی ہتی تَس لۄگ میانہِ الغاٗبہٕ دَکہٕ تہٕ مےٚ تَسنٛدِ۔ تَسنٛدِ ستی بیٚیس پتہٕ بیٚیس تہٕ پتہٕ بیٚیس تہٕ یتھٕ پاٗٹھی گیہِ ساری سے ہۄجوٗمَس تمہِ آیہِ گڑاے زَن بَر جستہٕ داں ڈۄرِس اکہِ اَنٛدٕ ہوارِنگہِ دَکہٕ دُیت۔

"یہِ گیہِ چین ری ایکشن(Chain Reaction)" تُمۍ وۄن تہٕ مےٚ کۄرُس کلہٕ ستی نکار زِ یہِ گیہِ نہٕ۔

"پَتھ اَدٕ؟" تمۍ پرٛژھ۔

"یہِ گیہِ بےٚ قرأری۔" مےٚ دِیُتُس جواب۔

"اِں" تمۍ وۄن پانہٕ سے ستی تہٕ بیٚوٗٹھ تتھٕ پاٗٹھی پژارنہِ زَن تَس بہتھ اوس زِ بہٕ وَنہٕ مزید کینٛہہ۔ پۄ زِ مےٚ اوس نہٕ ووپرَس وَنُن لایکھَ کہنٛز۔ اَکثر چھُ یی سَپدان ییلہِ ہۄجوٗم بڈان چھُ نگہِ تلُک چھُ ووپَر آسان۔ شور آسان مُجمَس منٛز واریاہ مگر کانٛہہ نہٕ کاٗنسہِ ستی کتھ کران۔ کتھِ رٕنگی باسان بہٕ چھس گن تہٕ مےٚ اَنٛدی اَنٛدی چھُ گہُل جنگل۔

''خبر کیاہ آسکھ فأصلہٕ کۆرمُت؟'' یۆت تشویش تَسنٛدٕ بن لفظن منٛز اوس تیۆت اوس نہٕ تَسنٛدِس لہجَس منٛز۔ تٔمۍ وۆن ئلۍ شاید لنٛڈ زیٛٹھر اونہٕ خأطرٕ۔ گتھَن آسہٕ مےٚ تہِ پھُٹجہِ گأمژٕ مگر وۄپرَس کیاہ آوی زِ۔ عَمَل پھُٹر اونہٕ خأطرٕ دِیت مےٚ تہِ تَسنٛزِ گتھِ ئلۍ جواب۔

''رُتےٚ آسہِ، رتہن موٚہنوٗبن ہُنٛد فأصلہٕ تہِ آسہِ رُتےٚ۔''

تٔمۍ وُچھ اورٕ یتھٕ پأٹھۍ زَن تَس میانہِ گتھِ پیٹھ شَک اوس۔ حالانکہِ مےٚ تہِ أس، صرِف بوس ژھأنٛژھناونہٕ خأطرَ ے گتھ گرٕمٕژ۔

اَمہِ پتہٕ گیہِ پیٛتِس کھنٛڈَس ژھوپہٕ۔ صِرِف روٗد ہچوٗ مُک شور، پوٚز کانٛہہ اوس نہٕ کأنٛسہِ ستۍ گتھ کران، تِکیاز پرٛتھ کأنٛسہِ اوس نگھٕ تلُک ووٚپَر، اَمہِ پتہٕ گو یکدَم شورتہِ بَند۔ بِلکُل بند، زَن سارِنٕے مأنٛتھر آسکھ دِژٕمٕژ۔ خبَرٕ کتِس کألَس روٗزیہَے حالتھ تہٕ پتہٕ کھتۍ گوڈٕ مَشقۍ تہٕ تمۆکۆر پنٛڈالہٕ تامچہِ وَتہِ چھرکاو ۔۔۔ ژھوپہٕ أس بدستوٗر قائیم، صِرِف اوس 'چھر کھ، چھر کھ' آب چھکُنٕک صدا کَن گژھان۔ تِم یتھہٕ پأٹھۍ بےٚ صدا آیہِ یتھَے پأٹھۍ دژایہِ واپَس۔ تِہنٛدِ پتہٕ کھتۍ فراش تہٕ تمَو وَہروو پنٛڈال تام وَتہِ زیٛٹھِ زیوٗٹھ ووزُل قالینہٕ۔ یتنَس یتنَس شہُل اوس تتہِ نَس اوس قالینہٕ خوٗن ہیوٗ باسان تہٕ یتھ جایہِ تاپھ اوس

پوان ییتہٕ نَس اوس باسان زَن نارٕ چِپاُٹ چھےٚ ووتھان ۔ فراش دژایہِ واپَس تہٕ بۄژنۍ کھۄنڈۍ کھرٕ پُشنہِ ، تِمو کوٚر رسأری ہے پِنڈالس کیہو سٕرکہِ پوشہِ ورشُن تہٕ دژایہِ اَدبہٕ سان گلہٕ نوٚمرأ وِتھ واپَس ۔

''ووٚنۍ کھسہِ نأگراے!'' تِمۍ ووٚن وُٹھوٚٹلی مےٚ کُن ۔

تی نتہٕ تی سپُد ، گوڈٕ کھٔتۍ اُمرا ، مصأیب تہٕ وزیر تہٕ تِمو پتہٕ سُہ پانہٕ ---- سہٕ اوسانأ گراے ۔ کنہٕ نہ تہٕ ہیوٚک نہٕ کأنسہِ وٕنِتھ پوٚز زیوٗنے کوٚر تِمۍ دودٕ کرٕ ایہِ وٕستھ ذات پرٕزناوُنُک طریقہٕ منسوخ تہٕ اعلان آو کرنہٕ زِ اَز کہِ پٮ۪ٹھ لِکھچُن چھےٚ سأنۍ شِناخت یہِ زِیَس تہٕ کأنسہِ کُنہِ اَنگس ، کُنہِ بَندس پٮ۪ٹھ لِکھچُن آسہِ سُہ چھُ نہٕ اَسہِ منٛز ، سُہ چھُنہٕ اَسی ۔ یہَے چھےٚ سأنۍ شِناخت ، سأنۍ پہچان ، سون تشخص ، لِکھچُن چھُ داغ تہٕ داغ ہیکہِ نہٕ -----

تِمۍ ووٚن اَمہِ پتہٕ تہٕ واریاہ کینٛہہ پوٚز تہٕ بوٗزنہٕ کأنسہِ تِکیا زِ ذات پرٕزناوُنُک نوٚو اعلانہٕ بوٗزنَس ستی ووٚتھ ہوٚ جوٚمَس منٛز بےٚ پناہ شور ۔ سارِنے اُچھگ ، اَڈۍ اَسی بتھِ ژلان تہٕ اَڈۍ پتہٕ لاران ۔ مےٚ تھوٚو ترٛہرِتھ بُتھِ پٮ۪ٹھ کَس لِکھچِنَس پٮ۪ٹھ اَتھ زِنگھ تلُک ووپرٕ ووٚتھ دِلاسہٕ دِنہٕ کہِ اَنداز ۔

''گابرٕ مہ سأ بابا ، وولہٕ مےٚ ستی ، پرٕتھ کُنہِ چھُ علاج'' -- ونان

وَنانِے دِژتُمِ مےٚ نَرِتھِھ تہٕ بَچاُوِتھ کوٚ ڈنَس ہوٚجۄمہٕ نبَر۔

ووٚنی اوس نہٕ لکھچُن لال 'پرٛزلُن' نہ ' ہرٕنٛز' ژھال، تہٕ نہ 'زُلفچ اُرٕ'۔۔۔۔ ووٚنی اوس یہِ شاپھ، اَکھ گوناہ، اَکھ روٗگ، یَتھ چھوٗہ اوس تہٕ یہوٚے چھوٗہ مِٹاونہٕ خاطرٕ واتنوٗس بہٕ نگھ تلکی ووٚپرَن گمَن گمَن باکمال اِنسانَن نش۔ اَڈبو کوٚرمےٚ خوٗنَس ٹیسٹ، اَڈبو پرٕکھاُووَسہِ ہٕنٛز ساخ تہٕ اَڈبو ماز چ کہو اُڈجَن ہٕنٛز بِناوٹھ۔ مگر سارِنے ہٕنٛز اُس گُنی رائے زِ تژھ چھےٚ نہٕ کانٛہہ فرقایوٗسہٕ دُرست کُرِتھ لکھچُن غاب گژھِ۔ مےٚ ووٚنگھ عاجزی سان زِ کوٗرِتھ تہِ ہیکہِ نا کڈنہٕ یِتھ۔ دَپانَے سرجری چھےٚ کماَلس واُ ژہٕمٛژ۔۔۔۔ یہِ بوٗزِتھ گرنو ونگھ تلکی ووٚپرَن مےٚ نوِسَرٕ مُلاحظہٕ۔ بہٕ کھور ہوٚس مشینَن، ایکس رے آیہِ تُلنہٕ، خوٗنَس تہِ سَپُدنوٚ وٹیسٹ۔ سارِنے ہٕنٛدی رِپورٹ سَپدی جمع، رِپورٹن پیٹھ سَپُد مَشورٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ ووٚتھ ماہرَن ہُنٛد زیُٹھ مےٚ گُن۔

"بَباتہِ ہکہِ نہٕ بُنتھ، یہِ ہیکہِ نہٕ کوٗرِتھ کڈنہٕ یِتھ!"

"کِیازِ" مےٚ پرژھُس۔

"تِکیازِ اَمکی موٗل چھِ سبٹھا سٕنٛز، چائنس خوٗنَس منٛز، چانِہِن اَنتہ گرَنَن منٛز، چانِہِن سَنسکارَن منٛز، چانِہِن جینزَن منٛز۔۔۔۔ پیرہاپیر بن منٛز۔۔۔" سہٕ

بیٛوٹھ بڑ وٹھ کُن وننہِ ۔۔۔۔ ’’ہرگاہ یہِ کڈنچ کوٗشش کرو، ژےٚ ڈلی رنٛگے ، شکلے بدلی ۔ ژےٚ راوِی انہارِ ے ، ژٕ روز کھ مُشکلن ژھاے ، ننہٕ خالی برژم‘‘ تسنٕز کتھ بوٗزِتھ گوس بہٕ سَخ موٗیوٗس تہٕ میانہِ کھوتہٕ زیادٕ میٛون نگھ تلگ وپر ۔

’’گابر مہِ پیر فقیر چھِ وُنہِ باقی‘‘ تمۍ وٗون مے تسلادِوان ۔

’’دِپان اَکھ وتمت مستانہٕ چھُ آمت ، شمشان بلہٕ چھُ روزان ، بڈٕ توت چھُ ۔۔۔ دِپان ننہِ کرامأژ چھُ کران ۔‘‘

تہٕ ییلہِ بہٕ تمۍ مستانَس ہوٗوس ، تمۍ کُر اَکھ نظرا مےٚ تہٕ اَکھ نگھٕ تلہٕ کس وپرس ، پتہٕ تُجن اسمانس کُن اَچھ تہٕ بڑنِزس کھنڈس نبَس وٗنی دِتھ ہیٛوٗ پھیٛوٗرمے کُن ’’ییمہِ دوہہٕ اَمِس تہٕ حاجتھ پیٛیہِ یتھ نہ دَغا کرِہَس ، پانے أنی زبن یور، مےٚ نِش‘‘

اَمہِ پتہٕ ژھنُن جولہِ منٛز اَتھ تہٕ اورٕ کوڈُن مأنتھر دِتھ کرٕ ہُن کال ہیٛوٗ بیٛوٗچ ۔۔۔ ’’یہِ ہے چھُ چانہِ داد یُک دوٗا‘‘ تمۍ وٗون بیٛوٗچ اَتھس منٛزٕ تھ ۔

’’مگر ۔۔۔ مگر یہِ کُس اعلاج چھُ‘‘

’’یوٗہے چھے کُن اعلاج ، یتہٕ پاٹھی ییٛلہٕ دِنہٕ گُل ہَران چھُ ، تتھے پاٹھی لکھچن تہٕ پیٛچ ہُشدِ زہر ۔‘‘ ونان ونان ٹُل تمۍ بیٛوٗچ تہٕ ٹوپھ دِنکی کأنٹہٕ ژھوٗر ہری یہِ

نس میانہِ بُتھِ کس للھچنس پٹھ ۔ مائتھر پھٹر اون تہٕ ہیوٚچ آو حرکتس منٛز ۔ پچ سوور گوڈٕ کأنٛتوٚ ستیٚ میانہِ لکھچنگ وو گنیار پٹنس کھنڈس، امہِ پتہٕ رُکیا وہناتہٕ پتہٕ گرِ نیٚ لچہٕ ہندی ساری زہر برِتھ بستوٚ رکھڑا، بڑو نٛہم کانٹہٕ ژھکرِن میأنس لکھچنس تہٕ دِژن اُکھٹو پھ، پتہٕ بیا کھٹو پھ، پتہٕ بیا کھ، پتہٕ بیا کھ تہٕ پتہٕ خبر کأژاہ ٹو پہ ۔۔۔۔ بہٕ گوس بےٚ ہوش تہٕ ییلہِ مےٚ ہوش آو، بُتھیگ لکھچن اوس پژی پأٹھی ہرِتھ پیٚوُمُت تِتھےٚ پأٹھی یتھِ پأٹھی ینگہِ دِنہٕ ستیٚ گُل ہرِتھ پیوان چھُ ۔ مگر زہر اوس مےٚ رگن رگن پھٔیوٚ رمُت ۔ میأنس خوٚنس میأنس موٚلن تام ووتمت ۔ نمن نمن اوس صرِف زہر تیلان ۔۔۔۔ بہٕ اوسُس توتہِ خوش زِ یوسہٕ دگ چھم تہٕ سوٚ چھم اندری پوٚ زنیٚپری گرِم نہٕ ذاتس پٹھ پہچانہِ پٹھ، شناختس پٹھ کانٛہہ شک ۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔

بیٚیہٕ لوٚگ مجمہٕ، للِھ آیہِ طرفاتو پٹھٕ ژستھ، بہٕ آس کالے جاے رٹنہ،، تِتھےٚ پأٹھی پٹھی خلق تہہِ تہہِ ۔

”خبر کیاِ فاصلہٕ آسکھ کوٚ رمُت؟“ تِتھےٚ پأٹھی پرٛژھ نگھٕ تلکی وو پرن، تہٕ میٚتہِ دُیتس تِتھےٚ پأٹھی تِ جواب ۔

تِتھےٚ پأٹھی کھٔتی گوڈٕ مشقی، پتہٕ فراش تہٕ پتہٕ پُشنہِ، تہٕ تِتھےٚ پأٹھی ووٚن نگھ

تلکۍ وۄپرن وُٹھوتلی ----

''وُنی کھسہِ نأ گی راے!''

تی نتہٕ تی سپُد ، تتھے پأ ٹھی آیہِ گوڈٕ مصأحب ، اُمراتہٕ وٕزیر تہٕ امہِ پتہٕ سہٕ پانہٕ ----- سہٕ اوسانأ گی راے کِنہٕ نہٕ تہِ ہیوٚک نہٕ اَزتہِ کأنٛسہِ وٕنتھ ۔ پوٚز یُنے کوٚرتمی تتھے پأٹھی دوہٕ کڑایہِ وٕستھ ذات پٔرٕ زناوُنک طریقہٕ منسوخ ، فرٕق روٗزصرف یہِ زِ اعلانہٕ سپُد زِ اَزی کہِ پٔتہٕ چھےٚ سأنی پہچان یہِ زِ یَس تہِ کأنٛسہِ کُنہِ اَنٛگس ، کُنہِ بندس پٔٹھ لکھُٛن آسہِ نہٕ سہٕ چھُنہٕ اسہِ منٛز ، سہٕ چھُ نہٕ اَسی ، یہے چھِ سأنی شِناخت ، سأنی پہچان ، سون تشخُص ۔ لکھُٛن چھُ خوٚبصوٗرتی ہُند نِشان ، حُسنٕچ علامتھ تہٕ یُس نہٕ خوٚبصوٗرت آسہِ سہٕ ہیکہِ نہٕ -------

تمی وَون امہِ پتہٕ تہِ واریاہ کینٛہہ پوٚز تہِ بوٗزنہٕ کأنٛسہِ تِکیازِ ذات پٔرٕزناوُنک نوٚ و اعلانہٕ بوزنَس ؤستی اَنٛج لوٗگن چھگ ، أڈی ژٔلی بتھِ تہٕ أڈی لارے یہِ پتہٕ ۔

نگھِ تلکۍ وۄپرن ژھِن موۄسی سان کلہٕ بوٗن کُن تہٕ مےٚ وٕنُس ''گابر مسا بایا ، پرٛتھ کُنہِ چھُ اعلاج'' تہٕ نرِتھچھ کٔرتھ واتنوۄم شمشان بَل مستانَس نِش ۔ مستانن کوڈ تتھے پأٹھی جولہِ منٛزٕ بیوٚچ تہٕ ماٛنٛتھر پھُرٕتھ تَس بتھی لبہِ پٔٹھ

تھَوان تھَوان وۄتھ مےٚ کُن۔

''مےٚ أس راے دوکھٕ مادِہَس۔اَتھ تہٕ چھُ تی اعلاج!''

تتھے پأٹھی دِژِنَے تَسنٕز بُتھِ لبہٕ أکی ہِسہٕ جایہِ بےٚ شُمار ٹوپہٕ۔نکھٕ تلک

وۄپرگو تتھے پأٹھی بےٚ ہوش،ییلہِ تَس ہوش آو،ٹوپن ہنٕز جایہٕ اوس گول گرٕہُن

نِشانہٕ گومُت،بلکل لکھچِن ہیُو۔تَس تہِ اوس رگَن رَگَن،نَمن نَمن زَہر پھٔہلیامُت

مگرسہُ تہِ اوس میأنی پأٹھی توتہِ خوش زِیہِ دَگ چھَم أندری،نیٚبری کرِہم نہٕ ذاتَس،

پیچانہِ،شِناختَس پیٹھ کانٛہہ شک۔

اَمہِ پتہٕ دژاو سہُ پانَس تہٕ بہٕ پانَس۔وۄنی چھُ اَسہِ اَکُے ہشر زِسہ تہِ

أندرٕ زہرٕ ے زَہَر تہٕ بہٕ تہِ أندرٕ زہرٕ ے۔

------------

# شیٖم تنتر

نیٖبرٕ ووتھ کیاہتام شور، کیاہتام وولہٕرِش، واریاہن لوٗگن ہنٛدِ پکنٛچ گیہِ آواز، شاید سپُد پتھراو تہٕ چکرٕ دھرتہٕ سورن سدِھ تہٕ ژایہ بامبرے ہتی ہی انٛدرتہٕ درواژٕ کوٗرُکھ چیرٕ بنٛد، پتہٕ پیٛٹھی تھپہ تھوسہٕ رَکھ بدلاونہٕ۔ تمن اُس نہٕ بامبرٕ منٛز اسہِ پیٛٹھ نظر پیمٕژ۔ مےٚ پرٕژھ ژھکھ۔۔۔

''یہِ کیاہ چھہِ کران؟''

''رَکھ بدلاوِتھ ذات کھٹان'' سورن سدِھن ووٚن اتھٕ رٕٹِتھ۔

''تہٕ درواژٕ کیازِ کوٗرو بنٛد؟'' مےٚ کوٗرُکھ بیٛیہ سوال

''نیٖبرٕ مہِ وولہٕر شہِ نِشہِ محفوٗظ روزنہٕ خاطرٕ'' ووٚنی دُیت چکرٕ دھرن جواب

مے آو پانسے ستۍ اَسن۔

"اَسان کیاز ِچھُکھ؟" سورن سِدھن پرٛژھ

"تہنز ِسادگی پیٹھ" مے وۄنُس۔ "ذات کھٹنہٕ بڑوٚنہہ چھُ ضرۅری ذات پرٛزٕناوٕنی تہٕ نیبرِ مہِ وولہرِ شہِ نِشہِ محفوٗظ روزُنہٕ کھوتہٕ چھُ اہم أندرِ مہِ وولہرِ شہِ نِشہِ محفوٗظ روزُن، ذاتچ وولہرِ ش چھےٚ زیادٕ کِڈٕر آسان"

"تہِ کیاہ گو" تمو پرٛژھ اِکہٕ وَٹہٕ۔

"تہِ گوٚمس نہٕ یمہٕ زٕ کتھِ وبٕژارنہِ تگن تَس سَپدِ سوے وَنن یوسہٕ اَسہِ سپٕز"

"توٚہہِ کیاہ سپُد؟" چکرِ دھرَنِ پرٛژھ تہٕ مے گرٕ پنٕنۍ یہِ کتھ شروٗع۔

تمہِ وَہراوزِلری زٕ الکۍ پاٹھۍ مچھر داٗنی بسترٕ پیٹھ کرِ تہٕ مے باسیوٚ مچھر دانہِ أندر پٕنُن پان بلکل محفوٗظ تہٕ مُطمین!۔۔۔ تمہِ ژٕہٕتر شاید میاٗنی یہِ بشاشتھ توٚے أچھٕ وَننہِ

"یہٕ چھُس سوٚنچان مے بڑوٚنہہ کیاہ آسہکھ ژٕ کران۔"

"گوڈٕ ژٕم کھیاوان کیمٔین کرِلَن اَتھِ پتہٕ کرٕ وٕژھ ترٛاوان۔"

"سورفہٕ سنٛدی پاٹھۍ آ؟"

''اِں'' مےٚ دِتُس موٗخصر جواب۔

''ذات کیاہ چھےٚ؟'' تمہِ پرُٛژھ۔

''ناگر راے چھُس نہٕ'' مےٚ وٗنُس پرٛژھ بیٚہوٗن۔

تَس سپُد اطمنان تہٕ بجلی ژھبہٕ گرِتھ ژایہِ سوٗ تہٕ مچھر دانہِ تل تہٕ ترٛووٗن مے لرلوٗ رڈ اپھ۔ مےٚ گو گوڈٕ نکہِ پھرِ ایحساس زِ تَس چھُ مُشکھ یِوان یہوٗے گاڈٕ شیہلٕن ہیوٚ، مےٚ چھُ گاڈٕ شیہلٕن خوش کران، پوٚز تَس وٗنُم نہٕ۔ خبر کیازِ ۔ ظُہر ایمہِ ہمہٕ زِیہ پرٛژھم بیٚیہِ زِ ذات کیاہ چھےٚ۔

کھُلہٕ دارِ مَنزٕ ژاوزوٗنہٕ گاش وُلہٕ منٛز تہٕ ڈاپھ ترٛووٗن مچھر دانہِ پیٚٹھ، اَمکی نِکی نِکی گٕدی گٔیہ زوٗنہٕ گاشس منٛز زیادٕ واضع تہٕ مچھر دانہِ اَنٛدٕ رٕ گٔیہ اَسہِ بے شُمار خانہٕ۔ ووٚنی اَسی اَسی اکھ اَکس تام مچھر دانہِ منٛزٕ چھاَنتھ واتان۔

''یُتھ نہٕ شوٗنگکھ'' مےٚ وٗنُس۔

''کیازِ؟'' تمہِ پرُٛژھ۔

''یِیلہِ مےٚ لرِلوٗ رکاںٛہہ نیٚندٕ رترٛ اوان چھُ مےٚ چھُ سہٕ پانَس نِشہِ سبٹھا دوٗر باسان''

''کیٛنہہ ترٛاوِنہٕ نیٚندٕر'' ونان ونان تُج تمہِ ژٔرِ تہٕ ترٛاوِن مےٚ پھیکہِ پیٹھ

مے باسیو وُزَن پھیکینگ یہِ حِصہٕ موہٕ ملکی پأٹھی وبگلان چھُ۔ مچھر دانہِ نیٚبری آسہٕ وونی وار یاہ کیٚمی ذا آژ اَندر راژنہٕ خأطرٕ وہ تَل بُجہِ کران۔ کمرس منٛز اُس بلکُل ژھوپہٕ صرف اوس مُحسن تہٕ مچھن ہُند گاہ گاہ کنَن گژھان۔

''گرٕ دچھتھنہٕ وُچھمُت زانہہ؟'' تمہِ پرٕژھ ہنگہٕ منگہٕ۔

''اِں'' مے وونُس۔

''کیٚتھ چھُ آسان'' تمہِ پرٕژھ بیٚیہٕ۔

''آسان سہٕ تہِ اَکھ جاناوارا'' مے دِیُتُس جواب۔

''تھوتیٚلہِ چھِتھن نہٕ کیٚنہہ وُچھمُت'' تمہِ وون زَن خوش ہیٚو گژھتھ۔

''اچھا ژٕ مان تہٕ تی، تو تہِ کیاہ گو''

''کِنہہ گو نا؟'' تمہِ وون تتھٕ پأٹھی زِ مے باسیوٚ زَن پزی پأٹھی واریاہ کیٚنہہ گو، زَن گرٕ دَس مُتعلق زانُن زندگی خأطرٕ سٮٚٹھا اہَم چھُ۔

''تیٚلہِ وَن ژٕ ے کیٚتھ چھُ آسان'' مے پرٕژھس۔

''مے ییٚلہِ خبر آسہٕ ہے تیٚلہِ کیازِ پرٕژھہے ژے'' تمہِ تہِ وون پوٚز مے ہیٚوٚتھ نہٕ۔

''ژٕ چھکھ اَپزٕ ونان'' مے وونُس۔

یہ بوٗزِتھ گرٛتمہٕ تِتھٕ پاٹھۍ ژھوپہٕ زِ مےٚ باسیوٚ شاہ ژھیٚوٗنس ، مےٚ تھوٚو ہکہٕ تیٚنٛدِس وۄچھس پیٚٹھ اَتھٕ ۔

''چانہِ خاطرٕ چھسہٕ بہٕ أہم کِنہٕ میٚون پوٚز اُپز ؟'' تٔمہِ وۄن وارٕ وارٕ میٚأنِس اَتھَس پیٚٹھ اَتھٕ تھٲوِتھ ۔

''تہِ کیاہ گوٚو'' مےٚ پرٛژھس ۔

''یَس نہٕ یہِ فأصلہٕ تگہِ کرُن زِ تیٚنٛدِ خاطرٕ کیاہ چھُ أہم تَس گژھِ تی یہِ مالِنس رازٕ ہیٚنٛز رانہِ گوٚو !''

''سہٕ کُس اوس مالِنس رازٕ ، تیٚنٛزِ رانہِ کیاہ گوٚو؟'' مےٚ پرٛژھس تہٕ تٔمہِ وۄنۍ یہ کتھ ۔

پَتھ کالہٕ اوس راز اَکھ یٔمِس مالِنس رازٕ وَنان أسۍ ۔ یہِ اوس بڑٕ بہادُر، پوٚزنیٚش بوٚ داوس ۔ أمۍ کوٚر بڑٕ چکہٕ چاوِسان چترا ناوٕچہٕ أکِس وبدوان برٛہمن کورِ ستۍ خاندَر، پوٚز رازَس سیٚزٕ سو قٔدی آدم پأٹھۍ ترٕگنی وُچھتھ سبٹھا حأرأنی یوسہِ چترا یہ داجس ستۍ أنی مژٕ أس ، گوڈٕ سوٗنچُن زِ برٛہمن کوٗر چھےٚ آسبس کیٚنٛہہ ، مگر یٚیلہِ رانہِ یہِ قٔدی آدم پأٹھۍ ترٕ پیٚنٛس خاص کمرس منٛز پلنگس سیٚدِ سیٚوٚدسجأوِتھ تھأو، رازَس روٗ دنہٕ پأنس تام ، تٔمۍ پرٛژھس زِ اَتھ گنہٕ کیاہ مہما چھُ ۔ رانہِ وۄنُس

اَسان اَسان زِ ژے چھیہٕ یہٕ کُنی باسان ، یہٕ چھُس اَمہِ مۄژی بُتھ وُچھان ، پان

پأران ، یہٕ چھُ میون أنہٕ ۔ رازَس ہیُوٗ ٹھ نہٕ ۔ 'کُنی کتھ پأٹھی ہیکہٕ أنہٕ أستھ؟' ۔

رأنی اَس وبد وان تَمہِ وۄنُس منطق "سوال چھُنہٕ یہٕ چھا کُنی کِنہٕ أنہٕ ، کتھ چھےٚ یہٕ

زِ یہٕ چھُس اَمہِ مۄژی وُچھتھ ہیکان ، اِو موکھ چھُ میانہٕ خأطرٕ یہٕ أنۍ" ۔ رازَس

توٗرُ نہٕ تِسُند یہٕ منطق فِکری تہٕ کیاز ِسہ اوس بہوٗدُر ، صرِف بہوٗدُر تہٕ بَس ، باقۍ

نیٚش بوٗد ا، تُمی وۄنُس زِ 'یہٕ کیاز ِ چھُس نہٕ تیلہِ وُچھتھ ہیکان ' ۔۔۔ اَتہٕ نس

توٗگ نہٕ رانہِ فاصلہٕ کرُن زِ تِسندِ خأطرٕ کیاہ چھُ أہم ۔۔۔ تَس باسیوٗ رازٕ ِسندِ کھوتہٕ

پنُنہِ زانہٕ تُک' اہنکار زیادٕ أہَم ، زیادِ توٗٹھ ، تَمہِ وۄنُس "أنس زن تھوٗ وأنہٕ

بڑ وٗنٹھ کنہِ تَس پیا کینٛہہ بوزنہٕ ، کسر کتھ چھےٚ أنس کِنہٕ أنی سٕنزَن أچھن ؟"

رازٕ چھِ مأنی آسان ، یہٕ بوٗزن گو رازَس موتہٕ کھوتہٕ سَخ ، تَس پھُٹ

دِل ، تُمی ترٛ وو سورُے راج تہٕ ژول جنگلَن کُن ، پھیران پھیران ووت سُہ

منتھرکؠ ریٚشی سُند آشرَم ، منتھرکؠ ریٚشی ییلہِ رازٕ سُند حال بوٗز تَس آیہٕ دَیا تہٕ دیا

یتھ دُیوٗ تنَس گورٕ شبد ۔۔ دوٗپنَس "أہم نہٕ چھُ أنہٕ نہٕ کُنی تہٕ نہٕ أچھ ، أہم ہبا

چھُ پان وُچھن ، ذات پزٕ زناوُنی ، اَدِ سو کُنی آسہِ یا أنہٕ ، پۄزٕ سَم یم چھُ ونان أنہٕ

مۄژی وُچھنےٚ گو جان ، کُنہِ مۄژی وُچھنہٕ چھُ أہنکار گژھان ۔؟ گورٕ شبد بوٗزِتھ آو

مانس رازَس گیان تہٕ رأنی رۆزتا عُمر پأترو چھس دِتھ لبلہٕ کران۔

گتھ وٕنتھ گُر تمہِ ژھۆپہٕ تہٕ مےٚ تہِ پھوٚنہٕ جُرتھ تَس پرٛژھنگ زِ گژ دکیتھ چھُ آسان أخرَس۔

زۄنہٕ گاش اوس وُنہِ تہِ تِتھے پأٹھی مچھَر دانہِ پیٹھ ڈاپھ دِتھ تہٕ أسی أسی وُنہِ تہِ پرٛنہِ منزٕ چھأنتھ اکھ أکِس تام واتان۔ بہٕ گوس ووٚنی تَس سبٹھا نزدیک تہٕ آر کژ وِنڈُل گرِتھ رٕٹم پانس ستی۔ تمہِ ترٛووٕتھ میانہِ شانہِ پیٹھ کنگوبن درمیان تہٕ مےٚ باسوٚ زَن تَس اوٚنگہِ زیٹھے یہِ ۔۔ امہِ پتہٕ گوس بہٕ بے حِس، کِنہٕ نیندرٕ پیم، پوٚرٕ چھم نہٕ خبر۔ تَس تہِ زَن رۄزنہٕ سود۔ خبر کۄت کال آسہٕ اَسہِ تِتھے پأٹھی گومُت، شاید وأنسہٕ ہا۔۔۔ پوٚز ییلہِ أسی ہُشار گیہِ، مےٚ اوس سورفہٕ سُند کۆنڈُے یوت موٚژیامُت تہٕ تَس أسی سأری ہے نیلہٕ پٔژ داغ پیمتی۔

"بہٕ وَنہٕ یہِ گژ دکیتھ چھُ آسان" مےٚ ووٚنُس

"نہَ، أسی دژ ایہِ دوشوٚے اَپزیأری" تمہِ ووٚن

"کیاز زِ؟" مےٚ پرٛژھُس

"اَسہِ تھٔو ذات کھٔنِتھ" تمہِ ووٚن

"کھٹِتھ ناے تھٔونہٕ، دَپھ اَسہِ اوس پانَس تہِ شک!" مےٚ دُیُتُس جواب۔

"اَتُر گونیٚبرٕ نِشہِ محفوٗظ روزٕنکہِ شَرٕ۔۔۔ وَچھٕھ ہا گو۔۔۔" تمہِ وٚون زَن پانسے ستی، تَس اَسی اَشی ٹارٕی بَرِتھ۔ اَمہِ پتہٕ گُرمےٚ ژھوٚپہ۔

گَتھ بۄ زِتھ وۄتھ چکر دِھرتہٕ سورن سِد دَھتہٕ درواز ہکہٕ مژ رِتھ دژ ایہِ نبر۔۔۔ نیٚبرٕ اوس کیاہتام شور، کیاہتام وولُہرِ ش۔۔۔ تہٕ اَندرٕ اوسُس یہٕ یِتھ مچھر دانہِ، یَتھ زلری زالَس منز قاٗدتہٕ مےٚ لرِلوٚر تَسنز لاش، پننی کنی نیٚبرٕ نِشہِ محفوٗظ

---

# پرٛتیتھ

”پرٛتیتھ ہساٚۓ ژھےٚ بابا!“ تٕمۍ وۄن یِوان یوانٕۓ تَمہٕ اَندازٕ زَن ونان اوس زِ ”شاہ ہساٚۓ ژھیوٕنۍ بابا“ مگر بہِ گوس تو تہِ تسنٕزِ یہِ کتھ بوٗزِتھ اَندری کنۍ خوش زِ عذابہٕ نِش گوس آزاد۔ تٕمۍ ژِ ژُرشاید میون یہِ احساس۔

”ژےٚ گوےٚ نا کانٛہہ افسوٗس یہِ بوٗزِتھ؟“ تٕمۍ پرٛژھ حاٚراٚنی سان۔ یۄت یۄت تام آم زِ وَنس ”پرٛتیتھ اٚس تہٕ ؤژھ آسہِ ہےٚ نَے تہٕ وۄتھِ ہے کیٛا؟“ پۄز مےٚ زون ژھوپہٕ کرٕنی جان تہِ کیٛازِ بہٕ اوٚسس زانٛنتھ زِ یہِ لاگہِ بحث، ثابت کرٕنچ کرِ کوٗشِش زِ پرٛتیتھ وۄنۍ چھُ شاہ ژھینٛس برابر، حالانکہ حقیقت چھےٚ یہِ زِ میانہِ خاطرٕ چھےٚ وۄنۍ شاہ ژھینٛس تہِ مَساتیرٕ اہمیت ییٚژاہ پرٛتیتھ وۄتھنَس

چھے ،بلکہ تمہِ کھوتہ تہٕ گم! ---''گم گو آسنک مطلب گو نہٕ ژ چھکھ زیادٕ ذہین،'' تمی دِیُت مے بیٚیہ ترٛونکھ ،سوٚ چُھم زِ وُنس کتھ کُتول آسنک مطلب تہٕ گو نہٕ زِ ژ چھُکھ زیادٕ ترُک۔ مگر اَتھ سوچس تہٕ دیوٚتُم نہٕ زِیوٚ پیٹھ یِنہٕ تہٕ کیاِ زِ یہ اوسُس زأنتھ زِ سہٕ کرِ یہ ثابت کرنہٕ خأطرٕ تیژ کتھ زِ مےٚ روزِ نہٕ زیر گژھنہٕ بغأر بیٚیہٕ چارٕ ے کأنہہ۔

تَس چھُ دوٚن سوادُک سَخ خیال اوٚ ے وُنس مے اوٚری کُن گانگلہِ کرنہٕ خأطرٕ گمل لأیتھ۔ ''دپان ہاہا کھ چھُ ترٛہہ (۳۰) روپیہِ کلو گوٗمت؟'' مگر میانہِ گتھِ ستی گو نہٕ سہٕ گانگلہِ ،شاید اوس نہٕ سہٕ وُنی کنہِس تِتھس معمولی موضوعس پیٹھ رائے ذنی کرنس تیار۔ دَم ہیٚو دِتھ زول تمی حسبِ عادت سگریٹ تہٕ زِ ،ژور دام دِنہٕ پتہٕ لوٚگ اِنتہائی سنجید گی سان وَنہٕ ---------:

''ژ نا أسی زِ نہٕ یژھِ معمولی گتھ کران''

''کرِژھ معمولی'' مےٚ پرٛ ژھس اَسونہٕ۔

''ترِ ژھے زیادٕ اَسی زِ نہٕ گلِس ڈوٗل لاگان۔ ژ ے تہٕ ہاگس کیاہ کام''

---------مے توٚگ نہٕ تسندس اَتھ سوالس جوابٕ دِینہ ،شاید اوس نہٕ مے تسندیہِ سوال فکری تورمُت: مےٚ تہٕ ہاگس کیاہ کام

''ژٕ گوکھ نہٕ بالکل تہٕ قائِل''، تٔمۍ وۄن تمی سنجیدٕگی سان۔

''کمیک گوس نہٕ قائِل'' مے پرٛژھس۔

''امہِ کوٚرۍ ہا معمولی کتھن پٹھ پزٕ نہٕ چون وقت راوٕ راوُن۔ وُنہِ چھے نہٕ پرتیتھ پوٗرٕ پاٹھی وُژھمژ مگر یژھ ہو کتھ ہتی ووٗتھی!'' مے کتھ فِکرِ تارتھ بوٗٹھ نہٕ میانِس جوابَس پرارنہِ۔ مے گرژھو پہ، اوٕ کنہٕ زِ مے کیا اوس نہٕ وٕنس لایق کینٛہہ، بلکہِ اوٕ کنی زِ تَس کینٛہہ وُنن اوس فضوٗل، تہٕ کیا زِ سہ اوس تمو منٛزٕ یمن تھنہٕ پیٚنس ہتی شِشتٕر راڈ ہیوٚ 'دوٗن سوادٕ کۍ' اصوٗل موچھِ منٛز بنٛد چھِ آسان۔ یتھی اِنسان چھِ سورٕ ے کینٛہہ بدلاوان، مکانہٕ پلو پوشاک، کھنٛن چینٛن، کارٕ فرنیچر، زنانہٕ، سورٕ ے کینٛہہ مگر موچھِ منٛز بنٛد یم شِشتٕر راڈٕ نہٕ کینٛہہ!

''دوٚیمہِ ناکم گوآسنٛگ مطلب گو نہٕ ژٕ چھُکھ ذہین''، تٔمۍ دُیت بٔیہ ترٛ وٕنکھ۔

''ووٚنی زن کیاہ ہیوٚ گژھہٕ بہٕ کرُن'' مے ووٚنس تنگ یتھ۔

''پرتیتھ،---(Credibility) عام اِنسانہٕ ہنٛدِس سوچنَس تہٕ چانِس سوچنَس گژھِ فرق آسنۍ۔ ژٕ چھُکھ نہٕ معموٗلی اِنسان!''

تسُنٛد یہِ آخری جُملہ کوٚر مے بڈٕ خوش بہٕ چھُس نہٕ معموٗلی اِنسان' اَندرٕ گوم گتھ تام گُمبنٛدس اَندر آرتھی ہُنٛد سنہٕ وُن تھا لبٕ صدا گس تام رازٕ ہوٚنزٕ گو سفید

شہین ہشن پکھن واش کڈتھ بیدار تۂ دوۂ ہر کس سرس ڈُنگ دِتھ بیُوٹھ زَن موختۂ کھسنہِ! 'بہٕ چھُس نہٕ معمولی اِنسان' ۔۔۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ سوٗچ نہ مےٚ زٕہنٛ زِہاکھ گٕہ چھُ کلو ۔ مےٚ کرِ افلاطونہٕ ہنٛز ہشہِ کتھٕ؛ 'بَجہِ بَجہٕ تہٕ دزَن دار، مارگن منٛز گرم سٲری گٔلی ۔ خبر کیاہ کیاہ لیوٗ کھُم تہٕ کوتاہ وٗنم!

سہٕ اوس میانو اِتھو کارناموٗ ستی بڈٕ مُطمعین ۔۔۔ سبٹھا خوش زِ بہٕ چھُس نہٕ ووٚنی یڑھن معمولی کتھن پیٹھ پٮ۪ن غاٛر معمولی وقت ضایعہٕ کران زِ ہا کہٕ کلو چھا تڑ یہِ روپیہِ ، کنہٕ ترٛہہِ روپیہِ ۔ شاید اُتھی خوشی منٛز نیوٗنس تمی بہٕ اِکہِ دوہہٕ اُکس عالی شان بارس منٛز چیٚنہِ ! حالانکہ مےٚ تہِ اوس ووٚنی تقریباً یقین ہیوٗ زِ بہٕ چھُس نہٕ معمولی اِنسان مگر اتھ رنٛگ روغن، چمک دھمک تہٕ بٔہرن ہُند پلو پوشاک وُچھتھ باسیوٗ مےٚ پٮ۪ن پان کنٛڈ بن پیٹھ ہیوٗ، خاص گٔرتھ ییٚلہِ مےٚ لبہِ ہنٛدِ آدم قدٕ اٰنہٕ منٛزی پنہٕ نبن کبأڈی پلوٚن پیٹھ نظر پییہِ ۔ مےٚ اوس نہٕ اَمہِ برٛ وٗنہہ پیٹہٕ بڈٕ اٰنہٕ منٛزی پٮ۪ن پوٗر پان زٕہیر وُچھمُت ۔ مَتھ گوم تھوٚد ؤتھتھ پھرٕ اُنس دوٚیمس طرفس گُن بُتھ مگر تہٕ کرُن اوس نہٕ مُمکِن تکیازِ اٰنہٕ اوس دیوارس منٛز فریمہ سان پیوست زَن لبہِ ہُنٛد ے حِصہٕ اوس، مےٚ باسیوٗ کُرسی کھُلہٕ اُستھ تہٕ زَن پٮ۪ن پان چارنہٕ آمُت ، مےٚ کھاچھِ زنگہِ پیٹھ زَنگ تہٕ کھور بزِم ٹیبلس تل، اَمہِ ستی گوٚ

کھور بو گولُمت بوٗٹ تہٕ کرٛیزِ روٗس پتلون میزٕس ژھایہِ مگر بولہِ کوٗٹھ سپُد اُنس پیٹھ زَن زیادٕے نُمایاں ۔ مےٚ ڈاجہِ اُنہٕ پیٹھٕ نظرٕ تہٕ بےٚ مطلب ہیوٗٹھُس کوٗٹھکی بٹن گرابَنٛد کرنہِ تہٕ گرامُژٕ راونہِ۔

تٔمی ژِ تہٕ ترمیأنی حالت تہٕ وُٹھ گمناوِتھ وٚوتھ ''ژےٚ چھیٚیہِ خبر خلق چھِ چون دوٗپ حوالہِ گنہِ ورتاوان ، چأنس زِندٕ روزٕنکس معیارس ، چأنس پلو پوشاکس چھےٚ نہ ووٚنی لوٗکن ہندِ خاطرٕ کہنہٕ اہمیت ۔لُکھ چھِ صرِف چأنین کتھن ہُندسنبرتہٕ وزَن وُچھان ، چانہِ دپہٕک حُسن تہٕ نور پرکھان ۔ ژٕ چھکھ مولُل!''

تسِنٛدِ امہِ بیانہٕ سٟتی گیہِ مےٚ پنٕنی حالتھ پننی کباڈی پلو ،سورٕے کینٛہہ مُشتھ ،اُنٛدرٕ گوبیٚیہِ کتھ تام گمندٕس اندر آرتھی ہُندسنہٕ وُن تھالجہِ صدا ،گُس تام رازٕ ہوٗنٛز گوسفید شین ہش پکھن واش کڈِتھ بیٚیہِ بیدار تہٕ دوٕہرِ کس سرٕس ڈُنگ دِتھ ہیوٗٹھ زَن موٗحتہٕ کھنہٕ ۔

خبر بہٕ کأتس کالَس بیہما رازِ ہوٗنٛز سُنٛد یہِ نظارٕ وُچھنہِ زِ تٔمی اُوٗنُس بہٕ میأنس گلاسَس سٟتی گلاس ٹکراوِتھ ، زَن نرِ تھپھ کرِتھ امہِ سُندرٕ بتھ پیٹھٕ تُلتھ۔

''خبر یاد چھُیہِ'' ، تٔمی ووٚن اَکھ سِپ چیتھ ''مےٚ ونبو مےٚ بجٹ پیش

سَپدِ نہٕ بڑ وٚنھی یہٕ ہا کرٕ ے مار کیٹس پٔنٕنز ساٛرٕ ے سپلائی فی الحال بند ۔۔۔۔۔۔
یہ ہاوانتہٕ اسمان نوٚ بجتہٕ پتہٕ ؟'' مےٚ کوٚرُس ٲلی کلہٕ ستیٚ آنکار تکیاز مےٚ اوس نہٕ کٔنھہ
یاد، تٔمی اوس نامےٚ معموٗلی کتھن پیٹھ سوچنس ٹھاک کوٚرمُت، اِدسہٕ ہا کھ آسہٕ ہے
یا تیٖل، بڑ آزی آسہٕ ہے یا ٹینہٕ ژادرٕ۔

''اِدتی نہٕ تی سَپُد، قیمتھ وٲتی برابر اسمان، اُتھی چھِ ونان Calculation !
انداز، بازرس پیٹھ نظر آسٕنز''

''تہٕ ہا کچ کیا دلیل ؟'' مےٚ خبر کیاز ژوٚل ہکہٕ نیٖرتھ، مُشتھے گوم زِ
پرٛھن معموٗلی کتھن پیٹھ چھُ نہٕ مےٚ سوچُن تہٕ اَمہٕ بڑ وٚنھہ زِ سہٕ کرِہے مےٚ اُتھ
معموٗلی کتھِ پیٹھ سوچنہٕ باپتھ تمبیہہ، مےٚ گرٕ یہٕ وٲنتھ پٔنٕنز غلطی پانٕے دُرست زِ''
ژٕ ے چھیہ خبر پوٚز اپز چھُ تِتھے پٲٹھی بالکل تِتھے پٲٹھی مکان وزماٚنِکس پنجرس
منز قٲد تھِتھ پٲٹھی انسانہٕ سٕنز ذات چھے، توٕ ے چھُ نہٕ دوٚیوٚ منزٕ کہنی اَبدی''

میأنی یہِ افلاطونی بوٗزِتھ گوٚتس ہا گس متعلق میون معمولی کلامہٕ مُشتھ تہٕ
خوش گرٕھتھ لوٚگُم وننہٕ ''وُچھو یہٕ چھس اَکھ معمولی اِنسان، چانہٕ سوچنُک یہِ انداز
گتہٕ ترٕ مےٚ فکری ۔'' ۔۔۔۔۔۔۔۔ تہٕ یہٕ سوچنہٕ تہٕ دپنہٕ خاطرٕ گتھ گتھ گیہٕ

چاۓ کی، کیٛا کیٛا آوآوستھ تہٕ کیٛا کیٛا گوہایہٕ تہٕ کیٛا گوراۓ سۍ، تتھ کھاتس تام دِیُت

نہٕ مےٚ کانٛسی پلنہٕ، پننٛس پانٛس تہٕ نہٕ۔ یئمہٕ وٚہمہٕ زِ خبر پرتیتھ ماودتھِ، ییٚہٕ یئمہٕ

چاوِ زِبہٕ چھُس نہٕ معمولی تہٕ یئم پولرۍ پشلِۍ اَتھ اُگنس بڑوٚنٛتھ گنہٕ اَتھس منٛز ٹیتھ

چکہٕ چاوِ سان مےٚ سوٗگراٗنۍ، تٔمن اَتھن گرراۓ و سوگرمی، کردڑا اکھ ترِ کٹھ کارس

منٛز چاۓ کی گرِ ھتھ پھرٛاٹن خون، تورگُن گونہٕ مےٚ زونہٕ۔۔۔ بہٕ ماوسُس

معمولی، مےٚ اوس تھوٚد سوچُن افلاطونہٕ ہنٛز ہشہٕ کتھ کرنہٕ، خبر کیا کیاوٗنتھ تہٕ کیٛا

کیٛا لیکھِتھ کھرکڈُن، اَتھ وبستار دُینٛ، پتھ گُن کینٛہہ مولُل تراٗ وِتھ گرِ ھُن

یتھ خلق حوالہٕ کنہٕ ورتاوِتھ ہیکٔن، تم تہٕ یئمن تھنہٕ پننہٕ وِزی 'دوٗن سوادِ کر'

اصوٗل بند موچھِ منٛز محفوٗظ چھِ آسان۔۔۔ پرتیتھ روزِ قایم بلکہٕ گرِ ھِ ہُران تہٕ

۔۔۔پوٚز اکہٕ دوہہٕ روٗز پرتیتھ اَتۍ تہٕ شاہ ژھیٚون!

موچھِ منٛز بند شِشتر راڈِ وول دوتھ دُسہٕ پھردِ پٔتھرس پٹھ ڈٕ ہراوِتھ مجموٗعس گُن

"ہے یہ اوس نہٕ کانٛہہ معمولی اِنسان۔ اَسہٕ پزِ چنٛدٕ کرِتھ شایانِ شان طریقس

پیٹھ ژندَن لکرِ ستی اَسُند داہ سنسکار کرُن۔"

امہٕ دوہہٕ پیٚیہٕ مےٚ گوڈنچہٕ لٹہٕ تٔمن پولرین پشلین اَتھن پیٹھ نظر یئمن

زِندگی وبستار دِنکہٕ میانہٕ جنوٗنک قیمتھ اداکرِتھ چاۓ کرتہٕ پھرٛاٹہٕ آسہٕ گامٕژ۔ پوٚز

ووڎِی حاصِل ،مݜون وقت اوس سور یومُت ۔شاہ اوس ژھیٔو نمُت تۂ پرتیتھ ۔۔۔

شاید أس نۂ ووڎِی سوتہِ رؤ زۂمژ ۔

مےٚ وِژأ اندرِمس گُمبندس ژھأنڈ ،سوۂرے اوس وأ ران ، نہ أس آرتھی

تۂ نہ تھالبجہِ صدا ، نہ رازِ ہونزتۂ نۂ دوۂ دَسَر ۔صِرف اوس بڈِس ژھوٹۂ ڈیرَس پیٹھ

اَکھ مُگٔری کاوِ ژھوٹَس دۂ ژھ دِوان ۔خبَر کیا ژھا نڈان ۔شاید پرتیتھ !

-----------

صائبر گلہٕ وانَس تہٕ مہاراجہِ بہودرَس اوس اَکس معاملَس منٛز زبردست ہشَر، سہٕ گوٚیہِ زِ دوشوَے اَسی گُرٕ بن ہنٛدی بےٚ پناہ شوقین، بلکہِ روزِ عاشق وَنُن زیادٕ بہتر۔ مہاراجہِ اوس بہوُدرآسنہٕ علاوٕ مہاراجہِ تہٕ اِمو کھٕ اوُسُس 'فارم' دُنیاہ کہوٚ زائژل گُر بوٚستی برٕتھ صائبر گلہٕ وان گتھ کرِ ہے اَتھ معاملَس منٛز تَس ستی مان، ووٚن گوٚ سہٕ تہٕ اوس نہٕ پننہِ حسابہٕ کینٛہہ کم پایہِ ہیوٚ۔ پوٚز جیٚمس کیہو کشیرِ منٛز ییلہِ تہٕ کائنسہِ جان زائژل گُری سُند ضروٗرت پیٚیہِ ہے سہٕ اوس میلہٕ واد کڈِتھ صائبرس نِشی واتان شاہ سوار

------------

ییمہِ بُستی ہنٛزٕ بہٕ کتھ چھُس کران، یہِ چھےٚ سرکاری بُستی، اِمو کھٕ چھُ یہِ لازمی ہیوٚ زِ سأری مکانہٕ آسَن اَکی اَنہٕ مانہٕ ہیٚوی! ہرگاہ تہٕ وَنو زِ سرکاری بُستی ہنٛزٕ شِناختی چھے، اَمہِ کنہِ مکانَن ہُند یکسان آسُن تہٕ کینٛہہ غلط کتھا آسہِ نہٕ۔ پزٕ رگوٚیہِ زِ مےٚ چھُ اَوَے پرٕژھن بستیین منٛز روزن خوش کران زِ پننہِ وجوٗدِ چ اِنفرادیت چھےٚ بُستی ہنٛدِس یکسان مکرِس میٛژِ رنٛگس منٛز تحلیل سپدتھ میانہِ "بہٕ چھُس" آسنُک بار ہلکہٕ کران تہٕ پہچان چھےٚ محض کینٛہہ حرف تہٕ ہندسہٕ روزان: بلاک ڈی/ بی۔١٠٢ Block -D B-102 (102) ۔ییٚس مےٚ بڑوٚنٹھ بُستی ہنٛدِس یَتھ کمرَس منٛز 'آباد' اوس تیٚہنٛز شناخت تہٕ اَس یہے ---------------------- Block -D /B-102 ! ----- (تحریر)

بأزی گرَن حاوز وردار پأٹھی ڈابر وأتھ دُہچ اَخری کھیل !
ژرِنج اوول ییر نہٕ خأطرٕ دُہچ اَخری گاسہٕ کٹ !
بچ دِژ دُہچ اَخری ٹوپھ !
گوٚلی لاین وأل چلاو دُہچ اَخری گوٚلی !
گوٚلہ کھینہٕ وأل کھیٚیہ دُہچ اَخری گوٚلی !
زہرِ دیُت زالَس دُہک اَخری وار! تہٕ --
مےٚ تہِ لیچھ ژھرٕ ٹھدٕنتھ دُہچ اَخری لأن! ۔ تہٕ اَتھی ستی لوٚس اَزیک سر یہِ ۔ پتہٕ آیہِ رات۔
(شَب گرٕد)